# انہار

(کاشُر شاعری)

(حبہ خوتونہ پیٹھہ محمود گامیس تام)

[خاص شمارہ]

ایڈیٹر

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

مجلسِ مشاورت

ڈاکٹر رشید نازکی، شاد رمضان

رتن لال تلاشی، سومناتھ پنڈت، قاضی ظہور

کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی حضرتبل سرینگر

# ترتیب


- گوڈٕ کتھ — ۵
- خواجہ حبیب اللہ نوشہری — پروفیسر غلام نبی فراق — ۹
- رُوپہ بھوانۍ ہِنٛز شعر پارٕ — پروفیسر پُشپ — ۱۹
- گنک پرشست — ڈاکٹر بی، این، کلا — ۲۹
- رُوپہ بۍ ہٕندِ دِیہ تہٕ تشدد کلامہٕ — موتی لعل ساقی — ۳۷
- حبہ خوتونہ ہِنٛز شاعری منز
  ذاتک شعور تہٕ زندگی سیتۍ وابستگی — مجروح رشید — ۵۰
- مذہبی شاعری
  اکھ نظریاتی بحث — پروفیسر رحمان راہی — ۵۷
- وٲژُن - اَمیک مختلف انہار
  محمود گامیس تام — غلام نبی ناظر — ۷۴
- رُوپہ بھوانۍ ہُند شاعرانہ فلسفہ — سومناتھ پنڈت — ۸۲
- کٲشر مرثیہ
  شُرُعاتہٕ پیٹھہٕ اَزِ کس صدی تام — ولی وحید — ۹۴
- چَک تہٕ مغل دورس منز کشیر
  ہندِ گیتھہ روحانی انہار — بشر بشیر — ۱۴۰

- سوچھ کرال

بحیثیت اَکھ کاشُر شاعر — علی محمد ڈار — ۱۵۳

- اَرنِہ مالہِ ہنٛز شاعرانہ حیثیت — ونود کول — ۱۵۸

- حبہ خوتونہ پیٹھہٕ اَرنِہ مالہِ تام

سیاسی سماجی تہٕ تمدنی مطالعہ — ڈاکٹر منظور فاضلی — ۱۶۵

- اَرنِہ مالہِ پیٹھہٕ محمود گامیس تام۔

کینژن سماجی اندرٛیمن تہٕ سیاسی عواملن

ہنٛز نشاندہی۔ — ڈاکٹر مرغوب بانہالی — ۱۸۳


●

٥

# گوڈنتھ

انہار یہ کین قارٔینن آسہِ پتہ کنِتھ یاد زِ ۱۹۸۶ء کہ سالانہ سیمنار
پیٹھ کوٚر آسہِ پتھ کالہٕ تخلیق سپدمٕت کأشُر ادب مختلف دورَن
تہٕ مختلف صدیین منز بأگرِتھ بتدریج زیرِ بحث اننک اکھ دلچسپ
سِلسِلہ شروع۔ سے امار چھُ سانہِ ثقافتی میراثُک اکھ سلسلہ وار
مُطالعہ ینِتھ اُمید افزا طریقس پیٹھ برونٹھ پکان۔ چنانچہ ییٚتہِ ۱۹۸۷ء کس
سیمنارس منز " زوداہمہ تہٕ پندأہمہ صدی ہنٛز کأشُر شأعری " تمہ وقتکو
سماجی عوأمل تہٕ سیأسی حالات ہینتھ موضوعِ بحث بنیٚ یہ۔ تتہِ آو
۱۹۸۸ء کہ سالانہ سیمنارُک موضوع شُرأہمہ صدی پیٹھ کُنوُہمہ صدی
ہنٛدِس نصفس تام تخلیق سپدمٕت کأشُر ادب (معأصرانہ متوأزی
واقعاتن ہنٛدِس تناظُرس منز) پرکھاوُن مُقرر کرنہٕ۔ الحمدُللہ، سأنی
سعہ کوٚشِش بیٚیہِ دلچسپ تہٕ مُفید ثأبت۔ نہ زَن گو ییوٚرُس اوّن اَکھ
نُمایندٕ ادیبن ہنٛدِس اَکِس بٔڈِس اجتماعس منز ییٚنہٕ ادبی مباحثہٕ
منز آدنُک باگہِ بوٚڑمُت حِصہ لِلہِ واکھن، شیخہِ شُرکین تہٕ با ناسُر
کھتا ہشِتن دستیاب تخلیقاتن ہنٛدِس بُنیادس پیٹھ زیرِ بحث نِنہٕ یمن

تحقیقاتن ہنٛدین مختلف گوشن پیٹھ کاش تراون وٲلی مقالہ آیہ یتھٕ اَنہارٕ کہ اکھ خاص شمارٕ ہِنا چِھ شایع کرنہٕ۔ قدیم ادب پارن سنٛتہٕ کہ بدولت سپُد اَسہِ اَمہِ کنہِ ہِنٛد نہٕ اَنداز زِ گذشتہ شتھن ہتن ؤرین دوران تخلیق سپدِ متینہٕ کاشُر ادبُک یُودوَے اَسہِ وُنِستام سیٹھا کم حِصہٕ دستیاب چھُ سپُد مُت، اَما پوز اَتھ آمتہٕ اَمہٕ کم قلیل ادبی سرمایہ حیثیت چھے بیٚین واریاہن زبانن ہنٛدین ابتدٲیی ادب پارن مُقابلہ کِہیا زیادٕ شاندار تہٕ پہلودار۔ نہٕ کیا زسون ابتدٲیی ادب چھُ وُنِستام سانہِ زبانِ ہنٛدِ تخلیقی امتیازُک، لسٲنی زاوِیہِ جارُک تہٕ فنی کارِتھرٕ رُک آدن اَنہار آسنہٕ علاوٕ اکھ مستقِل معیار نہٕ بابان۔ بلکہ چھُ سُہ یُتھ کال نام درج نہ سپدِ نہٕ برونٛہہ زبانو زبانٮ۪ن بکنہٕ کِس پٔتِس زیٚٹھِس سفرس دوران مختلف تبدیلیٚن ہنٛد شکار سپدِنہٕ باوجود پنٕنہ کالچہِ کشیر ہنٛد لسُن بسُن، اَشن گینٛدُن، مرُن مرُن زندٕ گژھن تہٕ زندٕ گژھو گژھو مرُن تہٕ بیٚیہِ یِتھٕ درینٛٹھہ ہیکان اَنِتھ۔

پٔرُس یعنے ۱۹۸۸ ہکس سالانہ سیمنارس منز اوٚن اَسہِ حبہ خوتونہ پیٹھ محمود گامی ٮ۪س بارس پٮ۪تھ تام تخلیق سپدِمت کاشُر ادب جستہٕ جستہٕ پانہٕ پٔٹھی زیرِ بحث۔ یہ کتھ چھے گوڈے وَننہٕ آمٕژ زِ یتھنہٕ ادبُک سلسلہ وار مطالعہ ریاستی سطحس پیٹھ موضوعِ بحث بناونُک مقصد چھُنہٕ فقط زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ قلمکارن تہٕ دانشورن پٔتِس قابلِ فخر ثقافتی میراثس کُن متوجہ کرُن بلکہ تِہنٛد اشتراکہٕ سیتھ

اکھ مفصل ادبی تواریخ مرتب کرنہٕ خاطرٕ وسیع تر تہٕ وسیع تر مواد بہم کرنچ کوشش تہٕ کرِ۔ میٚ چھےٚ یہ کتھ باوان سیٹھا مسرت محسوس سپدان زِ منٲسب سہولیژ تہٕ زر معاونت پیش نہٕ کرِتھ ہیٚکہ باوجود کرٕ ہمکال دانشورو، محققو تہٕ نقادو سانِس آلوس پژ نہٕ پٲٹھۍ قدر۔ چنانچہ محنت پسندی تہٕ علم دوستی ہُند ثبوت دوان اوٚن تمو شرٲہم قدری تا کتو ہم قدری بارسس آمت کٲشُر ادب زیرِ بحث۔ کینژو مقالہٕ لیکھت تہٕ کینژو سیمنارس دوران مقالن پیٹھ ناقدانہٕ بحث کرِتھ۔ چنانچہ چھُ اَتھ اکہِ اتھ مقالن پیٹھ مشتمل انہار ک یہ خاص شمارٕ امہ کتھ ہُند تہٕ عکس ہاوان زِ اُنہِ چھ واریاہ دانشور ینِس ادبی تہٕ ثقافتی سرمایس مختلف ماخذن ہندِس بنیادس پیٹھ بڈٕ دلچسپی سان مطالعہ کران۔ شایع سپدن والین یمن مقالن ہُند معیار ہیٚکہ بحث طلب آسِتھ۔ اما یوز الحق پزِ یس کُس ہیٚکہ انکار کرِتھ زِ پیٹھ کالہٕ کِس کُنہِ دورس سیتی تعلق تھاوَن والین شاعرن تہٕ ادیبن پیٹھ لیکھنہٕ آمتین مقالن ہندین وِتشل اشارن تہٕ بحث طلب پہلوون نہٕ چھُ بژھک محقق پُز پٲٹھۍ انتقاد تہٕ استفادٕ کرِتھ ہیٚکان۔ لہٰذا اچھےٚ یہ کتھ یقینی زِ کٲشُر لولہٕ شاعری تہٕ صوفیانہٕ شاعری ہندین یمن نمایندٕ ادیبن پیٹھ لیکھنہٕ آمتی مقالہٕ یتھ خاص شمارس منز شامل چھ تیمن پیٹھ آیندٕ تحقیق کرن والی سپدن واریاہس حدس تام مستفید'۔ تہٕ فی الحال سپدِ سانین طالب علمن دریاتس منز شامل حبہ خاتون، حبی نوشہری، روپہ بھوانی، ارنہ مال

سۄ چھہٕ کرال نٮ۪ش مومن صاب ہیوٚن اہم شاعرن متعلق مزید زانکٲرۍ حٲصِل سانہِ آیندٕ سیمنارٕک یعنے پنداہمہِ سالانہ سیمنارُک موضوع آسہِ پہلودار شخصیتُک تہٕ بسیار جہتٕل فنُک حٲمِل محمود گٲمی —— انشاءاللہ۔

پروفیسر مرغوب بانہالی

پروفیسر غلام نبی فراقؔ

# خواجہ حبیب اللہ نوشہری

## شخصیت تہٕ شاعری

نوشہر چھُ دربجن کھنڈ محلن ہِنٛدٕ مشتمل شُمالی سرینگرُک اَکھ حصہ۔ اَتھی نوشہرس منٛز چھُ اَکھ خاندان بسان اوسمُت۔ ذاتہٕ کِنہٕ اوس اَتھ خاندانس گنائی وَننہٕ یِوان۔ اَمی سٕندۍ اَکھ زیٹھ اوس خواجہ شمس الدین گنائی یُس پانہٕ تہٕ جان لیُوکھمُت پوٚرمُت فرد اوسمُت چھُ۔ اَمی سٕندۍ فرزند گیاو خواجہ حبیب اللہ نوشہری، یُس وَننہٕ کِنہٕ ۹۶۲ھ منٛز زامُت چھُ۔ دَپان یِم اَسی کارٕ کِنہٕ نوٚن کِنان بیٚیہٕ اوسکھ اَکھ وائی وانہٕ تہٕ۔ یِم آسہٕ ہَن اَتھی وانس پیٹھ نوٚہمُت باپارٕ تہٕ کران۔ دَپان وانِس اوس خوجہ تہٕ وَننہٕ یِوان تہٕ اَکۍ چھُ ہیمَن خوجہ تہٕ وَننہٕ یِوان اوسمُت۔ شاید چھُ اَمی حوالہ نوشہرکِس اَتھ محلس یِتھہٕ خواجہ حبیب اللہ سٕنٛد استان تہٕ چھُ خوجہ پوٚرناوِنہٕ یِوان آمُت۔

خواجہ حبیب اللہ نوشہری چھُ ابتدائی تعلیم گری بیٚنِس تالِس نِش حاصل کران۔ تیٚمۍ اوس سیٚمہہ گاٹھ تہٕ بیدار مغز.

تہٕ مول اوس اوٚہ کہنہ تہٕ اٚمی سٕندِ تعلیمہ منٛز کٲفی دِلچسپی نٕوان۔ اَمہ دِلچسپی ہُنٛد مرکز اوس ژٕ کھ تہٕ تٔمسٕنٛز ہمدردی تہٕ ہمتَن ہمیشہ دَرناوَن تہٕ سیٚنٛتھ تٲلس اکھ بے پناہ فرحت تہٕ خوشی حاصل سپدان اٚس۔ دَپان خواجہ حبیب اللّٰہ اوس ووٚنہ سٔتہ وُہرِ ہٕنٛز کلام پاک کوٚرُن حفظ۔ اکھ پزٕر یُس بیٚمہ کنہِ ہُنٛد تہٕ کارٕ ثبوت چھُ زِ شہ اوس نہٕ وٕسی پایہ یا درمیانہٕ درجکہ دِماغُک مالِک۔ اَتھ غیر معمولی واقعہس پیٹھ چھُ یہ شعر تہٕ گاش ترٛاوان۔

خواجہ چون روے در دبستان کرد

تا بہ یک سال حفظ قرآن کرد

شمس الدین صابتن اوس پانس منطق، ادب تہٕ تواریخس سیٚتھ خاص لگاو۔ اٚمی سٕنٛد سیٚود اثر گٔژھس ییٚچھس پیٹھ پیون اوس لٲزمی۔ پس گو خواجہ حبیب اللّٰہ دِینی تعلیم تہٕ مروجہ علومو علاوہ منطق، ادب تہٕ تواریخہٕ نِشہِ تہٕ فاضل حاصل کران تہٕ پننہِ شخصیت سجاوان۔ ییٚتی یوت نہٕ بلکہ فلسفہ، علم الکلام، علم عروض، بلاغت بیٚنہِ علاوہ کٔر اٚمی عربی، فارسی زبانن ہنٛز تہٕ سیٚٹھا ژٕرٕ زانکٲری حاصل۔ اکھ پزٕر ییٚتھ اٚمی سٕنٛدی تحریرٕ پورٕ پٲٹھی تصدیق کران چھِ۔ ییٚتیس تہٕ علم حاصل کرنُک مرکز آسہٕ خواجہ حبیب اللّٰہ شٕنٛد تو تیتھ وانتہٕ اوس ضروری۔ اٚمی ژٕھانٛڈ وپسندی وانہٕ نوو شہ نوٚو کدل خندہ بھون مدرسَن منٛز۔ یتہ شہ ملّا حسن آفاقی شٕنٛد

شاگرد سپُد - اَمی چھُیہ نہ صرف اَکھ ناگہ پوٚ کھر بیہِتھ تربیتھ بلکہ کرِکھ
شیخ یعقوب صرفی صابس نِش تہٕ باقی ظاہری علم حاصل۔ مُلّا
حسن آفاقی سِند وَننہٕ یِس اَمِس وۄستاد اوس کرٕ اَمی محمد خلیفس
نِش تہٕ ظاہری تہٕ باطنی علم حاصل کرنس منٛز رہبری حاصل۔ اَمی
حوالہٕ چھُ یمہٕ پاٹھۍ تہٕ وۄنمُت ؎

اے دِل سند از ثانیٔ یعقوب طلب
وایں نسبت ازاں سالک مجذوب طلب
در بیت حزن مقام کُن واز غمِ عشق
آنگاہ ز دلِ یوسفِ مطلوب طلب

یہٕ علم پِسند تہٕ آگاہ موکلُ کرن وول اوٚنڈ پوٚکھ گوٚ خواجہ حبیب اللہ
نوشہری یِس اَکھ صاحبِ نظر، باٚلیغ عاٚلم تہٕ خوٚد کفیل انسان
بناونس منٛز پیٚنٕز اہم کام کرِتھ۔ تمۍ سِند ذہن اوس وۄنی تمہٕ
مُقامس پیٚٹھ وۄنمُت۔ یٚتیتھ انسانس خوٚد اعتمادی ہُند
احساس بیدار سپدان چھُ تہٕ پنُن تجربہ تہٕ وننہ ہاوٕک تہٕ رہبر
بَنان چھُ۔

دۄیان علم حاصل کرنس سیٚتۍ سیٚتۍ یِس رغبت لوٚکچار
پیٚٹھے خواجہ حبیبس موسیقی سیٚتۍ اوس تمہٕ منٛز سپٕز وقت
گُزرنس سیٚتۍ سیٚتۍ زیادہ شِدت۔ خواجہ صاحب لوٚگ پانہٕ تہٕ ساز وایِنہٕ
تہٕ گیوٚنہٕ۔ چنانچہ تمہٕ دورس منٛز اَکس مذہب پسند سُند یِژھ حرکت

باسہ یہ کیٛنژن لوکن عجیب۔ تٔمہ پیٹھ اَز تام چھِنہ اَمہِ مسلس
پیٹھ کانٛہہ خاص تہٕ نٔنۍ فرق سپنہٕ یوٚت۔ ییٚلہ کیٚنہہ مولوی تہٕ عالِم
اَمہِ پٮ۪ٹھ نِشہِ واقف سپدۍ تہٕ سپدان گےٚ تِمو ہیوٚتُکھ خواجہ
حبیب اللّٰہ ہس نِش بدظن سپدنہٕ۔ چنانچہ کیٚنہہ وقت گزرِتھ
کوٚر یِمو لوکو مذہبی تہٕ شرعی نقطہ نظرٕ پیٹھِ نظر شدید ناراضگی
ہُند اظہار۔ خواجہ حبیب اللّٰہ ہس پیو نہٕ اَمیُک کانٛہہ خاص اثر یتھ
روُدٕ پننس اَتھ شوقس پیٹھ برابر قائم۔ مگر کیٚنہہ گۄبہ بڈ عالِم تہٕ اَکھ
محمد حسین خبازی المعروف آخون صاحب یِمن خواجہ صٲبُن اَکھ
ہمعصر تہٕ اوس تہٕ پننہِ زمانُک سیٹھاہ مشہور تہٕ زٕ عمتُک مؤمن
فاضِل ووٚستاد تہٕ شاعر اوس سپُد سیٹھاہ پریشان تہٕ بےقرار۔
شہ اوس یژھان زِ خواجہ حبیب اللّٰہ ییہِ نا اَمہِ وتہ نِشہِ واپس۔
چنانچہ تمۍ کوٚر قاضی القضاۃ سپدیس عدالتس منز اَکھ غیر شرعی
کامہِ پیٹھ خواجہ حبیبس خلاف مُقدمہ دٲیر۔ سیٹھا شور ووٚتھ
لوکو ہیٚتُر اَتھ مسلس پیٹھ بےحد دلچسپی نِنۍ۔ مسلہ اوس تہٕ تمہِ لایق
ییمہِ تہٕ مولوی صٲبن یہ کٔتھ بوزُت کہ خواجہ صٲبس پیٹھ ناروٚنار
تہٕ ناراض۔ فتوٰی آو دِنہٕ زِ یہ حرکت چھےٚ بدعت۔ یمی پتہ چیزس
بدعت وَننہٕ ییہِ تمہِ نِشہِ پرہیز کرُن چھُ ضروری بنان۔ چونکہ فتوٰی
اوس خواجہ حبیبس خلاف پیٚتھ گوٚڈُنہ شہ اَکھ پیٹھ بیقراری تہٕ
بیزاری ہُند اظہار کرُن۔ مگر تہٕ سپدِ نہٕ کیٚنہہ۔ خواجہ صٲب

روٗد پۄر پأٹھۍ پُرسکوٗن تہٕ مُطمیٔن۔ کُنہِ قسمُک اضطراب ہیوٚو نہٕ تِمو۔ البتہ کوٚر کمہِ یمہٕ ہیوٚ شعر پیش ؎

مرا بہ حبیب و شراب و رباب
قرارے نہ باشد بہ دارالسلام

دپان ینِنس بچاوس منٛز ووٚن خواجہ صأبن زِ بہٕ چھُس اکھ بیمار۔ تہٕ میانہٕ اَتھ بیمارِ چھُنہٕ سماع روٗس بێیہ کانٛہہ دوا۔ یُس دوا کیٛنہٕ بیمارن شفا بخشان تہٕ دیہ تِمیک استعمال چھُنہٕ ناجائز نہٕ خلافِ اسلام۔ یمہٕ پأٹھۍ روٗد خواجہ حبیب اللہ موسیقی سیتۍ پننہِ دِلچسپی برابر قائِم تہٕ دأیِم تھاوِتھ۔ کانٛسہ ہندِ فتوٕی دِنہٕ سیتۍ یا دھمکی سیتۍ یا شورٕ شرابہٕ سیتۍ سپدِ نہٕ سُہ پننہِ وَتہٕ پرٛاوِنہٕ یا پتھ تیار تُس۔ اوس یمہِ کتھِ ہُنٛد ٹھیک پأٹھۍ احساس زِ سُہ کیاہ چھُ کران تہٕ تُس کیا پزِ کرُن۔

ساز سنتور ڈیرِ — در شریعت نو چھے
عاشقس قی بس چھے — دِلہ خۄش گژھ ووڈیوٚے

ساز سنتور تہٕ ڈیرہ ورتاونہٕ علاوہ چھُ خواجہ حبیب اللہ نوشہرین شاعری تہٕ کرہِ ہِش۔ عربی، فارسی تہٕ پننہِ مادری زبأنۍ کأشرِ منٛز پأٹھۍ تہٕ۔ اکھ سارۍ یمہٕ شاعری منٛز یُس شخص شکلان چھُ سُہ چھُ یژھ تہٕ تصوف عاشق تہٕ صوفی بزرگ سُنٛد یا پأٹھۍ انسان دوست عامِل، پرہیزگار تہٕ انتہائی حساس چھُ تِمو پیٚتیو نشہ سیوٚد بالا تمن ہندیو شکار

عام طور زاہد تہٕ زُہد پسند لُکھ سپدان چھہٕ ۔ طمع دُنیادٲری، کینہٕ، ذات پسندی، ریاکٲری، حسد، بیترِ چھہٕ اَمی دُنی ہِہِکو پاگواہ ہیمہ چھہٕ تِم خطرناک چیز یِم یوٚتام تہٕ انسانس پیٹھ سوار روزن شہ روزٕ یدی ہٕندِس آولینس منز گیرِ ہیچھ کران تیس نِشِ دوہ تلہِ ضرور اَکہ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ شرٕ تہٕ بیٚیتیتھ شرٕ آسہ نتہٕ حبابہٕ خاۓ ژھاڑن چھُ ویرِ ٹھنگ منگنس برابر ۔ بہتر تہٕ اَفضل انسان چھُ سُے یُس یمو نِشِ بالاتہٕ بلند آسہ ۔

دنیا عجوزہ ایست کہ کشتہ ہزار شوی
اے دل ز احمقی مکن این بیوہ را نکاح

دپان اَمہ سٕندِس فارسی دیوانس منز چھہ غزلیات، رباعیات، مستزاد، ترجیع بند موجود ۔ اَمہ علاوہ چھُ یمو اَکھ رسالہ رسالۃ الانصافیہ لیوکھمت، یُس عربی زبانہِ اَندر چھُ تہٕ یُہنٛد اَکھ مخطوطہ کشمیر یونیورسٹی ہٕندِس تحقیقاتی شعبس منز موجود چھُ ۔ تمہ علاوہ تہٕ چھہ تمو راحت القلوب، تنبیہ القلوب، مرآۃ العیوب رسالہ تصوف و مقامات مُرشد یتھ کُن تراٚوی متہ ۔

۹۶۲ھ منز زینہٕ بینہٕ سٕید خواجہ حبیب اللہ نوشہری ۱۰۲۷ھ منز سانہ توٲرِیخک اَکھ حِصہ ۔ دپان تِمن دوہ ہیٚن وولتہ کشیر اَندر زبردست وَبا، خاندانک ہیندی خاندان گیہ خٲلی ۔ اَتھی ظفانس منز سپد یہ یتیمہ لوکن ژونگ تہٕ ژھیتہٕ ۔ دپان تمو سٕند مرشد بینہٕ

سپد وبہنک زور ختم تہٕ لوٗکن میوٗل سکوٗن۔ زنٛنہٕ تِمو اَکھ طُفانس پنٕنُ پان چھَپہِ دِیُت۔

خواجہ حبیب اللّٰہ سٕندِ زمانہ چھُ جہانگیر سٕندِ زمانہٕ آسان۔ اکبرن اُس کشیر زینِتھ مژ تہٕ جہانگیر سٕندِ وقتہٕ اوس وۄنی شہ گردِ طوفان بیٚہِتھ گومت۔ یُس سیاسی لِحاظ وۄتھمت اوس۔ حالانکہ اُسی کتہ کور بدلیمت۔ تہذیبی تہٕ ثقافتی لِحاظ اُس فارسی زبان وارِیاہ بڈ وَنِتھ پیچ مژ تہٕ اَکھ اوس دۄہ سۭتۍ پَتہٕ دۄہ عروج حاصل سپدان۔ یُس خوشگوار دور کاشُر زبانۍ خٲطرٕ خوتوٚنہٕ ہیٚندِس زمانس منز نصیب سپدنک خیال آسہاہ سہ کوٚنہٕ پوٗرٕ کینہہ۔ دربار دارۍ کرن والۍ تہٕ اُسی فارسی بولن والۍ تہٕ غیر کٲشرۍ تہٕ درباری زبان تہٕ اُس فارسی۔ یُس کُس پٔرٕزِہ ہا کاشِر زبانۍ۔ تِتھ تہٕ اُسی ہینہِ مسلہ تہٕ تِم ساری مسلہ ہیٚکہٕ ہِنا تِتھ زمانس منز حل سپدِتھ چھُ وُچھانہٕ تِتھ اَکھ مسلہ بنان ییٚتھ پیٚٹھ کُنِتھ باتھ کرنچ کافی گُنجٲیِش چھےٚ۔

خواجہ حبیب اللّٰہ نوشہری سٕند فارسی کلام چھُ اَسہ ییٚمہ پٔزرٕ نِش باخبر کران زِ تِمۍ اوس وارِیاہ فارسی شعر سرمایہ پوٗرمُت۔ تَس چھُ پنٕنہِ شاعری منز ییٚمن ہٕندِ اَکہ نٔنہٕ بیٚیمہ رنگہ اثر ہیوٚمُت۔ یمو فارسی شاعرو منز چھُ اَکھ اہم شاعر حافظ شیرازی تِمو سٕندِ اَکہِ مشہوٗر غزلُک مطلع چھُ۔

اگر آں تُرکِ شیرازی بدست آرد دِلِ مارا

بخالِ ہندوش بخشم سمرقند و بخارا را

وُچھو توٚ وونی خواجہ حبیب اللہ نوشہری سُند اکھ غزلُک مطلع

اگر روزے بہ بینم روے آں شاہ خراسان را

بخطِ وے خط بخشم بہ خالِ وے بدخشان را

حالانکہ یِمن دوشعرن شاعرن ہُنٛد زمانہ چھُ مختلف۔ یِمن درمیان چھُ دوٚن ہتن تہٕ شیٚبیہ ترٛہن ؤرین ہُنٛد دوٚر۔ مگر یِمن ہِنٛز شاعری ہُنٛد انہار، یِمن ہِنٛز لفظِ ژاٚر تہٕ آہنگ چھُ گٔژھ۔ یہِ کینٛژھاہ سیٹھاہ برونٛہہ حافظ شیرازن وُنہہ کوٚمُت چھُ تی چھُ بیٚیہ بیان کرنہٕ آمُت۔ مگر امیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ تمام شعر چھِ اَکھی بیٚیس پیروی کران۔

خواجہ حبیب اللہ نوشہری ین چھِ کاشرِ زبٲنۍ منٛز تہٕ شعر وٕنۍ ہِتۍ۔ مگر امہِ شاعری ہُنٛد چھُ اَمیہ ناوٕ واریاہ کم کینٛژھہ ووتمُت۔ یہِ کلام کتہٕ چھُ، کس نِش چھُ، تہٕ کونہہ چھُ، چھُ وُنہ تہٕ اکھ سوال۔ یہِ کینٛژھاہ اَمیہ ناوٕ ووتمُت چھُ ... ... ... ... ... ... ... ... ... ... ... ... ... تَتھ منٛز چھُ اُڑِس اکھ رنگ تہٕ اُڑِس بیاکھ۔ پتہٕ چھُ یہِ۔ کلام خواجہ حبیب اللہ سِنٛدین مختلف دوٚرن ہِنٛزِ بنٲ نشاندہی کران۔ اَسہِ نمو کھ ہیٚم شعر ــ

زُلفن یِنہٕ شمار ہو نقشن پیٚٹھ بینگ چھُم

کاکُل ونٛجیان گژھان ناوٕ بدار۔

## ہاٹُن تہٕ خنجرن پانہٕ وٲنی جنگ چھے

گٔھس دمہٕ دمہٕ کلہ ڈُن نار

یِمَن شعرن ہُند فنی حُسن اَکھ خاص کُن خطاوت بِیس یِمَو نِشہٕ ٹاکارہٕ پانٛٹھو نظر گژھان چھُ چھیٖہ یِم تِمہٕ دوٚریٚج لٔٹ ندٕری کران، بیٚیلہ خواجہ صاحب لوکٕٹ آسیٚہ جوان آسیٚہ تہٕ بیٚیلہ تِمیٚ پنٛژ ژھانڈو پسندی ہیٚنز نٔرٕگ یِم یِم دزان آسیٚہ۔ یوٚنٹ وَق گژھ ہٲکھ چھیٖہ شہٕ وُشنیر آز تہٕ یِمَو نِشہٕ حٲصِل سپدان۔

وۄنی نی نو کھہٕ یِم شعر

ژٕٹے رژس دِپن کیٚہو بہٕ یو مدنو

میانہٕ مدنو لدیو داں پوش نٕہی

یِم شعر چھیٖہ بیٚیہ اَکھ دۄریٚج تہٕ تنجر نیچ داستان پیش کران۔ یِمو نِش پٕچھے جُدٲیی ہیٚنز دگ وۄلان تہٕ ننژھ اَچھ بروٚ ٹھہٕ کُن یوان یُتھ منز اوش تہٕ رقص کران چھُ۔ شہٕ دِل ییٚتھ انتظارک ستم نالہ زیادال چھُ۔ پیٚٹھ کشیرِ ہِندِس بہارس منز بیٚیلہ یی ہکر وُنہٕ دٕرٕتلِن وۄلِس مُشک ژھٹان چھے تہٕ داں پوشن ہیٚنز وۄنہٕ ریٚج وۄنہٕ ریٚج ریٚٹہہ وۄلسنس اَنان چھے۔

یُتھ یِیوٚ نظم پارہٕ چھُ میلان، یُس یِمو دورو بیٚنہ بیٚیہ اَکھ دۄریٚج تصویر پیش کران چھُ۔

گُنٹ کنز آوِیے

جلوہٕ مارن دژاوِیے

نخن اقرب باوٕہیے          دوہ لہ گژھہ دو ذیوٹھۍ

یم شعر چھہ تس انسانس بدیہ کڈان یُس پرٛاُوس پیٹھ وُتھمت آسان چھہ۔ اکھ قطرٕ ییس صحراو منٛز پکیتھ پنہٕ ذرٕ یاوُک جلال تہٕ جمال وُچھتھ اَتھی منٛز پنُن پان کھنہ لاینکُ سلیقہ تھاوان چھُہ تہٕ پانہٕ یوٗتے دریاونان چھُہ۔ یس اطمینان آسان چھُہ۔ یُس تمام وٲسوٕ سونٛنش بالاتر سپدمُت آسان چھُہ۔

ییٚلہٕ اَسہِ اَتھ علمی تہٕ ادبی پوٚت منظرس منٛز خواجہ حبیب اللّٰہ وُچھان چھِ اَسہِ چھہ بیٚیتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ تِمہ اوس پننہٕ زمانکُ اکھ بُزرگ شخص تہٕ منفرد دانش ور۔ اکہ طرفہ انتہائی مذہب پسند، بیٚیہ طرفہ موسیقی ہُنٛد دلدادٕ تہٕ وُستاد اکہ طرفہ عالم تہٕ صوفی صفت تہٕ بیٚیہ طرفہ تردٕ جانٛخ شاعر تہٕ فنکارٕ پرزٕ چھُ یی زِ خواجہ حبیب اللّٰہ سٕندِس کلامس تہٕ کارنامن پیٹھ تحقیق کرنٕچ چھے وارِیاہ گُنجایش۔ ضروٗرت چھے یمہِ کتھِ ہنٛز زِ انسان، عالم، شاعر، صوفی، موسیقار تہٕ دانشور خواجہ حبیب اللّٰہ نوشہری یمہ پنٛنۍ اصل وصف ہیٚتھ تِمہ کلامہٕ تہٕ نوادرٕچہ سیتۍ نوٚن کڈنہٕ یُس وُنہٕ تہٕ کھٹِتھ چھُ۔ اکھ شعر یتھہٕ منٛز باقی پرٛزو علاوہ کُنہ حدس تام خویش اعتقادی ہنٛد ریٚ بالہٕ گُفتگو قدمایی تہٕ ضروٗرِی آسن تاکہ تمہِ جایہ نِش وانُن سپدِ آسان بور کُن مےٚ اشارٕ کوٚر۔

# روپہ بھوانہ ہٕنٛز شعر واکھ

روپہ دیدِ ہندین کلامس مُتعلق چھے یِنہٕ پاٹھۍ زٕ ہٕٹہ دٕنۍ کتھا کرنہٕ یوان زِ سہ کیاہ اُس یُس ییٚزٕ گاشرس منٛز بدٕلے گوتام ییر کتھ باوان، یوسہ از فِکرِ نیران چھےٚنہٕ۔ مرحوم آزادن چھُ اَکھ سلسلس منز کٔل ہیٚتھ اَکھ جُملہ لیوکھمُت زٕ:

" سنسکرت آمیز کشمیری زبان میں روپہ بھوانی کے متعدد واکھ ملتے ہیں جن کا معتد بہ حصہ ایک ٹرسٹ سرینگر کے ذریعہ دیوناگری رسم الخط میں طبع ہو چکا ہے۔"

(کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد دوم صفحہ ۲۲۴)

نموٗنہٕ رٔنگۍ چھُ آزاد ژور واکھ دِوان۔ اَکھ اُردو ترجمہ سان' شہ مصرعہٕ ناتہٕ باقے ترٕشے ترجمہٕ روٚس سٕتۍ ژٕ مصرعہٕ ژٕ مصرعہٕ۔

ییٚتھے کنۍ چھُ پروفیسر جے لال کول صاحب روپہ بھوانہ ہٕندِ نٕ واکھ انگریزی ترجمہ سان دِوان تہٕ یمن مُتعلق یوٚت لیکھان زٕ:

"Which are esoteric and in

a language somewhat obscure and now become obsolete ......" (Studies in Kashmiri - p. 44)

رۄپہ دیدٕ ہِندرِ واکھ تہٕ وَژُن چھِ بےٚ شک سیٚر کٔتھ باوان۔
تہٕ ہیٚنہِ زبان چھےٚ اَز سہل سہل فِکرِ تراوان۔ یوٚژ آمی کنہِ ما
دِزِ اَکھ کلامس نہوون کلہٕ۔ لل دیدٕ ہِندِس کینہہ واکھ تہٕ چھِنا اَز اَرسہ
گوٚبٕر ہیو باسان، تِمن کِنہِ یژھ کٔنہہ ہانِہ پکا شکو واکھ چھیٚ
باسان یا یژھ کیٚنہہ نٔنہ پرٛیٚتھیٚنہِ تِم کیٚنہہ شٲرکی باسان چھِ، یِمن
پنڈتی یا سنسکرتی کلام وُنہِ زِ تُتہ اوٚک پاسے تراوُن یوان
چھُ۔ تہٕ کرِتھ زبٲنی ہِندِ سہل یا مُشکل آسنے چھا شارِ باوژ ہِندِ
موٚلہ ہیران؟ یا ناسر کتھا یہ تعلق کیا دُنٕ زِ تِیلہ؟ اَزچہِ شارِ باوتھ
چھا گٔٹشہ کینہہ یہ؟ تہٕ شارِ باوتھ چھا ہر ہمیشہ اکی ڈیٚکہ روزان؟ اَکی
رنگہ وتہ تالان تہٕ اَکی آہنگہ گنہ رایہ سے کران؟

ہیوٚن ہیوٚن وقتہ کیٚن گوٚنہ ماتن ہنز چھینہ کتھے۔ اکی وقتہ
کیٚن ہنز شارِ باوتھ تہٕ چھےٚنہ ہمیشی نظر گژھان۔ بلکہ کانہہ تہٕ
توٚنہ ماننہ چھےٚنہ پیٚٹھ حالتہٕ ہنز ہمیشی شارِ باوتھ ہِندِ یا ہِندِ آسان۔
شارِ باوژ ہِندِ موٚلہ ہیران چھےٚنہ زبٲنی ہِندِ سہل یا مشکل آسُن، بلکہ
موضوعس مطابق آسُن، پَزُن آسُن، پُژوُن آسُن، یکباز موضوع
تہٕ اسلوب چھِ یا پہ دانٲنی نال رٹوَنی چھےٚ شارِ باوژ وقتہٕ وتھ

پیٹھکان۔ تہٕ موضوع چھِ ینہٕ اُسلوبہٕ نِشہِ بیہ نیایہِ رۆزِتھ گوٚنہٕ ماتہٕ سپدِس تصورس مٕنز ژھاپہِ گژھتھ کران۔ تاہم چھُ عملی وجوہاتہٕ ژٕنگ اسلوٗب دُروہ تھ باسان۔ اَندرِ کینہہ موضوعچ منگہِ رٕژنٕ ناوان۔ تہٕ یِیہِ کینہہ زبانہِ ہیٚنہ اجتماعی وانتہاورِکہ انفرادی امکان ہُنہ راوان۔

کانہہ گوٚنہٕ ماتھ یِتھہٕ سماجی ماحولس اَندر پلان تہٕ پرٕتھان چھُ، تمہِ کِس تہذیبی میراثس اَندر چھُ ماجہ زبیو ہنٛد تقاضہ بیکھ پوٚت منظرنہٕ تشخص ضروٗری، یِتھہٕ تمن حالاتن ہُند چھِ یِہمن اَندر گوٚنہٕ ماتھ ذہنی طور چھُ۔

روٚہ ہیٚہ دِیدِ ہٕنٛدِ دورس پتہٕ ہیٚلہِ اُسی نظر تراوان ہیٚچھ لبنہٕ چھُ دیوان زِ کاشُر زبان اُس فارسی زبانہِ ہٕنٛز بالادستی تَل یِیہِ بیٚہ دسگاہ ہش گٲمژ۔ پُرِ میٚتھ لیکھی میٚنز کاشرِ اُسی ییٚژ پٲٹھی فارسی زبانی مانزان تہٕ کاشُر زبان اُس لگیہِ اَدبہِ کِس سوٚتَرس پیٹھہ ژھوہ داران۔ گاہے لولہِ وَژنس اَندر بوس دِنہٕ نگ سوز بوز ناوان۔ گاہے ہیر باوژ ہٕنٛد اوٚیل زاوِیل کاہ ژھٔٹان۔ دوشوے صورژن منز اوس حُلیہ تلہٕ لوکہ باوژ ہٕنٛدے بہتر وسیلہ جار تراوان۔ تہٕ روہ پہٕ بجوانہِ ہیٚنہ کوہ ہم کال گوٚنہٕ ماتھ اُسی اَمی لوکہ کاتر شمار کران۔ چنانچہ حبیب اللہ نوشہری، اکمل الدین خان بدخشی تہٕ جُمہ بی بی کُن یِم وژن منسوب یوان چھِ، تمہِ چھِ اُتھی کمتھ کُن اشارہ کران۔ علاوہ کہ ما آسن کاشرِ موسیقی ہٕنٛدِین مباحثن اَندر

رٕژھر ادنہٕ آمنٕز پسپار وَژن تہٕ اَمی راد منہٕ کارِکی۔

خاطرٕ، رۄپہٕ بھوانی اُس نہٕ کانٛہہ پیشہ ور شاعر یا عوامی گونہٕ ماتھ، بلکہ اُس پنٕنہِ من روٗحٲنی تجربن ہنٛدہ آیہ منٛنہٕ تیٚژ زیوٚ دِنہِچ ووٚتھ ژھانٛڈ کران۔ لِہٰذا چھےٚ اَتھ کلامس منٛز تجربٕکۍ، ورٕنکۍ تہٕ اُسلوٗبکۍ نِصابی اَنہار ژھارنہٕ بیہہٕ نہٕ کمہ بابتھ؟ یِزٕ چھُ نہ سادن، سنتن، صوٗفیَن تہٕ درویشن سٕنٛزٕ ووٚتھنہٕ بیہنہٕ کنہِ تہٕ پننہِ اندکُن پٲٹھ پانٕس سام ہیٚنہٕ چہِ سادنا یہ کنہِ آو رۄپہٕ دیٚد ہنٛدین پان سرنہٕ کیٚن تجربن سٕمٛتھاہ سنٛزٕ۔ چنانچہ بادتھ تہٕ رکوزین کریٚکۍ پٲٹھ سنہ شوٗاما کھیچر روٗدُس کم۔ سوٗدرٕک ہیوٗشہ وُسہ چار آونہٕ اَتھ منٛز بسن وا لکھن اندر درٛشٹھ ہوان چھُ۔ حالانکہ للہ دیٚد ہُنٛد روٗد رۄپہٕ بھوانہِ ہیچھ سوٗن تہٕ دوٗر اَثر۔ یوٗتاز سعہ چھےٚ پننہِ ین واکن منٛز تہٕ نخہٕ وانہٕ للہ دیٚد ہنٛزٕ موٗلہ گوٚہ رمانان۔ اَمیس پتہٕ چھےٚ پننہِ نس ہالِ سٕنٛد ناو ہیوان تہٕ پتُن شوٚ سٕنٛد!

رۄپہٕ بھوانہِ اوس لِہ کھار پانہٕ پیچھے للہ واک سوٗارمت ہالِس پنڈت مادھو جو دَرس نِشہِ اوسُن گوٚر ووپدیش تہٕ ہیوٗتمُت۔ اَما زَنتہٕ اوسُن للہ واکھ آلِس منٛز زیوٚ تہٕ بوزمُت، ییٚم شنیخ اوسُس گوٚمُت۔ گرس اَندر تہٕ اَندرٕ پکھی ہمسایہ گرن منٛز ییٚم فکری ماحول باگہ اوسُس آمُت، تمہِ منٛز اوس شوٚ درشنک پراگاش تہٕ صوٗفین ہنٛزٕ روشن ضمیری ہُنٛد گاہ تہٕ۔ ہالِس تشہِ ادا آدیہ

سنسکرت تہٕ فارسی دوشوٕنی زَبانن ہُنٛد اوپ ژوپ تہٕ گورمنٹ تہٕ شارکا بھگوتی ہٕنٛز بھکتی ہٕنٛد عالی میراث تہٕ پرٛوومٹ۔ اَما سادھنا تہٕ ہٕنٛز اَتھ وَتہٕ پَیہچھ برٛونٛہہ برٛونٛہہ نیکنس آس نہٕ وارو وانہ۔ اَکھ کتھ اُسس ہش بیزار تہٕ بیٛیہ طرفہٕ اوٚسس سامی نالان۔ آخرس تہٕ واٮ۪ہٕ مالیٚنٛہ گرٛ واپس تہٕ لَگ للہ واکھن بیٛیہ ہٮ۪ن سنٛنہٕ۔ تہٕ عالی ہٕنٛز رفاقت یہٕ کینٛژھا سوٚرن تہٕ ونہٕ گوٚرٕن تمہٕ چھی روزِ دٕ ونہٕ نکنگہ راہ رے کران۔ مٕنٛزٕ مٕنٛز وَاکھن تہٕ وَژن مٕنٛز باوان تہٕ۔ ہٕنٛز مٕنٛز لیچھمٕ اُسس پانہٕ آسہ ہے لیکھی لیکھی تہٕ تھاوان۔ اَما اُمی سٕنٛدہ اَتھک چھنہٕ ڈُنیک نام کانہہ تہٕ نوسخا اَمُت بیٛیہ کہٕ مَد تہٕ اَمہ کلامک متن تہٕ کھرٛ ہیٛکہ ہے سپدِتھ۔ یِمہ متن ڈُنیک نام چھپے مٕنٛز چھہ تمن چھہ رنگہٕ رنگہٕ کھُرتِو تہٕ وکانہٕ۔ یِمہ کینٛہہ رنہٕ پتہٕ دیدٕ ہٕنٛز شارہٕ باوژٕ اَر درٕسام ہیٛنٛش ڈُنہٕ تہٕ ٹھوس چھپے یوان۔

کُل بیٛل چھہ ڈُنیک نام ۱۴۵ یَنٛدٕ اَسہ نام واتی مٕنٛز۔ ۱۱۷ واکھ تہٕ ۲۸ وَژنہٕ بیٛنٛدِ یِمن مٕنٛز روان دہس شلوکی تہٕ ناریچ وَژن نما شرکو حال تہٕ ڈیلی مٕنٛزٕ تہٕ دُوم تی آدُم پانے‘ دوچھ وول) وَژن تہٕ شامل چھہ)۔ تاہم چھہ یِمن اَندر، کینٛژن قلمی نوسخن ہٕنٛدِ مَدتہٕ، کینٛہہ اکھ تہٕ وَژن تنھو تہٕ نظر گژھان‘ یِم شارہٕ باوژ ہٕنٛز کم کاس نشانہٕ دہی کرنس مٕنٛز پکنہٕ ان چھہ۔ چنانچہ پان پیٚنہٕ تاونکہ بجروک ییٚش لولہ گیٚمس یِمن مٕنٛز نوٚن نیران چھہ، تہٕمہ مٕنٛز چھہ للہ واکھن ہٕنٛد لوٚت آلوٚ ہیوٚ کُن

گرٛنھان۔ پننِس اکس غازٕ روایتی واکھَن منٛز چھےٚ رٕ وہ پٕزِ ڈیٛڈرٕ یِتھےٚ

کَنھ ییتھٕ کٕنٛنی باوٕ منٛز:

" باغ ترٛاوِتھ باگہٕ آیِس پرم، سرس نارس تہٕ نرس شٕرنہٕ آییٚ

للیشورس گورس مادھو شوس ہیواد یوس ساکارس نراکارس

اننتر کیس سنتس ورتس اہم ندوسدا مادھو رَوہنسا اوٗنمٕ سُرد "

تہٕ جِیتج کتھا چھےٚ نہٕ رٕوہ پٕزِ بھوانہٕ ہشیرٕ دانیہ منٛز چھُ للہ واکھن ہُنٛد

رنگ حبایہ جایہ نوٚن نیران۔ لل دیٚد ہیٚنٛدی پاٹھی چھےٚ

رٕوہ پٕزِ ڈیٛڈرِ نہٕ شوگاران شنٛنیک تہٕ سینرک بیسر باوان تہٕ لوکہ

ویوہارس منٛز ییمی حیاتہٕ دیہ لول سینرک باند باند کران۔ اما منٛز اَرِتھ

تہٕ چھُ اتھ باوٕ پننی بلیوٚن آہنگ۔ رٕوہ پٕزِ بھوانہٕ ہُنٛد آہنگ۔ تسنٛد

وَننہٕ:

(۱) باو ہیوِن ہیِن نہ ناو چھُے کرٛان   اشٹن انگن آسے پےٚ

لیےٚ یونٛس مےٚ چھُے پانٕس   مانُن نہ پانٕس نِش چھُے شےٚ

(۲) ییتہٕ کُنہِ وُچھن ننتہٕ پانےٚ   عرفہٕ دھیانہٕ رٕ وُٹمس مٕعٕ چِنٛد

رٕعِ چھ یہٕ کانٛش تیز رٕ پانےٚ   مےٚ زانِہو میانہٕ چھُ

(۳) دشان تہٕ دیشن حاران گیس   زنٛشانہٕ اوٗنمس شونیا سیٚیی

ژھل لوٚد چرکس تہٕ کل آیہ مشان   ییمن شینن مانہٕ وٕہ شات بُییےٚ

(۴) سمدرٕ پیالہٕ نہٕ مودٕرٕ داس   آدےٚ کیٚیا سنہٕ ہنگرستےٚ

گگنیان رٕ رکھ نہ شونیا آسن   آشن ناشن سیٚتی چھُےٚ

(۵) بۄوان پانہٕ تہٕ زُوان مانہ تہٕ نوان ٹھکھ

نانا پرکار گنڈان مانہ رندان پانہٕ ہیوان نیتھ

یوان پیالہ تہٕ چھوان پانہ بھوان پانہٕ تہٕ کھیوان ٹھکھ

بوزی تو پان سرنہ چہ اَتھ وۄہ بتھ ژھانڈ اندر ٹِکہٕ رۄزہ پیٚچ بھوانی تہٕ للہ ہِندی پاٹھؠ یوگ سادنہٕ کیوہنز لو منیر بتھ پوت نظراتہٕ اوان تہٕ یَڈ، وژھہ سان بژنہ نہہ بژوٚ شہ پکینچ کل گَتنہٕ راوان تہٕ یمٕہ باوٕژ چھ رۄزہ پیٚچ دیٚدِ ہِندی استعارٕ نظامس سیٚتھ مانہٕ سور اَتھ روٚٹ کوٚرمٕت۔ مثلن:

" پانالہ ژھال پھیرِتھ تہٕ کھورُم میٚے ژٔے کنین منٛزی اوٚنمُے

اچھِ ند وُزمُم تہٕ گلہ مدہ پیوم پرجھوتم ست پیٚنہ ولم نہ ییٚنہ

کھان تہٕ شبد شنُم آہنگ سارنگ وینا سرنگ

میٚے دو پیالہ بٔرِم مدکی میٚے در ہالِ پیوم سہ دو!

مَدکی ییم پیالہٕ چھ سہز عرفانکو تہٕ یس ییم پیالہ باگرین تس چھُے سأری عمل تہٕ عبادتھ رٔتِھ کھسان۔ کیہ تہٕ ہِندِ سہزنہ لہ سیٚتی چھُ شنکرس گوڈ دِوان تہٕ اندری درِوُن اناہد شبد (یعنی صدا سے بے حرب) بوزِتھ چھُے سو ژیٚنان نُنِت!

" پوشہ نول تہٕ وینا دِز کرنے شنکھ تہٕ گنٹا وائین

کرِہ ند وُزِ دِوان شنکرس گوڈ "

لل دیدِ ہِندی پاٹھؠ چھُے رۄزہ پیٚچ دیٚدِ تہٕ کیہدارکہ اندرٕ کوٚزدنہ

مٿيهه جي ڇپيه روست ڪرم ڪانڊڪ ۽ ٻاوٿ ڍهوڙ ته ٽهوڙ ٻاسان-
کھو کھڙ ٻاسان. ٺوٺ سنڌي ٻاٺو گيتا يه هنيدي ٻاکٺ ڇپس
بيڪار ليبنه پوان- ٻين وجود پڙرس آيٽ ٿڃاوتي اُس سعه نياز ته
ته نويد زانان. ڪردار ڪه اَمه هيچ وکهڻي ڇپهي سعو ٻيمن لفظن مٿر ڪرڻ

" ادم ڪرباڪر سرو روگ لهر ڪيائي ٽهال ڇپر تانه تانه دلبر
سائري رسه سهور سوي اُگيته ونر اکهنڊ مبيگنيه ڪرائڻ
گيتا پڙهي ٽِيتمه ڪسال موڙ-
ٿس ٿيهه ٻيي مڌهر رس ڪيه ڪنيه ديه
ڪونڊ هيه کهنڊ ٻيهه پڪش ديهه
شري ڇپل زاچل ڇپل ٻيه مورهڻه شير نيو يدس جي !"

ٻيهه ڪنڻ روز رهه يه ٻهوائي ٻوگه ساد نا يه هنسز اُندري شڃپه ته ٻاوڻ
ته پان سرته ڪين ڇجريتن ٻيند اُدله ناوي جانڪ ٻاس ته ديوان مثلن
ني نوتن يه واک هانڪل :

" ديهه اننز شنپٽ سووم جڳووم تريا آيي
اناهوت آنند ملووم ملووم اناهي ٿيي "

تدريڊپ مٿي پان للووم ٻچيس ساوته ڪينيه رووم نئيا!
يا سرمستي هنڌ ريه آلو :

" ورنه ست تت ٻودهه سنڌه اچارا
ٻيي ويچارا ويد نه ٻوگ

(۹) لل مادھو یشو ایکو ڈم

(۱۰) نہ کینژہ ٹھو نہ کینژہ نژراو

(۱۱) رمہ رمہ آو اوتار

کینژہ واکھ نہ وَژن چھِ ردہ پۆ بھوانہ میلہ میشیہ زبانی منز نہ وُڈ ہیتی۔ کأشرِس سیتی یا نہ پسنکرژتیج میلہ وَن کرِتھ شتہ ہیندی زبانی ہنز زبأنی ہیٚشہ دۄیم رنگہ وِہِ چھِ دراصل کینژن چھ رنہ رکین ہُند نتیجہ۔ وأرِو نژأرِتھ بیٚیلہ رُوپہ مالیکھ پھیبرتھ پینس پیچھٹ مجبور سپنز دارِ برہ نژرو پِرتھ بیہتھ تہ تجربہ رَوأنۍ۔ وأژی برن چشمہ صاحبی، پتہ مانہ کأم وشن ہیتر تہ پأنتس واس کرُ۔ عام لُوٗ کونیشہ سپنز دور، بلکہ ژھینہ خاص خاص سیوا کارشتہ یا عقیدتمند شندے روز اُمِس نشِہ یِن گژھن۔ کأنہہ غار کأشرٕ ہے آس تس سیتی وژ تو دُن ہیندٕ نشأنو (گواہ پأریژم ہیو)۔ کأشرِس سیتی تہ کوُرُن تیٚنز لیسأنی بوز شوژ تہ مالے وُچھی تھے کلام۔ یانہ تجربہ بند روز نہ گنی اُمس اکہ قسمہ چہ تجربہ بند زبأنی منزٕ سوچھان، دأیران نہ کٔنگہ راوان۔ امہ باوجود اُمس وون شد باوژ ہُندہ امکاوان لفظاوان۔

ڈاکٹر بی این کلاؔ

# گنٛگ پرٛشست

اوتار بٹنہٕ یا بٹاوتارنہٕ پنٛنہٕ چھےٚ اَسہِ گنٛگ پرٛشستھ تخلیقن سوگھ دوہ کھ زٕ ریت مِیلان۔ یہ عظیم شاعر اوس زین العابدینن (۱۴۲۳-۱۴۷۵) سٕنٛدِس زٕ ریس سُلطان حسن شاہ سٕنٛدِس دورس منٛز پرٛھیومت تہٕ اوس پننہٕ دورُک اکھ نادر گوہر ماننہٕ یوان۔ ہادسٲنی چھےٚ اَمہِ کٔنٛجہ ہنٛز زاتھ تخلیقہٕ بیچھٹ چھُنہٕ وُنِس تام کانٛہہ قلم تُلمت۔ نہ چھےٚ ادبٕ اَمِس شٲعر تخلیقہٕ متعلق کانٛہہ زانٛنی کارِی اکسے چھُ یہ شاعر گالِکھ تس گومُت۔

ساروٕے برٛونٛہہ چھُ اَمیُک نُسخہ جارج بوہلرس بانامُر کھتہٕ یہ نُسخہ راجستھانس منٛز بیکانیرِ میوٗلمُت۔ یہ نُسخہ چھُ وُنی کیٚنٛس Poona Bhandarkar Oriental Research Institute ٹس منٛز محفوظ تہٕ بیٚیہ جموں وکشمیر ریسرچ ڈپارٹمنٹچہ Sanskrit manu-script library منٛز تہٕ بابان چھ گنٛگ پرٛشست آسے سُلطان حسن شاہ سٕنٛدِس دورس منٛز منٛتش تہٕ پرٛشست آسہٕ تس

لَقب۔ تِکیازِ "کنک لفظُک مانے گومُنُش۔"

سو کہِ دوہِ کہو زَرِ تیک مُطالہ کرنہٕ سیتی چھُ نشان دِیہ چھینہ 'بانامُر کتھایہ' ہیندی پاٹھی (Romantic Poetry) یانہٕ رومانی شاعری۔ یہ چھےٚ لسانیاتی نظرِ کنہٕ سیٹھاہ اہم تخلیق۔ اَمو چھُ پریتشدھ کاویک یانے پننہٕ شاعری ہُند آغاز سُلطان حسن شاہ سِندِس تاٲثرِ منز ییتھ پاٹھی گومُت :

سہ کیت کتھائین بُزِیت کشن کشن اندے دِوہ وانے
ایتھ وِملویش پشییت دِن دِل کشو چِند نیاگلوانے
نِرپیت حسن شاہ جیہ یونو دِیہ جنپد رکھشہ کشے
ییٚمی سِنز نیکنامی بُوزِتھ چھُ مینٹھ مینٹھ ٹیندر راز س

سو رگتس منز الہ الہ اَژان تہ ژُندرِ تہ چھُ دوہس منز گلان۔ نیمس سُلطان حسن شاہس اَسِن جے جے کار۔ ییٚمی جوانی منز سے لوکن ہنز حفاظت کرِ۔

اَمِس شاعرس سِندس دورس منز اَسو وار یاہ علم عروجس پیٹھ۔ ییٚمہ کِنہٕ اَمی چھُ پننین شارَن منز بہینہ حوالہ دِتیمت۔ مثلن:

کشے شاستر گنے کاتے گو مو بُجھ
وید پک کاوُرتھ جیوتش بُدھ
سار سار کیتنس پیچھ (پرز)
ہنس بھکھیت جلو محجا (منز) ڈُدھ (دوہ د)

یتھہ شعرس) منز چھُ شاعرن کشٹ شاستر (علم نجوم) ویدیک (حکیم) گارُڑ (جنتر منتر) جیوتش (علم فلک) ہیمن ہیوٚن ہیوٚن علمن ہُند تذکرٕ کوٚرمُت۔ تہٕ وَنان چھُ یتھہٕ پاٹھۍ رازٕ ہونز چھُ دہ دِس تہٕ پاٹھس منز پوٗنۍ ترٲوِتھ دہ درٕٹان یِنہٕ چوان تِتھے پاٹھۍ ہمت شس دُنیٚہس منز ترٲوِتھ جان چیز پانہ راوِنۍ۔

کِتابہٕ منز چھُ اندس پیٹھ یانے آخرس پیٹھ شاعرن پننہٕ زینک تہٕ تخلیق کرنہٕ کہٕ تارِیخُک تہٕ اشارٕ کوٚرمُت۔
ورشے چند ریندر یارِ کے گن گُن نرتو لبدھ سنکھیش جنما سمپوٗرنے پستکے سمن اہم اِتہ سہ کرتو گرنتھ کارم پرشنسہ یہٕ شار چھُ سنسکرتس منز اَمہ لیو کھمُت۔

بٔٹتھن چھِنہٕ یہٕ موہوم کیٚنہہ زِ "چند ریندر یارِ کے" کُس وٲری چھُ۔ یہٕ چھُنہ پوٗرٕ پاٹھۍ موہوم سپدان کینہہ۔ یہٕ چھا سینہٕ ریٚشو سموت یا بیٚیہ کانْہہ سموت چھُ۔ یہٕ وَنُن چھُ مُشکل۔ صِرف ہیکان چھِ اَسی یہٕ وٲنِتھ زِ حسن شاہ سندِس دورس تانی یانے یِہنز وٲری ہِندِس دورس منز آسہ ہے گُنہ وِزِ یہٕ کتاب لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَمیُک بیاکھ نموٗنہ چھُ یتھہٕ پاٹھۍ:

بوز سکھا ایرس پژھہہ وہ ثد
لگن سمے پیر مانے
وٲنز لکھیت لیکھوکت گرہ ثد

اِنسانَن ہٕندِ پاٹھو سٔر پھَن ہیٚژِ ذأژ وَنہٕ ہیٚژ۔ تِہٕندِ گوٗن تہٕ وٕنۍ ہیتھ۔ اَمہِ پَتہٕ چھُن وَیدٕ شٔنۍ (حکیمی) ہیٚژِ کتھ تہٕ وَنہٕ ہیٚژ۔ دادِین ہنٛد خاطرٕ تِمہٕ وقتہٕ کِہین مُروج دَوا ہنٛز ہٕندی نوسخہٕ تہٕ دِتی ہیتھ۔ تِہِندِ وٕچھنٕکو طریقہٕ تہٕ وٕنۍ ہیتھ۔ یہِ تہٕ وَننہٕ آمُت زِ کتھ موسمَس منٛز گژھہِ کُس کھیٚن کھیوٚن۔ اَمہِ پَتہٕ چھُ مدن شاسترَس (کامہ شاستر) پیٚٹھ تہٕ لیوٗکھمُت۔ اَتھ منٛز چھُن ہوومُت زِ زنانَن سیٚتۍ عاشِ عشرت کرٕتھ تہٕ چھُ اِنسانَس دوٗ کھ بوٗگُن تہٕ چھُس اُمرس یہِ موٗدٕ لٔراوُن۔ یہِ سوٗ کھ چھُنہٕ پوشہٕ وُن یہِ چھُ مایازال مثلن ؛

دوٗہ یہِ وَنن ورکامہ نیٚو درموہہ مدٕدہ پانا
اوٗل یہِ سوٗپنے گو کامِنیو نُنہٕ ہجمیت پانا

سو ندر زنین سیٚتۍ وارین منٛز مَس چوٚن تہٕ تیمَن سیٚتۍ سنگ کرُن چھُ سوٗپُن۔ بوٗگ کرُن چھُنہٕ اصلہٕ سوکھ یا نے پوٗز سوکھ کیٛنہہ یہِ چھُ صرف دُنیٖہہکِس مایازالس منٛز پھَسِتھ بٔنِہ تہٕ کیٛنہہ۔ بیاکھ اَمیُک حصہ چھُ 'وِپد جراو یوگ ورنن' یانے مُصیبتَن، بُجرس تہٕ دأراگس مُتعلق چھُ اَتھ منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ بُجر بیترٕ دوٗ کھ وٕچھتھ چھُ شاعر یِتھ نتیجس پیٚٹھ ووتمُت زِ یہِ دُنیا چھُنہٕ پوشوُن کیٛنہہ صرف چھُ کیٛیان یانے حقیقت زانِتھ انسان ہیٚکہ زندگی ہنٛد مقصد اَمہِ روٗست ہیٚکِہ بٔرو ثہ ٹیکھتھ کیٛنہہ تکیا زِ دُنی ییٚہس منٛز چھُنہٕ گیٛانس ورأے کانٛہہ تہٕ چیز پوٗرٕ یا پاک۔ ویدس منٛز چھُ لیکھتھ "نہہ گیٛانین

سدرشم پۆرترم اِیہ وِدِتے"

کوہ کرمو کینہہ یانسے ناکارٕہ اعمالو کینہہ چھُ شاعرس ینُن مَن تاپس منز وِگلیومُت شین ہیوٗ باسان:

"یِیمہ زَن تاپہ وِگلوس پاپے شاپے کُکرم چِھتو"

کَرٕ بہٕ ییٚہٕژِ چھُ اِنسانس دوہ کہ شوٗرٕ ورع سپدان۔ نوزاد بچہ شُند پریم تہٕ نوٚ جوانی ہُند محبت چھُ ہاکال پتھرٕ تِتھِ سپنان ختم گژھان۔ آخہٕ حالتس منز چھُ صرف یوگی یوت پنُن من ڈٕنجہ ہتھوان۔ ییمہ کِس زہرٕ ژِس مُنزہ چھُ امرت پادٕ ہیکان کرِتھ اوٕ کینہہ چھُ شاعِرو یِیتھین یوگی ین نمسکار کران۔ یہ گیان چھُ شاعرس ینٕنس گوٚ نِس۔ ییٚنہٕ ناخش نش میو لمُت۔ ییٚمہ یک تذکرہ چھُ شہ کَرٕ کَرٕ کران۔ آمہ پتہٕ چھُ شہ ہتھ یوگیچ۔ ڈیان۔ پرانا یام، دھارنا بیتر سادنا ہنٛز ذِکرٕ کران۔ 'پیٚتون وِچار' ناوکہ شاسترٕک سارلیکھت چھُ شاعر گنٛک پرٚتھ سَت پننہِ تصنیف ختم کران۔ ییٚمہ یک موضوع چھُ پننہ حواس (senses) قٲبو کرٕنہ تہٕ ییمن حواسن منز ینُن من وش کرُن۔ پزر چھُ یہ زِ من چھُ پاردکی پٲٹھی ژٕنژل۔ یہ ہیکہ یوگہ سادنایہ کینہہ ڈٕنجہ روٗزِتھ۔ شاعرس چھُ باسان زِ یہ سنسار چھُ موٗدرٕ زہر بٔرِتھ اَکھ ژوٗلٕر۔ ییٚمہ یک میوٗکھُٹ سار چھُ زندگی نِوان یانے ختم کران۔ آخٕر باوتھ چھُ شاعر ییتھ پٲٹھی کران:

"بَکشہ کیاہ سوٚ شس مُدھ کُمبھس

زوٗہرِ مدھروکت سۄاد "

شاعرٕ شُند وَنُن چھُ زِ جگتی ہیٚنٛدِ پانہٕ سیٚٹھا بیٛیلہٕ یوٗگہٕ لسنا
یانے یوٗگہٕ منٛزٕ ساد ناوُن تیمہ سیٚٹھا ہیٚیکہٕ ڈُنی بیہتھ دہ کھٔ ٹمھتھ
کم گژھِ ھتھ۔ تہٕ انسانس ہیٚیکہٕ مُکتی (نجات) یوٗگہٕ زٕرِیہ حاصل
سپدِتھ۔ یوٗگکۍ واریاہ طریقہٕ چھِ اَموٗ سعو کھہ دوہ کھۍ نٔریتس منٛز
ڈُنی ہیتھ۔ شاعر چھُ یمن دوہ یہٕ دلیش گیانہٕ کھتا ناو دِوان۔ تس شُند
دوہ پدیش چھُ زِ گیانس منٛز پزٕ انسانس فرق کرُن گژھِ۔ یوٗدوے
اَسی گیانس منٛز فرق کڈو تیٚیلہِ چھِ اَسی مٔڈ نِکیانہٕ گیان چھُ
اَکھُنٛڈ۔ یانے اَتھ ہیکن نہٕ ٹُکرٕ گژھِتھ کینٛہہ۔ یہ چھُ پزٕ کاشُر روپ
یہ خیال چھُ بیٚیتھ شاعرن منٛز اَسہ نَنان:

" بودھس (گیانس) بھید ما کرمتہٕ رستا "

' سو کھہ دوہ کھۍ نٔریتھ ' چھُ بانا سُر کھتایہٕ ہیٚنٛد کٕ پٔٹھو
سنسکرت کِس ورن ورت بحرس منٛز لیکھمٕژ آمٕژ۔ یِم بحر چھِ
تیٚگ لک، چتُش کھنٛڈ کا، وسنت تلکم۔ دھوٗدھکم، دانس،
شار دوٗل وِتری ڈِتم۔ اَمہ علاوہ چھِ ین تھٕنٛد دھو، بچھرو، دوٗچھرو،
ڈگکٹکا کاشرِ ین چھندن ہٕنٛد نہٕ ورتاو کوٗرمُت۔ مگر بانا سُر کھتایہ
منٛز چھِ ' دوٗچھرو ' ناوُک بحر میلان کینٛہہ۔

اَموٗ سُنٛز تخلیقہ منٛز دوا ہَن تہٕ لکھمٕژ چیزن تہٕ جسمن ہٕنٛدین
"تانن ہٕنٛدی ناو استعمال کرنہٕ آمٕتۍ۔ یِم وُنہ تہٕ ییٚژٕ رسن چھِ - اَمہِ زبان

چھےٚ تمہٕ وقتٕچ بول چال زبانٕ نِکھ۔ اَتھ منٛز چھِ وارِیاہ لفظ تِم یِم اَز کل چھِنہٕ ورتاونہٕ یِوان۔ کینٛژھہ لفظ چھِ تِم یِم ہیٚون ہیٚون رنگن منٛز ؤنی کیٚس چھِ استیمال سپدان۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شکھ زِ بانا شُرکھتھا یہ ہیٚشرِ زبانٕ کھصوصہٕ چھےٚ اَزِچ زبان کاشرِس سیٹھا نکھ۔"

●

# روپہ دیدِ ہٕنٛد کلامہ

روپہ دیدِ ہٕنٛدین واکھن ہیٚنٛد چھےٚ کم کاسہ کاٚم سپٕزمٕژ۔
مگر اَتھ سارِی کامہ منٛز چھےٚ عقیدتُک تہٕ احترامُک پاژ گۆب تہٕ
لسٲنی اعتبارٕ چھےٚ تیٚمہٕ دِنٛجٕ اظہار کٕرنہٕ ہیٚکن کرنہٕ آمٕژ۔ پنڈت
سومناتھ چیٚوُن یُس وَنن چھُ پٔزُن روپہ دیدِ ہٕنٛد کلامہ ووت یُس اَو
مٲنکھ عام پٔرِن والین تام تہٕ کیاہ ییٚہ اَو اکثر دیوناگری خطس منٛز
شایع کرنہٕ۔ یُس عام پٔرِن والین وٕتو اوس یِنہٕ۔ اَمہِ حسابہٕ چھےٚ سومناتھ
چیٚونۍ کتاب "روپہ بھوٲنی" گوڈنیچ کتاب یَتھ منٛز اکثر یتھ باپتھ
اَمہٕ سٕنٛد کلامہ پَرنیچ وَتھ ڈرایہ۔ پوز سومناتھ جیٚنۍ کتاب چھےٚ
اہم آسِتھ پروف چٕھنہٕ غلطیَن ہیٚنٛز شِکار گٲمٕژ۔ خاص کٔرِتھ سنہ
وٕنہ کیس مٲلس منٛز چھےٚ یہ کتھ وُچھنہٕ یاسان زِ روپہ دیدِ گرٕ یِیہ
سنہ ۱۹۲۱ء منٛز۔ یتھ اندر دوٚن ہتن وٕریَن ہٕنٛد پھیر چھُ۔

یوٚتام زَن روپہ دیدِ ہٕنٛدین واکھن ہٕنٛد تعلُق چھُ، یِمن
ہٕنٛد متن تہٕ چھُ پھیر بدلک شِکار۔ الگ الگ کتابن اندر چھُ واکھن
ہٕنٛد لفظ وٕنہٕ آدلہٕ بدل نظرِ گژھان۔ یہ پٔزر دٲیِرتھ چھےٚ گوڈٕ انوار

أمہِ سیٚنٛدین واکھن ہُنٛد اَکھ معتبر متن کھرٕ کرُن بُنیٲدی ضرورت۔
رودٕ یِتھ دٔپِتھ ہیٚنٛدین واکھن ہِنٛز اَکھ سۄمبرن چھےٚ الکھ ایشوری
ڈوستَن ۱۹۵۸ء منٛز چھاپ کٔرمٕژ۔ یہ چھےٚ مشہوٗر سنسکرت عٲلِم ہرٕ
بٹ شاستری ین ترتیب دِژمٕژ چھےٚ۔ اَمہ سۄمبرنہِ ہُنٛد ذکرٕ چھُ
پنڈت سومناتھ جیٖن کوٗرمُت تہٕ پنڈت ترلوکی ناتھ درصابن چھُ
اَمہِ سینٛز زندگی ہٕنٛدی واقعاتَن واکھ انگریزی ترجمہ ہیٚتھ ۱۹۷۷ء منٛز
"رودٕ بٕہ بھوانی" ناوِ شایع چھُ کٔرمُت۔ یُتھ ناو زٕن پنڈت ہرٕ بٹ
شاستری سٕنٛز سۄمبرنہِ ہُنٛد تعلق چھُ، تِتھ چھےٚ ییٚمہ حسابہٕ اولیت
حٲصل زِ تِمو یِمَن مسودٕ ترتیب دِتمٕتۍ چھِ، تِتھ ترتیب دِنَس
دوران چھِ تِمَن وارِیاہ نوٗسخہٕ بدس آمٕتۍ۔ بیاکھ خاص نسخہ چھُ
زِ رودٕ بٕچہِ دٔپِتھ ہُنٛد کلامہ اوس شاردا خطس منٛز لیکھنہٕ تہٕ شاستری
جی اوس شاردا خطک ودوان۔ ییٚمہ کنہِ تِمن متن اصلس نکھہٕ آسنہٕ
ہیٚکہِ۔ چنانچہ مختلف مطبوعہ سۄمبرنَن ہُنٛد تقابلی مُطالعہ چھُ تِتھ
پیٚٹھ پیسہ کرُن صاف اشارٕ کران یُس لفظن ترِ منٛز اور یور گژھنہٕ کِنہٕ
واکھن ہٕنٛدین مانیس منٛز تہٕ بۆدٕ گومُت چھُ۔ مثلن:-

اوم گوٗر اَنٛدر تِتھ نیر ملم
شُدھم اَتھتہِ ویٚدیا دھرم
لل نام لل پرما گو رم
شو مادھونا ہم بٕرہم سۄہم (ہرٕ بٹ شاستری)

اوم گور انتر تت نر ملم
شُدھم اتیتہ ویدبا دھرم
لل نام لل پرم گورم
شوبادھو ناہم برم برہم شوہم (پنڈت تریلوکی ناتھ در)
اوم گور انتر تت نر ملم
شُدھم اتیتہ نس ویدبا درم
شو بادھو نابیا پرم برہم شوہم (پنڈت سوم ناتھ)

تقابلہ پتہ چھُ صاف باسان زِ واکھکو گوڈنکو زِ روپ چھِ واریاہس حدس تام اکھ اَکس نکہ بیٚیلہ زان تریمس روپس منز تبدیلی نظرِ چھے گژھان تہٕ اَمہِ سیتہ چھے وار کھچ بندش تہٕ موسیقی تہٕ منائثر گژھان۔ حالانکہ یہ پزار چھُ کھرزِ قافیہ بندی ہنز پابندی چھینہ رعہ کھچ دیٚدِ لأزِ اسمٕژ۔

ووہنی وچھتو مختلف کتابن منز یٚمہ وارکھچ صورت سہ

شیٖو ترٕ ے کارن کینہہ اَکے بوے
یانہ تہٕ بوے کینہہ یوٚہے اَکے
یکس بیہہ تہٕ بھسم گوے
انگ نہ بوے کینہہ انگن ڈراو (ہریٹ شاستری)
شیٖو ترٕ ے کارن کینہہ اَکے بوے
پنھتی بوٚے کینہہ یوٚہے اَکے

یگہس بہے بھسم کیا وے
انگ نہٕ باوے کینہٕ ... نگن ڈراو (ترلوکی ناتھ در)
سیمو نرٛسے کاڑن کِنہ اَکے بییہ
پانہ تہٕ بیِیہ کِنہٕ یوٗ ہیے اَکے
یگہس بہے تہٕ بسم کرہے
انگ نہٕ بیِیہ کینہہ آنگن ڈراو (پنڈت سومناتھ)

یا

سمدٕر پیالہٕ تہٕ موٗدٕر واسن ادے کیاسن منگہ تے
گیان روٗپ تہٕ شٕنیا آسن آسن نہ آسن سیتھ چھ
(ہری بٹ شاستری)

سمدٕر پیالہ تہٕ موٗدٕر واسن ادے کیاسن منگہ تے
گیان روپ تہٕ شٕنیا آسن آسن نہ آسن سیتی چھ
(ترلیوکی ناتھ)

سمدٕر پیالہٕ تہٕ موٗدٕر واسن ادے یہ کیاسن منگہ یہٕ تے
گیانہٕ سمپٕ تہٕ شٕنی باہ آسن آسن تہٕ باسن سیتی چھ
(پنڈت سومناتھ)

متنس منٛز یہٕ تفاوت چھنہٕ صرف مانیس پیٹھ اثر ترٛاوان
بلکہ چھ باضے باضے واکھن بے مانے بناوان۔ یوٗتے بوت پزٕ کٕرکہ
چھ امہ سیتی روہ بچہ دیدٕ ہندِ فکری پوٚت منظرس وٲن دِین

تہٕ مُشکِل بَنان۔ نیٚپتون یہِ واکھ تہٕ وُچھنَو اَکِہ لَفظٕچہِ تبدیٖلی سیٖتۍ کیٚتھ کٔنۍ چھُ واکھُک سورُے مانے تہٕ مَطلب بدلیومُت ــہ

شُنیا امشا آیوم اَتھے گَنج سموٗرُم توٚے سیٖتۍ

یوٚ سیٖتۍ زَن ووبۄزُم طے کٔھروٚ وُچھم طبس سیٖتۍ

واکھُک پاٹھ چھُ ہربٹ شاستری تہٕ ٹریلوکی ناتھ دھر سٕنٛدِس مطبوعہ نوسخس منز کم کاسہٕ اَکے آیہِ مگر پنڈِت سومناتھ جی تہٕ کِتابہِ منز چھُ شُنیا لفظ جایہِ "گیان" نظرِ گژھان۔ یمہِ سیٖتۍ واکھُک سورُے پوٚت منظر بدلیومُت چھُ۔ "شُنیہ واد" چھُ اَکھ الگ تہٕ باقاعدہ مکتبۂ فِکر۔ شُنیہ لفظ بدلنہٕ سیٖتۍ چھُنہٕ حرف مانے کِس اعتبارٕ واکھُک روح بدلیومُت بلکہ چھُ اَمیُک سورُے پوٚت منظر تہٕ بدلیومُت۔

روپہ دیٖد ہٕنٛدِن واکھَن وۄنِن دِتھ چھُ شہ فِکری پوٚت منظر اَچھَن برونٛہہ کُن یوان یُس وُنہ واتنہٕ کشیٖرِ اَندر پھہلان تہٕ پھانٛپھلان روٗد، اَمیُک پوٚت گژھ چھُ اَسہِ تَس پَتہٕ صوفی شاعرَن ہٕنٛدِس کلامس منز دریٚنٛٹھ یوان۔ اَتھ فکری پوٚت منظرس وُزناہ عطا کرنس منز چھُ بودھ مت، ہِندومت تہٕ اسلام تریشوٕے شامِل۔

روپہ دیٖد ہٕنٛز شاعری چھےٚ اَکھ شہ سنگم یٔتِتھ وارِیاہ کولہٕ سمہتھ یِکِجا چھےٚ گامژہٕ۔ سہ زاینٛک گاہ چھُ اَسہِ لل دیٖد ہٕنٛدِس کلامس منز تہٕ نظرِ گژھان تہٕ روپہ دیٖد ہٕنٛدِس کلامس منز تہٕ چھُ

سۄہ یِنگہٕ شبیہ جار تہٕ شچنہٕ جارٕ سۄہنا پنٕنٛج خوشبوے چھےٚ دوٗہمین شاعرن ہنٛدیٚن کلامس منٛز تہٕ نظمیز کار گرٕ اپہٕ مادان۔ رۄہچھ دِیدہٕ چھہٕ للہٕ ہنٛد ناو ہیٚنہٕ وِز عقیدت تہٕ احترام پہٕ ڈیٚجنہٕ تہٕ کٲلہٕ نوٗمراوِنس پیٚٹھ مجبور کران ۔

لل نام لل پرمآ گتہ رم

مگر یہٕ چھِنہٕ زیوٗرٕ سے احترام یا اظہار ٲلی کہ چھےٚ رۄہچھ دیدہٕ فِکری اعتبارٕ وار پاہم حدس تام للہٕ ہنٛزٕ واٲرِث ۔ اگر کیتھ چھےٚ شعورٕ قدر رۄہچھ دیدٕ ہنٛدِین واکھن منٛز چھِہ گنٛڈنہٕ گنٛڈنہٕ" سعہ گوہ ناوٕ اکہٕ گۄنٛڈٕ تہٕ کنن گژھان بیٚلہ زَن لل دیدٕ اندٕ پیٚٹھ اندرس تام تہٕراکارٕ واکھی آمت مگر "سۄہنہ تہٕ "شتنیا" چھم دۄشوے چیز چھِہ آسِہ دۄشوے تیٚتھ نظر گژھان۔ لل دیدٕ چھےٚ اکہ پاسہٕ ونان ۔

سۄزن شمہ تہٕ دم نہ گژھے
بیٚنہ نہ پرٲو کہ موکھ دوار
سیلس لون زن ہیلہٕ گژھے
توتہٕ چھےٚ دۄر لبِ سۄزٕ وہزاد

تہٕ رۄہچھ دیدٕ چھےٚ ونان ۔

سۄزنہٕ آنند کرِ کھ دارِتھ
پانسے پانس سۄند اڈیتھ تہٕ کیتھ
کٲڈ پیتہٕ چانسہ گژھیا شیتھ

## ایشور روٗپ سۭدا ٚہِتہٕ کینہہ

یہ کتھ چھےٚ دۄراوۍ ضنوٗروری زِ گاشہٕ ٚ لفظ "سہز" چھُ سنسکرت "سہج" لفظُک روٗپ۔ یہ لفظ گوٚر گژھ اَنزاویہ ناتھ سہپردا والیو اَکہ اِصطلاحہٕ کنہ استعمال۔ سہزا بنیک اَتھ چھُنہٕ لٲنی دیُت تاپہسہ تحروٗد بٲلۍ کہ چھُ گوروٗ نک دیوتہٕ دوٚ ہیمیوسادو سنتو ینہٕ یہ لفظ پھیرِ پھیرِ درتووُمت۔ سہزا بنکس سلسلس منٛز چھُ یہ وٕنُن ضنوٗروٗری زِ

یہ چھےٚ یِزٲنۍ مہایان بودھ دَھرمُچ اَکھ صوٗرت، تہٕ ناتھ سہپردا تہٕ چھےٚ اَتھۍ سیتۍ والسنہٕ۔ ناتھ سہپردا یہ ہُند بانۍ کار چھِ چھُنہٕ یِس گشپیرِ منٛز چھُندر وَنان چھِ۔ چھُندر ناتھ چھُ ہیوشُند اوتار یوان مانِنہٕ۔ گاشرس شوکنس منٛز تہٕ چھُ سہز لفظ دٕرناوُنہٕ آمُت تہٕ وچھنہٕ چھُس شہ علم یُس پننہِ نوٗر سیتۍ ہیز ژھیڈ تہٕ ہیز ژ گاہ ژھِٹن چھُ ہنٛزِ شُند سہ بھاو۔ ییمہ سارِ یے کتھہٕ در نظر اَنِتھ اوس تہٕ سہز، سہزہ ویژار تہٕ لل دیدی ووچہ تہٕ نیرِ رُو ہیہ بجوانۍ دہونۍ گوڈ وشونۍ ہنٛدیس ژبنس تہٕ ژیرنس منٛز چھےٚ فرق تہٕ طرزِ اظہارس منٛز تہٕ چھُ پھیرِ ناگ ارجُنن شُنیہ واد بنیہ شوکنس اَندر دٲنتہِ شُنیا مگر اَتہٕ بدلیو اَکھ رنگ تہٕ تہٕ اَنہار تہٕ۔ لل دیدِ ووٚن اَکھ شُنیس کینٛہہ تہٕ تہٕ شُنیُک تہٕ سہ چھےٚ وَنان سہ

گورس پرژھم ساسہ لٹہٕ یِمس تہٕ کینٛہہ وَنان تہ تٔمۍ کیا ناو
پرژھان پرژھان تھچیس تہٕ لوٗسس کینٛہہ نس نٔشہ کیاہ ہتالم دراو

نہٕ بیٚکِیس جایہِ چھےٚ ونان سہ

شُشنیٚ پیٚھنک تاوان کوٚڈُم پانس — مٔٹۍ للہِ روٗزِم نہٕ بود نے ہوش
وٗیٚنزِ سیٚزِس پانٔنۍ پانس — اَدٕ کمہٕ زَگہِ پھوٚلی للہِ پمپوش

شُشنیٚ واد آونہٕ کہِ شاسترن منٛز مہایان چہِ وَنہٕ۔ بیٚیہِ کَمہِ ورِیہِ نہٕ رنگ بدلاوِن نہٕ شیٚو آچاریہِ یوٗکِتھ پاٹھۍ کرٕ اَتھ تشریح سہٕ چھُ اَکھ الگ بحث نہٕ نوٚو مانےٚ دِتھ نہٕ نوٚو تشریح کرنہٕ سیٚتہٕ کیتہٕ بدلیوو امیُک آگُر۔ للہِ دیدِ ییٚمہِ انداز "شُشنیٚ" یا "کینٛہہ نہٕ" ورتوومُت چھُ۔ سہٕ چھُ واریاہس حدس تام ناگ ارجُنسنٕز وضاحتس نِکھہ۔ دوشونی ہیٚشدی کنہٕ چھُ ییٚمہِ "شُشنیٚ" دائمی پزر۔ رہ پھہِ دیدِ نہٕ چھِ "شُشنیٚ" نہٕ حرف وِبِرٕ دَھنووُمت تہٕ دکھنوومُت بلکہ چھُن تہٕ پنٛتھ نہٕ زٕندٕ تھ اظہار نہٕ کوٚرمُت سہ

شُنیا اُمشا آبوم اَسٕتھی۔ تُنٛج سمُودرم نوٚسی سیٚتہٕ
یوٚسہِ سیٚتہٕ زَن دہ یدوُم۔ طے کٹھرووُم منس سیٚتہ

گگانٕتھ شُمرٕتھ شُنیا کوٚڈُم۔ پارٕ د موروم نوٚسی سیٚتہٕ
پنٛج اگنہ لال چرٛڑووُم۔ گاش پنٛزٕ لووُم نوٚسی سیٚتہٕ

یُس نوٚکھہ شُراد نہٕ مِعہ کھِلاشے
پُرنیا پریم لاگے پیمارے

پانس لاگِتھ روٗد کھ مےٚ ژِ یے    مےٚ ژِ یےٚ ژھانٛڈان لوسم دۄہ
پانس منٛز ییٚلہِ ڈیوٗ ٹھکھ مےٚ ژیے    مےٚ ژِ یےٚ تہٕ پانس دِیُتم ژھوٚہ

(للہ دید)

یا

آگر پھیپھرِتھ تے گرٛزوم    ڈُگہ وانہٕ ڈوٗری سگہٕ ۄم ماو
اورے کرٛ پاتہٕ عالم یوٗرُم    یوڑے کیٛتھہ نہ سورُم ماو

(روپھ دید)

آگرسے ھا مالہِ گرٛوٗزُم    ڈُگہ وانہٕ ڈوٗری شُگم
اورکہ کرپایہٕ زگت وُزُم    یورُک تہٕ کیٛتھہ مےٚ سوٗرُم نو

مثالہِ چھےٚ ییٚیہ تہٕ مگر تمیٚہ سیتیٚ لگہٕ زیچھ۔

روپھ دید اُس سنسکرت تہٕ کاشرِ علاوہٕ فارسی تہٕ
زانان تہٕ بٲسے سِندِ ناوٕ لیکھی منیٚ تسِنٛدی فارسی خط چھہٕ مثنوی ہیٚندِس
رنگس منٛز لیکھنہٕ آمتیٚ۔ یمہ سیتیٚ فارسی زبٲنی سیتیٚ تسٕنٛز زانکاری
ظاہر چھےٚ سپدان۔ پنٛنِس بٲیس بلیدرداہ سِنٛدِ ناوٕ ہیم منظوم خط
روپھ دیٚدِ لیکھی منیٚ چھہٕ، تمن انٛدر چھہٕ کُلس ہیٚپھٹھ ۶۱ شار۔ یوٗز سنسکرتُک
چھہٕ تس ہیچھہ کافی اثر اوسمُت۔ چنانچہ فارسی شارن منٛز تہٕ چھہٕ
تمیٚہ نہٕ سنسکرت لفظ "ماتا" تہٕ "سدانند" ورتاوی منیٚ۔ چنانچہ
فارسی تہٕ سنسکرتُک یہ اُنٛز ژھپیرا اُنس گنڈُن چھہٕ اُسہٕ روپھ
دیٚدِ ہیٚندِ ین واکھن منٛز تہٕ ہُچھہِ ہیوان۔ اُکی ہسے شارس انٛدر چھہٕ
اُسہ فارسی، سنسکرت تہٕ کاشرِ لفظ ہچھہِ ہیوان مثلن سہ

## وٕتھرٕ کیٚبان تہٕ پان ٹلارٕ سے
## شُنیٚس شُنیا سیتھ ملاوسے

رٕشہ پیٖر دیدٕ ہِندی واکھ ہیٚرِ تھ چھِ لسانی اعتبارٕ پیٚٹھ دلچسپ کتھہٕ بوزنہٕ کِنہِ یِوان زِ "گوٚڈ"، "ڈ"، "ر" یمن منٛز تبدیل کرنہٕ ییٚچھ چھکنہٕ تہٕ یِہِندِس وقتس تام صرف دٕ آسمٕژ۔ یِتھ پاٹھۍ ازکل "گوڑ" وَننہٕ بدل "گُر" وَنان تہٕ "ہیوڑ" وَننہٕ بجایہ "ہیر" وَنن بیتیرِ مہذب تہٕ زبان دان آسنچ علامت چھےٚ تہٕ زمانہٕ چھکنہٕ پیٚٹھ رٲوِش آسمٕژ۔ گِنڈِ اکھ پھر تھوٚ اَدٕ کتھ "ٹرم" تہٕ لوٚتی اکھ پھر قدرتی طور کاشرِس منٛز شاید واریاہ تیٚتھ شروع۔ "ر" بدل "ڑ" مروج آسنچ عمل اُسی کاشرِس منٛز "ہندی" ورگہ چھن زبانین ہِنٛدِ موجود مگر زاتھو لیہ پھر نفود پیٚنہٕ کنتی۔ اَزیک انسان سہل انگار بنوو تھٕ پاٹھۍ چِھ "تلوڑ" اکھ پھرو گس بین اکھ پھرن ہِنٛدِ جایہِ رٹنہٕ۔ رٕشہ پیٖر دیدٕ ہِنٛد کلام چھُ امہ حسابہٕ اکیس خاص کتھہٕ کُن سون توجُہ پھِران، یتھ پیٹھ غور کرنچ ضرورت چھےٚ۔

رٕشہ پیٖر دیدٕ ہِنٛدی کینہہ واکھ چھِ للہٕ واکھن ہِنٛد پوٚت گرِنہ باسان۔ یِوو وسے لفظ ڈترِس منٛز یِمن واکھن منٛز چھکنہٕ ادا پوزٕ وانسہ تہٕ مطلب چھکیا ہوسے۔

شہ ہا اَندرٕ نیٚبرٕ تُر پھتہ دِشار     دیش کاران لوٚسے دوہ
تُہ یِتھ کتھوسیہ اَندرٕ چھُ نشان     رٹس بس ولتھ وِتس زھوہ

(رٕشہ پیٖر دید)

شُنیا امشا آیوم اتھے ۔ گنج سموُرُم تو سیتھ
بوٚہ سیتھ زَن وَوہ پدوٗم ۔ ژِھ ہُرو دُم منس سیتھ

یتھ واکھس منز چھُ امش سنسکرت تہٕ ژِھ سیدِ سیوٚد فارسی
باقی لفظ چھِہ کأشری یِمو اَندر وَوہ نو ورتاوس چھینہ مثلن یوٚہ، توٚہ
سموُرُن ہیتر۔

خواجہ حبیب اللہ نوشہری اوس رَوہ چہ دبٕد کالہ بوج مگر
دوشونی ہندِ شأعری منز یُس پھیر تہٕ فرق چھُ سُہ چھُ حیرت انگیز۔
کأشرس منز چھےٚ وأکھ روایت واریاہ پرأنی یتھ وَرن ژٕلن وٕنہ کیٚن
مُناسب چھُنہ مگر واکھ کتھ چھےٚ صاف زِ واکھ اوس تہٕ کانٛہہ مخصوص
شارٕ گرتھ یِمکو قافیہ تہٕ قونون شرِکھ زانہہ تہٕ کرنہٕ آیہ۔ نہ چھےٚ
قافیہ بندی وأکھ کانٛہہ کھر روایت رُوزمُت تہٕ نہ شارن ہند
تیداد۔ مسأنی کینہ چھُ نخہ ساری شارٕ ہرایتن یتھ تھہ کالہ
واکھ ناو آمُت دینہٕ، یتھ منز وَوہ ند، سیرن ہِنز بادتھ سیدِ پزٕ آسہے
چنانچہ کرکھ شارن ہنڈ تیداد کانٛہہ خیال کرنہٕ ورأیی چھُ از تام
نہٕ تمام شیوی شأعرن ہندس کلامس واکھ وَننہٕ یوان۔ یوٚہ تام زَن
رَوہ چہ دبٕد ہندین واکھن ہُنْد تعلُق چھُ یِمن اَندر نہٕ چھنہ یتھ جایہ
قافیہ بندی ہند اہتمام دِرینہ یوان تہٕ نہ چھُ سطرن ہندس
تیداس منز کانٛہہ ہشر۔ کتہِ جایہ ہرگاہ قافین ہِنز پابندی موجود
چھےٚ سُہ چھُ محض اتفاق یا شأعرانہ کتہٕ تہٕ وَوہ ند چہ موسیقی ہُنْد

نتیجہ۔ بڈٲتی چھُ واکھس دٲخلی آہنگ خاص خصوصیت تہٕ بوزنے چھُ اَتھ وکھس اِظہار عطا کران۔ اَمہِ حسابہٕ ہرگاہ رژھا شنو تیلہٕ چھُ احمد بٹہ وٲری شُند نثرس واکھکے اکھ روٗپ۔ واکھ چھہ کاشرس شعرس منٛز قافیہ شاعری ہِندی اولین نمونہ، مگر اکثر صورژن منٛز چھُنہٕ مصرعن منٛز ژھوچہٕ زیچھر نظر گژھان۔ یوٗدوے اَمہِ کنہِ نِشہِ مُلہِ اِنکار کرِتھ ہیکو نہٕ مسلسل نظمن ہِندِس صورتس منٛز چھے وژنِ ہنٛز ابتدائی صورت اَسہِ لل دیدِ نہٕ علمدارن ہِندِس کلامس منٛز نظرِ یوان تہٕ میون خیال چھُ زِ وژُن چھُ خالص کاشُر شاعر گرِتھ ییٚمہٕ مُشہِ کالس منٛز لگہِ شاعری منٛز پوٗرِ پاٹھۍ کاڈ کوڈ نکیاز اَمِچ لوٗرٕ تہٕ پرٕیہٕ وِنی لے چھے عوامی مزازس سیٹھا نکھہٕ۔ وژنِ ہنٛز صورت چھے اَسہِ رُوپہ دیدِ نِشہِ تہٕ ییٚمہٕ آبہٕ بُچھِتھ یوان ؎

تنتھ انتر دِرشٹ سمبووم · یہ مے ترووم تہٕ آووم نیے
لال مادھو شو ایکووم · بیے کووم دِہہ مے پانیے
ژِ تتھ انتر منٛز لہٕ سووم · للہٕ ووم تہٕ مے بووم نیے
پوٗرِ وِہڑارِ پرٕ آگتھ آووم · یہ مے ترووم تہٕ آووم نیے
ییٚمہ ترٲز دِہ سمبووم · مادٕ آووم شے پانیے
من سِتھ سِتھ ہروووم · لون ترووم تہٕ کُس مول دیے

رُوپہ دیدِ ہنٛز زندگی مُتعلق تہٕ چھُ وُنہٕ واریاہ کینٛہہ پرکھاونہٕ ییٚتھ کنہِ کُنہ اِشارٕ کرُن چھُ مُناسب زِ رُوپہ دیدِ ہنٛدِس عارِفس

مادھو دٕر سنٛدۍ اجداد اٲسۍ جنوبی ہندُستانہٕ پیٹھٕ جہانگیر سنٛدِس
زمانس منٛز کٔشیرِ آمِتۍ۔ رۄپہ دیدِ ہنٛدۍ واکھ چھِ تِمہ طویل
روایتُک اکھ حِصہ یتھ چھُمہ متیٚن ہنٛدِ اَتھ اِبتدا سپُدمٕژ
اَز تام تہٕ چھُ کم کاسہٕ قدم قدم دِوان۔ لل دیدِ تہٕ رۄپہ دیدِ پتہٕ
ییمو لُکو کٲشرِس منٛز واکھ روایت زِندٕ تھٲو، تِمَن اَندر چھِ
میرزٕ کاک، بوٚنہٕ کاک، لچھِمہ کاک، راجانند بیترِ خاص کرِتھ ناو
ہیٚنٛنہٕ لایق مگر وُنِستام چھِنہٕ یِہنٛدِس شاعرانہٕ دِتس کھوٚٹ دِنہٕ آمژ۔

مجروح رشید

# حبہ خوتونہِ ہنٛز شاعری ہنٛز ذاتی شعور

## تہٕ زندگی سٟتۍ وابستگی

کٲشِر شاعری تہٕ خاص کٔرتھ لولہٕ شاعری ہنٛدِ مطالعہٕ سٟتۍ وزِ چھُ پتہٕ چھ کانہہ قٲری یتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ حبہ خوتونہِ چھےٚ گوڈنیچ شاعرہ یُس روحانی مسٲلن منٛز ہیٚنہ یِنہٕ بجایہ زمینی یا دُنیٲوی مجازی کھرن منٛز دلچسپی چھےٚ ہوان۔ سو چھےٚ لۆلہٕ ہیٚنٛدٕر پانٕ چھُ کاینات تکیس سیر ساوِرس منٛز راوان بلکہ چھےٚ زندگی ہنٛدین رنگن ووہار کران یعنی چھےٚ یمن رنگن وُچھت نمیلان۔ تِمن سٟتۍ لُطف کران، تِمن سٟتۍ محبت کران، تِمن حاصل کرٕنہٕ یمن ہنٛد منٛز پژھان تِکیٖنہ تہٕ بیٚیلہ یم رنگ تس چھُنہٕ چھان باسان سو چھےٚ وُداسی گٔژھتھ ماتم کران۔ وُچھوکھ تہٕ تیٚلہ چھِ تمہ سٕنٛز کلام شاعری اَکھ متر ٹی لے ـــ (Elegiac Tone) ہیتھ بارسس یوان۔ اَسی ہیکو نہٕ یہ کتھ وٕنِتھ زِ سہٕ چھےٚ گوڈنیچ لولہٕ شاعرہ نکیا زِ لیلہ ہنٛز شاعری تہٕ چھےٚ اَکھ آیہ لولہٕ شاعری۔ مگر کٲشرِ لولہٕ شاعری پیٚیہ غالب لےٚ بارٕ اَمس سٕنٛز یہ خوتونہِ نیشہ واتتھ ختم۔ (اگرچہ پتہٕ پتہٕ سِ پیٚہ لے بِیہ ...

گٔیہٕ) گُلہٕ ہُم کٲشُر لولہٕ شٲعری ہُند مطالعہ کرن وِز چھُ مانُن پیوان۔
زِ حبہ خوتونہٕ چھےٚ ہِنٛز اَکھ مخصوص انداز تہٕ اَکھ منفرد لےٚ۔ تمہٕ سٕنٛز
شٲعری چھےٚ یہِ باس تہٕ دِوان زِ سۄ چھےٚ اَکھ زبردست self
نظاوٕن واجیٚنۍ انسان۔ سۄ چھےٚ پننِس محبوبس زبردست محبت کران
تہٕ لول بران مگر تَس لول بران چھِنہٕ سۄ یکدم پننِ ذات
( self ) منٛز اوٚرِتھ ہیکان۔ مدعا وَنہٕ نک مطلب چھُ یہِ زِ سۄ
چھِنہٕ اکثر کٲشرین لولہٕ شاعرن ہِنٛد کہ پاٹھۍ خود سپردگی ہِنٛدِس
عالمس منٛز مینہٕ لیوان بلکہ چھےٚ بار بار ذاتُک ہِنٛز اہمیت ہُنٛد
باس دِوان۔

چونکہ مےٚ وۄن برونٛہہ زِ حبہ خوتونہٕ ہِنٛز شاعری منٛز
چھُ ذاتکہ شعورُک زبردست جذبہ نظر گژھان تہٕ امہِ اندازہ
اَکہِ خاص اندازچ باغی تہٕ انقلٲبی شاعرہ بنان۔ تمہٕ ہِنٛز سوچنٕچ
چھہِ ذاتکہ شعورُک احساس اَڈرِ نہٕ منٛز سے زلِتھ۔ اَتھ نوٚ سوچنٕچ
ہہِ باوتھ کرنہٕ خاطرہ اوس ضرورٕ رِہنٛز اَکھ نۆو زبان ییہ بارتس
تمہٕ سٕنٛدی استعارٕ، تشبیہہ تہٕ باقی شعرٕ وَل چھہِ سرنازٕ تہٕ سادہ دار۔
یہِ چھےٚ اَکھ بدل گَتھ زِ تمہٕ ہِنٛز شاعری چھےٚ جذبن تہٕ احساسن ہُند
اَکھ فوری ردِّ عمل تہٕ اَتھ چھےٚ لوکہٕ لےٚ ڈٲکھ۔ حبہ خوتونہٕ وٕنی پننِ
نغمہٕ وٕزٕن فارمس منٛز۔ وٕزٕ ونٛج فارم آیہٕ تَس سےٚ ٹھےٚ راس تہٕ کیاز
اَتھ ہِیٚنٛز ہیچھِ اوس زنانہٕ لیہ ہُندے غلبہ۔

حَبہٕ خوتونہِ ہِنٛز شاعری چھےٚ بھٕری بھٕری یِتھہٕ احساسَس زَنٛم دِوان زِ تِمَن ہٕنٛد کلُہم سرمایہ چھُ اَکھ پوشہِ وُن غم۔ یہ غم کیتھ پاٹھۍ تہٕ کمَو کمَو طریقَو اوس تِمَن حاصِل کورمُت، تِتھ سیٖتۍ بحث کرُن چھُنہٕ میون مَقصَد۔ مگر یہ کتھ چھےٚ یِہ وَنٕنۍ ضروٗری باسان زِ تِمَس اوس پننہِ ذاتہٕ ہِنٛز اہمیژ ہٕنٛد زبردست احساس تہٕ یوٗہے احساس چھُ تِمَن ہٕنٛد ساریٚ سے غمس ژنگ دِوان، یُس تِمَو ہِنٛزِ شاعری ہٕنٛد حاصِل چھُ۔ سو چھےٚ پننہِ ذاتہٕ ہِنٛز اہمیت ہِنٛز [illegible] بَڑھان مگر سو چھےٚ ناکامی وِچھِتھ پریشان گژھان۔ حَبہ خوتونہِ ہِنٛز شاعری پَرِتھ چھُ باسان زِ تِمَس چھُ اَمی سیٖتۍ اَمہِ ذاتُک زبردست احساس۔ تِمِس اوس پتاہ زِ سو چھےٚ عزت و احترامس تہٕ لولہٕ خاطرٕ پادٕ گامژ۔ مگر اَتھ مقابلہ چھُ تِمِس زندگی ہِنٛزن سنگلاخ حقیقژن ہٕنٛد مُقابلہٕ پیوان کرُن۔ اَکِس حسین نازِلہ تہٕ جذباتی بٕرژ زنانہِ ہٕنٛد حال کیا آسہ تِمہ وِزِ بیٚلہِ تس ہَش لول بَرنہٕ بجاے بے عزتی چھےٚ کران۔ تس چھےٚ بے عزتی مونہٕ کھوتہٕ، گَڑُر باسان ؎

ہَشہ لاگِم ژَٹۍ سے نَقب
نُے مےٚ گوو مونہٕ کھوتہٕ تیٚخ

حَبہ خوتونہِ اوس پننہِ زندگی، جوانی تہٕ حُسنس سیٖتۍ زبردست عشق۔ تس چھُ بھٕری بھٕرک یہ احساس گژھان زِ یم ساری چیز ژَلَن تس

اَکہ دوہہ ہیوٚر پوٚس پاٹھی دوٚکھ دِتھ۔ یِمنہٕ اَتھ حالتس چھےٚ سوٚہ بار بار "شری پاپن راوٕنکیہ" احساسہٕ سیٚتھ یاد کران۔ سوٚہ چھےٚ اَتھ موٚران زِ تَمہٕ شندِس خُشنس تہٕ جوٲنی چھےٚنہٕ قدر ہیکان سپدِتھ۔ تِمسٕندِ خیال تہٕ احساسات ہیٚتھ نوٚزُک چھےٚ تیوٗتے چھُ یمَن زندگی ہندِ سخت ترین کٕنین سیٚتھ چھاونہٕ یُن ہیوان۔

شری پانس سیٚنْدر گےٚ مو
وُڈر کھشن گُڈُر ہیوم
کتر ژھاران کتہِ شنہِ مو
وتر نوٚن ہیوٚم مالنیو

حبہ خوتوٗنہٕ ہِنْد یہ مشہور وژُن چھُ اَکھ تمثیلی رنگ ہیوٚتھ۔ تہٕ اَتھ منز ہیکہ ژھارِتھ وٲلِس تہٕ وَقتُک ماحول تہٕ حالات نظر یتھ۔

ییٚتھ پاٹھی بٔرعہ نہہ تہٕ وَننہٕ آوُ زِ سوٚہ چھےٚ پننہِ ذات (Project) کرنہٕ خاطرٕ اَلتجہ کران۔ پننس یاوُن رایس نِشہ دوٗر اٚسِتھ تہٕ چھےٚ سوٚ تَس لول بران تہٕ تمیٚ ہِنْز ملے چھس گنان، مگر اَتھ سیٚتھ سیٚتو چھےٚ بدادہٕ دِوان زِ تَس ہیشہ ہی مالہٕ کیاز چھےٚنہٕ قدر سپدان۔ سوٚہ چھےٚ ہیتہٕ سوچان زِ تَس ییٚچھ کیازِ نی گُذران یہ تہٕ گُذرن گوٚژھ۔ کُنہِ وِزِ چھےٚ تَس پننہِ یہ حالت تقدیرُک سبب باسان۔ یہ چیز چھُ کُنہِ ساتہٕ تمیٚ ہنز ذہنی حالتُک ڈٲنجہ لاگنس منز مددگار تہٕ بنان۔ مگر کُنہِ پاٹھی ہےٚ وُچھو سوٚہ چھےٚ

تقدیرس زہرخندٕ کران تہٕ وَنان سہ

دَرے نے دِیہ تے ڈیکہٕ کنیہ پوٚرے
دَرے مُرٕ آسیا کأنسہ پوشان
موے چھو حبہ خوتونہٕ گوٚر ٹوٚرے
کأنسہ مو راوِن شوٚرے پان
نُلو نار چھُم للہٕ وُن موٚدرے
کأنسہ مو راوِن شوٚرے پان
ہالی ماجہ رٕچھنس قشہٕ کستوٚرے
دوہ دِیہ سیتھٕ اٚسیم تن ناوان
سے پان لوٚگ مارٕ مسافوٚرے
کأنسہ مو راوِن شوٚرے پان



یاون میانہٕ کرمزی پیٹھ
کمیوٚ وانہٕ رنگٕ سنے آکھ
مے نو زون اُکھٕ تھر ژٕرِیٹھ
آکہ لَکہٕ پیٹھ ہمسنا

حبہ خوتونہٕ ہُند پرٛیتھ کانٛہہ شعر چھُ پیٹھمہ کنتھ ہنٛز شہادت دِوان زِ تَس اُس زندگی سیٹھاہ درجہ وابستگی۔ سو اُس زندگی ہِندِ یِن لولہٕ رنگن پنٛنہٕ مخصوص انٛدازہٕ وُچھان تہٕ تِمن پیٹھ فریفتہٕ سپدان

تہٕ تیُہنٛد حظ پَژھان۔ تسٕہ اُس نہٕ محبوٗبس وُچھنٕے یا بیہ زٕ تیُہنٛد خاطرٕ اوس محبوٗب سُنٛد خیال یُت کٲفی بلکہ اُس سہ اکھ تۄژھ فرد یوسہٕ محبوٗب سٕنٛد مُکمل وصلٕچ خاطرٕ دزان زَن اُس۔ تمہٕ سٕنٛز شاعری چھےٚ امہٕ کتھہِ ہُنٛد اَیہٕ ہاوان زٕ تمہٕ سٕنٛد ہیم خاب گۄےٚ نہٕ زانٛہہ پوٗرٕ لیہاز ارٕوز سعہ ہمیشہ امہٕ قسمہ کیٛن جذبن باوتھ کران۔ یمہ خوتہٕ ہیٚنٛدِ خاطرٕ اوس محبوٗب سُنٛد وصل ذاتکہٕ تکمیلہٕ خاطرٕ ضروٗری۔ تس اوس بیٚیہ طرفہٕ یمہ کتھہِ ہُنٛد تہٕ شدید احساس زٕ تمہٕ سٕنٛز عُمرٕ جوانی چھےٚ لمحہ بہ لمحہ سوران۔ تس بیٚیتہٕ اَکہٕ طرفہٕ پننہٕ ذاتک زبردست شعور چھُ تتہٕ چھُ تس محبوٗبہ سٕنٛز خودی ہُنٛد تہٕ احساس سعہ چھےٚ زانان زٕ تمہٕ سُنٛد محبوٗب چھُ زبردست قدس ناھم خود پرستہ پٔنٛنِس محبوٗبس امہٕ خود پرستی ہُنٛد کٔڈ نہٕ خاطرٕ چھےٚ بعضے یمہ خوتن تس یمہ انداز پٕتر نادلایان سہ کُنہٕ ہیتہٕ بُلبُلہ بیتہٕ اکہٕ آئنے سعہ ونان تہٕ بَد شکایت چھےٚ محبوٗبس کران زٕ تس چھُ یمہ خوتہٕ ہیٚنٛد موہک احساس سہ

نیصف راژن برٕ وٕتھو ترائے میو
ساتھا یکھنا ژےٚ
پھیر چھُنہٕ کینٛہہ تےٚ پھیر چھُکھ یاوان
ژےٚ رکھوزٕ گٔیمٕ میانٛی دےٚ

•

شرٛاوُنٕ شیٖن زٕنہٕ بہٕ گلان آیس
باغس پھوٚج سے ہی
چونے چھُ باغ تے ژٕ ووٚلو چھاوان
ژٕے کیہو زٕ گیٖی میٲنی دٕے



رٕژہ رٕژہ ریتہٕ کوٚل چھُم سوراںے
برٕ ما گژہ اچھٕ پوش
گُنہ ہٮ۪تہٕ بُلبُلہ یینہٕ اکہٕ آنے
چھاو میٲنی دٲنے پوش
زوٚلہٕ چھُم سنہٕ ایوان موٚلہٕ چھُکھ والان
غم چھُم وٲنیجہ سٕے
زانہٕ چھُکھ نہٕ دوٚدمُت سینہٕ شہلاوان
ژٕے کیہوز گیٖی میٲنی دٕے

پننہِ جوانی ہُند رٕژہ رٕژہ سورُن چھُ تس پہٕ احساس شدنہٕ سان یوان زموٚنمُت وسیع تہٕ عریض صحراو چھُ بُتھہِ یینہٕ وول۔ سارٕی مُشکلات آسنہٕ باوجود چھےٚ حبہ خوتوٗن زندگی محبت کران۔ سوٚ چھےٚنہٕ مرنہٕ خاطرٕ تیار سپدان۔ سوٚ چھےٚ خدایس فریاد کران زِ سوٚ مارنہٕ منز کیاز زٕن میلہٕ تس۔
رٕ بخشتم ساری پروردگارو
ژٕے کیہو واتہٕ یو میانہٕ مرنے



پروفیسر رحمان راہی

# مذہبی شاعری ـــ اکھ نظریاتی بحث

اَز بۄژھ نہ یوٚہے باہ ژۄ داہ وٕری سۭپُد ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھٕ اکھ مباحثٕہ نشر۔ یٕمیک موضوع یہِ سوال اوس زِ اما لل دید چھا اکھ عظیم شاعر۔ مباحثس منز کرٕ مٕتہٕ تہٕ شرکت تہٕ ینٕ یہِ خیال باونچ کرٕمٕ کوٚشش زِ لل دید چھےٚنہٕ تتھ معنےیس منز بڈ شاعر ییتھ معنےیس منز مثالے غالب یا شیکسپیر چھُ تکیازِ ملٕہ ہُند موضوع چھُ موٚحدود تہٕ یک نوع ییٚلہِ زن غالبُن تہٕ شیکسپیرُن موضوع مقابلتاً غیر محدود تہٕ رنگا رنگ چھُ۔ مباحثٕکس موضوعس لوٚگ یُتھ ہن بھہن ژۄ دہن وٕرِین دوران کیٚژ پھر بیٚیشرٕ، مگر یٕ یتھ ویز روٚد مٕتہٕ تہٕ بیٚشہ ہٕتر رہیو زِ مسلس پیٹھ ہیٚچ نہٕ یرٕزنہٕ یا گٹھ کھلہ ڈلہ تہٕ جامع کتھ باتھ سپدِتھ، تژٕھ زِ کم از کم نظریاتی حسابہٕ گژھہے معاملہ واضح تہٕ کاشرِ زبانی ہنزِ مذہبی شاعری ہنزِ واقعی تنقیدی سام سپدِ ہے آسان۔ لل دید متعلق یِنہِ مذکورہٕ راسہ وارٕ یا گٹھ پرکھاونٕ کہ غرضہ تہٕ اکھ موضوعس اندی یکھۄ ژھا یہ گیتی کرن الین مختلف تہٕ واریاہن سوالن جواب ژھارنہٕ موکھ کرٕ مٕتہٕ اوریو مطالعہ

کرٕنیچ کوشش۔ یہِ وُچھِتھ گوس کیٛشتھ تام ہیبتہٕ زِ یِمہ ژھوٚٹا بانہٕ بہ کم
زیادٕ زانہٕ ہا تِموٚ منٛز چھِنہٕ ترٛیشوٚ ہہٕ مسلے وُنیکتام یِنہٕ پانٛژھی زانہٕ یِمہ
دٔلیٖلس ہیٚوٚ تمٛت۔ یعنے کاشُر، اُردو تہٕ فارسی۔ ممکن چھُ بے اَسہِ
اَتھ معاملس منٛز بےٚ خبر۔ یِتھ محفلہِ منٛز چھِ زانٛہہ وٲلہِ حضرات
تشریف فرما۔ تِموٚ منٛز یُس تہٕ صاحب اَتھ ضمنس منٛز مے کانٛہہ
تازہٕ اِطلاع عطا کرِ تہٕ روز تِمہٕندس دِلہٕ مشکور۔ فلحال ونہٕ بہٕ یِی زِ
چارٕ ناچار روٗد میون سورُے تنقیدی بحث انگریزی تنقیدس تام محدود۔
تہٕ یِتھ مقالس منٛز یِم کتھ ہاوٕ ونہٕ تِتھ منٛز چھِنہٕ میون پنُن حصہ کینٛہہ
سوا یہِ زِ کُنہ جایہِ چھُ مے متعلقہ نظریاتی بحثس ژٕر پہَن وضاحت
کرنہٕ کہِ غرضہٕ کیٛنژن تِژھن ادبی تخلیقن کُن اِشارٕ کوٚرمٕت یِمہ اَسہِ
کٲفی وِہر چھِے۔

چونکہ موضوعِ بحث چھُ اَسہِ منٛز اکثر تہٕ یِنہٕ باپتھ نوٚو تہٕ چونکہ
اَتھ چھِ وارِیاہ پہلو۔ تۄہِ کیٛنہٕ چھِنہٕ سیمنارک موضوع تہٕ نظر تھاوتھ
کتھن پوٚرٕ گیٛنہ کڈنہٕ ممکن تہٕ ژھوچہ کام ہیٚنہٕ تہٕ اِشارن اِشارن
منٛز کتھ واتناونہٕ وراے چھِنہٕ کانٛہہ چارٕ۔ البتہ اگر ضروری باسہِ تیٚلہِ
ہیکہِ مقالس پیٹھ بحثس دوران کتھن مزید وٕ کھنٛے ستیہِ یِتھ۔
بیاکھ کتھ چھِے یِہ زِ مطلوبہ بحث چھِنہٕ ویسع تہٕ پہلوداے
یوت، یہِ چھِ سانہِ ماحولہِ حسابہٕ زِ اوٚویل تہٕ آدی تۄہِ کیٛنٛہہ ہرگاہ ہیانہٕ
نہٕ یِوٚ کانٛہہ ترٛژھ کتھ نیبرِ یوسہٕ تہٕ کاشِرِ صاحبس دُرست یا مناسب

باسہ نِش پزٕ میانہِ بےٚ خبری پیٹھ رحم کرٕن تہٕ بَس۔ تِکیازِ نیرِ زِ چھُنہٕ ہایکس نہ چھُس بہٕ تہٕ نہٕ تُہۍ۔

بہر کیف ریڈیو کشمیرٕک مذکورٕ مباحثہ ذہنس منٛز تھاوِتھ تُلہٕ بہٕ اَز تہٕ گوڈٕ تِمے زٕ سوال یِم تحت منٛز زیرِ بحث آیہِ۔ یانے شاعر کُس گوٚو تہٕ بوڈ شاعر کُس۔ وَنو زٕ ہوٚو یا کیٚنو زِ شاعر گوٚو سُہ یُس پانس یا کائناتس یا کُنہِ بالا فطرت حقیقتس متعلق مختلف شبیہہ تخلیق کرِ یا جذبٕک وِہرار باوِ یا یوٚدوَے یا پنٕنِ واریاہِ تخیل تہٕ پانہٕ آباد کرِ زِ تُہند ذہن سپدِ منوّر تہٕ روٗح مسرور۔ اتھ سِلسِلس منٛز کرٕ بہٕ زٕ بتس روشن زٕ گاشہٕ سوٗرٕ وِچھےٚ ٹیکس شاعری ہُنز عطا کران۔

ہرگاہ شاعری متعلق یہ تعریف چھِنہٕ نبالہٕ ییٚکوٚو زِ تِتہٕ زٕ بوڈ شاعر گوٚو یُس پیٚشِہ وٕ چھینکہٕ تہٕ زیٚنکہٕ تہٕ وِہرار یکہٕ باوِنو تیٚشِز حِساگی چھُنہٕ دأیرٕ عام شاعرن مقابلہٕ زیادٕ گشادٕ تہٕ بیٚشِز حِساگی تیند زاوِیہ واریاہ تہٕ مختلف آسن۔

مےٚ اوس برٕ نہٕ اَمی چالہٕ سوٗچھُن تہٕ اَز تہٕ چھُنہٕ اَمہِ چالہٕ سوٗنچُن غلط باسان تہٕ اَمہِ چالہٕ سوٗنچِتھ باسہ لَلہِ غالبس مقابلہ اکھ لوکٕٹ شاعر۔ تِتھے پأٹھی یتھہٕ پأٹھی اقبال شیکسپیرس مقابلہٕ باسہ۔ تِکیازِ لَلہِ ہُند موضوع چھُ محدود۔ تِمہ اعتبارٕ تیٚمِک نوعیت چھےٚ ژکہٕ کٔسنی۔

مذہبی شاعری ہِنٛز موضوعی حدبندی نظرِ تل آسنہٕ کِنۍ چھےٚ کیٚنٛہہ لُکھ شاعری ہِنٛز اَتھ ذٲژ کلہٕ ہِندِس اَکھ Minor یعنی لۄکُٹ شاعری مانان۔ تِہنٛدٕ نِہ کٕنہ چھُ یہِ زِ مذہبی شاعر چھُ مِزانٕ کِسٕنہٕ تیوٗت مذہبی آسان زِ تَس چھُ نہٕ اَمہِ آرِچ ہُمبر کٔنہِ ہے چیز لۄبِنہٕ لمہٕ وُن باسان۔ یا وَنو ییٚزِ مذہبی شاعر سِنٛز جیسا گِھی چھےٚ پَنٕنہِ نَس حدَس اَندر اندرے بیدار تہٕ کارگر روزان تہٕ اَمہِ حدٕ نیبر نیبر بڑٕ رِیہ ڈیٚپٕرزِ تہٕ بےٚ مائل بَنان یا بےٚ حس سپدان۔

اَما پوٚز یہِ بحث ہیٚکہِ نہٕ مذہبی شاعری تام محدوٗد روزِتھ۔ مثالہٕ پأٹھۍ ہیٚکَو یہِ بحث لولہٕ شاعری متعلق تہٕ تُلِتھ تہٕ یہِ نتیجہ کڈِتھ زِ چونکہِ لولہٕ شاعری ہُنٛد موضوع چھُ محض حُسن تہٕ لول تہٕ چونکہ لولہٕ شاعر سِنٛز جیسا گِھی چھےٚ حُسنہٕ چمنس یا عشقہٕ صحراوس منٛزٕے بااثر سرگرم روزان تیٚلہِ کیٚنٛہ گٔیہِ لولہٕ شاعری تہٕ اَکھ لۄکُٹ شاعری۔ یِتھہٕ پأٹھۍ ہیٚکَن اَکہِ اَکہِ شاعری ہِنٛز دارِیاہ ذٲژ، شاید سارےٚ ذٲژ لۄکچہِ شاعری ہِنٛدِس داینس منٛز زِ میٚچھتھ تہٕ مرزا انیس، رسول میر، اَلیئٹ، عبدالاحد نادم، فیض تہٕ دینا ناتھ نادم ہیٚوۍ شاعر باسَن موضوعی اعتبارٕ مختلف آسنہٕ تہٕ محدوٗد تہٕ تۄہِ کیٚنٛہ لۄکٕٹۍ۔ اَمہِ زاوِیہ محچھتھ ہیٚن اِیسکائلس تہٕ سوفِکلیز ہِس ہیٚوۍ ٹریجک شاعر تہٕ لوکٹین شاعرن ہِنٛزِ گیٚنٛچہِ گَنڈنہٕ۔ یہِ بحث وانہٕ چھیکرس بیٚتھ سوالس پیٚٹھ زِ فلانۍ نظم یا غزل بیٚہتر چھا فلانۍ نظمہِ یا غزلس

مقابلہ بوٚڈ کینہ لوکٹ۔ مطلب ییٚز بحث روزِ نہٕ مذہبی شاعری تامے محدود، ییٚلہ ییہِ اَتھ آو لیٚنس منز۔ کُلہم شاعری وٕلینہ تہٕ پانٕے بارسہ یہٕ بحث محض وقت ضایع کرنس برابر۔ نہ مذہبی شاعری چھا کینہ چھینہ لوکٹ شاعری۔

مثالہ مٔہ کیٚہ زٕن سوچھ؟ اسہِ روٗشل میرس تہٕ مہجورس متعلق زِ ہیموٚ منز کُس اکھ چھُ بٔڈ۔ سینہ کھتہٕ بوٚڈ۔ موضوعی رنگارنگی منجب مہجور ییس۔ مگر کاتیہ شتہٕ فاصلہ دینہ بغیر تیہ مابینہ اسہ ییتِھ وُچھن تہٕ اما مہجورن ہٕندِ مختلف موضوع ورتاوس اُندی ہٕنز چھِہ تیم چھا ساری شاعری بنیمتی۔ یعنے اسہ چھا نتیشہ کی ساری تجربہ یاوِ ہِزار قابلِ قبول باسان؟ اسہ چھا پانس تیم پوٗز تہٕ پزٕر باسان؟

یمنٕے ہیوٚین سوالن پیٹھ سوچنہ سترے وٕز چھِ قاری یا نقادس ہٕندِ رٕوی ییک مسلہ کلہٕ تُلان۔ یعنے یہ سوال زِ مذہبی شاعری متعلق کتھ کران چھا اسہ خود مذہبی موضوعن تہٕ تمن موضوعن ہٕندِس شاعرانہ ورتاوس متعلق کتھ کران کینہ مذہبی عقیدو تہٕ پزھو تلمعوہ پریمنہ مذہبی مزاجچ تہٕ مذہبی سوچن تہٕ زیٚنن ترایہ متعلق؟ ہرگاہ کتھ مزاجچ تہٕ ترایہ ہنز سے یا ٹیچھے نیلہ ہیٚکہ مذہبی شاعر بوٚڈ نہ آسِتھ، نِکیاز سُہ ہیٚکہ مزازِ کینہ کتھن تہٕ موضوعس نسبت پنُن ردِ عمل پیش کرِتھ۔ تتھ ہیسا گژھی اسہ مذہبی آسِتھ تہٕ وسیع۔

مثالے اکس [illegible] بیٹھ عبد الاحد نادمس مقابلہ رحمان ڈار

پرٛزِھ والین ہُنٛز تحسین کاری (Appreciation) ہیٚکہِ مشکوک اَسِتھ تہٕ تِہٕنٛدِس سِلسِلس منٛز چھُ گوڈٕ یہِ کتھ کرٕنۍ ز اَمہِ چھا مُصنِفٕنٛدِس مازان تہٕ تعریف کران کینہہ شاعری تہٕ فنس؟ تہٕ یِتھۍ چھِنہٕ یہِ پرٛزرَ تہٕ مُنشرُن زِ خمہ دِ پرٛزِھ والین منٛز تہٕ چھِ تِتھو لوکھ یِمن تہٕ مذہبی شاعری طارِ کھسان چھےٚ۔

(۲) دوٚیِم نوٚکتہٕ یُس مذہبی شاعری خلاف تُلنہٕ یوان چھُ سُہ چھُ زِ مذہبی موضوع چھِنہٕ زٕ کہٕ شاعری لایق شعر وَننس یا شعر گنٛڈنس لایق۔

مذہبس چھِ زٕ روخ: اَکھ باری تعالیٰ سٕنٛد وُجوٗد چھ حقیقت یا وُنۍ چھیکرس پزر چ حقیقت تہٕ بیاکھ انسانہٕ سٕنٛز پرٛژھ تہٕ عبادت۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ یِم دوشوٕے روخ چھِ شاعری بابت نالگہار۔ یا وَنۍ بچھر کتھ زِ شاعری چھِنہٕ یِہنٛد بابت موزوٗن کینژھا اَدہٕ یکتر زِ یِمو منٛز چھُ گوڈنیک روخ حد روٚس تجریدی تہٕ کینژھا اَدہٕ بابت زِ یہِ روخ چھُ برونٛہہ کنِہ انتہائی بلاغتہٕ سان، ایمائی انداز تہٕ خوبصورت پاٹھۍ بیان کرنہٕ آمُت۔ مثالے خود الہامی کتابن منٛز تہٕ نتہٕ اَدہٕ معہ کہٕ زِ مذہبکۍ یِم دوشوٕے روخ چھِ باونہٕ کھوتہٕ زیادٕ ژھیتر نسن لایق۔ یِمن متعلق کتھ کران چھےٚ یا تہٕ زِ یوٚ کلان نتہٕ باوتھ بناوٕنۍ باسان۔

(۳) مذہبی شاعری خلاف ترٛیِم نوٚکتہٕ چھُ یہِ زِ مذہبی شاعر

چھُ نہٕ وَنان یہِ تِمَن مذہبی نوٗعہ قطعے نظر موٗجُب مناسِب باسِہ۔ تِہٕ زَن گوو زِ شُہ ہیٚکِنہٕ اوٗرٕ یوٗرٕ ڈٔلِتھ تہٕ وَنِتھ یہِ تِمَن پننہِ دِلہٕ وۄنہِ یا یہِ تِمَن یانِس یوزنہٕ ییہِ یا یوزُن نہٕ گژھِس۔ تِکیازِ تِہُنز پانٛھی حد ڈٔلُن گوو کُفرٕ، نہٕ امہِ طریقہ ہینٛز پان فائدٕ کرُن گوو پننہِ اورٕ جنیلِٹیہ تہٕ ذاتی تہٕ منفرد دیدٕ آگہی کھۄشش کرُن۔ مذہب چھُ اورٕ سے مکمل تہٕ برٕونٛہہ مُستند۔ اَتھ کیاہ ہُرٕ راوِ شاعر؟ مذہب چھُ اکھ سیٚٹھا ساد یزرٕ۔ اَتھ چھنہٕ کینٛہ ہیٚچھرُک ضرورت۔ یہِ چھُ مُقدس تہٕ اَتھ کُس وَنٕن ہاوِ تخیلُک؟ یہِ چھُ پانہٕ خُدٕ شانٛک تہٕ بٔڈ مرتبُک، اَتھ کُس شعر کرِ ساز تہٕ کم دِن لاگِس؟ اوے کِنہ چھنہٕ مذہبی شاعری بعضے تحقین لوٗکن نہٕ کانٛہہ اہم چیز باسان۔ یم واقعی مذہب دار تہٕ پزٕ رٕ والی آسان چھہ تِہنٛد کینٛہ چھنہٕ امہِ قسمہ شاعری زیادٕ لیکھنہٕ زیادٕ شعر باش نہٕ یاد، وہ تِمن دَرہیر کرنُک وسیلہٕ۔

مہجوٗرنہ دورٕ پیٹھہٕ ازتام چھہ کاشر شاعری متعلق سیٚکو کلھم کرِتھ وَنِتھ زِ اَتھ چھُ غالب میرزانہٕ غیر مذہبی۔ اما تِکیازِ؟ سہَل جواب چھُ یزٕ موجود، دورس منز آو علمی لحاظ اکھ بے نظیر انقلاب ییمہ مذہبی پزٕھن مۄل پرٲدٕ۔ لُکہ دوٗریہ مذہبہ نشہٕ ہیمہِ چیک اکھ ثبوت ازکل کیٚہن شاعرن منز مذہبی شاعرن ہُنز کمی چھے مگر یہِ جواب چھُ ناہ سہل چھُ تیوٗتے چھُ بۄ تہٕ زٕہنہٕ۔ تِکیازِ کُس دور چھُ مذہبی اعتبارٕ زیادٕ پزٕھ وول تہٕ کُس چھُ کم پزٕھ وول تہٕ شخص

کرُن چھُنہٕ سہل۔ خاص کر یتھ اوٚ کینٛہہ زِ مذہبی اعتبارٕ پژھ وول آسُن یا پَنُن چھُنہٕ شاعر آسنس کانٛہہ لازمی شرط۔ تیٚتھی لوٗکھ ہیٚکن آسِتھ ہیم شنو پاٹھی مذہبی آسِتھ تہٕ یِمن مذہب ریٚتھو پاٹھی رگیہ رگیہ منٛز چھ چھپیراں ھنوراں آسہ مگر یا آسکھ نہٕ شعرٕ وَننٕچ صلاحیت، تِتھٕ آسن مذہبس شعر بناوُن ناکارٕ یا غیر ضروٗری زانان۔ کینٛہہ زمانس منٛز مذہبی شاعری ہنٛز کمی ہیٚکہ نہٕ تمہ زمانچہ کم مذہبیت ہنٛز دلیل بنِتھ۔ کنٛہ ہیوٚ ہِنہ عنٛدی ہٕنٛز کشیر منٛز چھُنہٕ روٗشل میرس ہیوٚ دوٚیم کانٛہہ مجازی عشقُک عاشق۔ مگر تمیُک مطلب ماگو زٕ تتھ زمانس منٛز اوسنہٕ روٗشل میرس ہیوٚ یا تس سوایہِ بێیہ کانٛہہ نوٚوت تہٕ موٚت عاشق؟ یتھے پاٹھی نہٕ اسی یہ ونتھو ہیکوٚ دِتھ زِ یتھ زمانس منٛز کٲشرو شاعرو بے شمار جنگ نامہ لیٚکھی تمہ زمانکو کٲشر کیا اسی ہٕ ستھی شجاع تہٕ دلیر۔

مذہبی شاعری متعلق یتھ بحثس دوران ہیکوٚ اسی گژھتھ تخلیقی ادبس متعلق اکس اہم سوالس کُن تہٕ مرحمری سام ہیٚتھ۔ یعنی یہ سوال زِ ادبس تہٕ تنقیدس منٛز کیاہ چھُ نظریات یا عقیدک رول؟ جدید ادبی تنقیدس منٛز چھُ یہ مشہورٕ خاصیت کیس حدس تام عام زِ حقیقی نقاد گوشٕ شس کُنہ ادب یا رس منٛز سیدی یا اسیدی پاٹھی باوتھ آمژ چھتت نظرایہ، نظریاتس یا عقیدس متعلق پنُنہ کُنہ ذاتی ردِعمل کُ شکار سپدنہٕ بجایہ خالص بنِتھ جمالیاتی

ردِ عملس کامہٕ ہیٚکیہ نہٕ ادب پارس محض جمالیٲتی معیارو موٗلانکہٕ وُن کرِ۔ اما پوز شاید چھُنہٕ منفی صلاحیژ ہندِس اتھ معیارس پیٹھ وُترُن تہٕ ییتھ وِزِ چھُ ممکن نہٕ خاصکر ییٚلہِ چھُنہٕ مذہبی شاعری متعلق امہِ قسمیچ غیر جانبداری برتنہٕ ییتھ وِزِ اتھ روٗٹ کران۔ ییتھ محفلہ منز آسن کیٚنژھ صاحب تمہِ نہٕ ہیٚم میانی پاٹھۍ لوکہ چار پیٹھ برابر از تامہ کیٚنژھہ نعت یا لیلایہ بیمتہر بوزان تہٕ تیوان آمتۍ آسن، لیکن نہٕ لہرسان، ذوقہٕ تہٕ شوقہٕ اوش ہاران نہٕ نالہ دِوان، مختلف وَرن تہٕ مختلف صورت حالن منز۔ تیمہ لیلایہٕ یا نعت چھہ یہ ڈُج نہٕ ساسہ لوکچار کی باتہٕ۔ جوانی ہندِ یارتہٕ بٲجر کی ساتھی رُود ییمتہ، تہٕ ییمچین پنین متعلق ذاتی تعلقات مُشرتھ کانہہ خالص جمالیاتی راے ظاہر کرناوَن مطالبہ چھُ ییٚنژھی ہیوہ بیٚے موقعہٕ نہٕ بیٚے واتھ باسان۔ ییتھ بقول ہیلن گارڈنر کانسہ شخصس یہ پڑژھن باسہ ژون ساچانی موت چھانو بصورت ییتھین معاملن منز عقیدتی تہٕ جمالیاتی ردِ عمل بیوٚن بیوٚن ژھاپنی ہرگاہ نہٕ کیٚنژھ ناممکن آسہ مگر مشکل چھُ خدر روٗس باسان۔ بیٚنژ یوت نہٕ ییتھ ہیو حال ہیٚکہ تمس کانسہ شخصس تہٕ سپدتھ ییٚس مذہبہٕ نشہ برگشتہ گومت آسہ، تکیازِ ییمتہ پاٹھۍ آسہ مذکورہ نعتن یا لیلاین منز کانہہ کمی کوتاہی ژینان چھینہٕ تمچہ پاٹھۍ باسیہ نہٕ تمس برگشتہ نفرس تمن منز کانہہ قدر وقعتہ آرہ منز را۔

شاعری ہندین فنی گوٗنن ساممہ ہیٚکنہ تہٕ تمن ہُنز جمالیاتی

تحسین کٲرِس چھےٚ سمجھاونہٕ کرنٕچ کام۔ اَتھ چھِ قدمہٕ قدمہٕ برونٛہہ پکنچ
سمکھان تہٕ وَتہٕ ڈالان۔ مثالہٕ پأٹھۍ نینتون کانٛہہ شعر قٲری یُس
عام مذہبی، رہزٕ وَ تہٕ رسمو نیشہ بدِل گومُت آسہِ تہٕ کُنہہ خاص
قسمہٕ کِس اسپرٕچِس آسہِ حقیقی مذہبی اسپرٕچ مانان۔ یُتھہِ سۭتۍ
قٲری بیٚیلہِ کُنہہ اَدبی تخلیقہِ منٛز یِنٛہ مۄہ اسپرٕچ لبِہ تس
کرِ سُہ تخلیق بڑٕ خوش۔ بدَل لفظَن منٛز وَنٛو یِتہِ سہٕ دِیہِ نظمہ
ہنٛدِس فنی حُسنس داد بلکہ تمہِ منٛز موجود تُمہٕ اسپرٕچس
یِمہِ تس پانَس شَرپہتہ آسہِ۔ مثالہٕ پأٹھۍ ہیکہٕ وُنہٕ نہ زاقبالنہٕ
نظم "شِکوہ" چھِ واریاہ لوٗکہ اَوٕ موکھٕ اہم شعر تخلیق مانان یِکیاز
تمہِ منٛز چھِ خدایس سیٖتہ گرٛہ اوہ گرٛہ اوہ کرنہٕ چاپہٕ یُتھی لاگے کرنک
ہیوٚ اپرٕچ۔ گویا تِم لوٗکہ چھِ تمہِ تھی شکھی لاگیہ تعریف کران تہٕ نظمہ
ہنٛدِس وۄجوٗدس یا تمہِ کِس جمألیأتی مولس۔ مذہبی شٲعری متعلق
امہِ قسمک تنقیدی رُوی تہٕ چھِ بلکل تِتھے ہیوٗ رُوی یُس یُتھہٕ أکِس
اخلأقی نقادٕ سُند رُوی ہٕ آسان چھُ، یُس اَدبکہِ فنی نوٗ نہ تہٕ
کھوتہٕ تمہِ کِس صالح یا غیر صالح ترقی پسند یا غیر ترقی پسند
مجأزی یا صوفیانہٕ آسنس زیٛادٕ اہمیت دِوان چھُ۔

امہِ قسمک مُشکل چھُ أز کالہٕ کِس قٲری یَس زیادے بُہکت
دربیش۔ یِمن لوٗکن أزیُک زمانہٕ راوَن گٔیہِ تہٕ حأرانٛی ہُنٛد
زمانہٕ باسان چھُ تِہنٛدٕ کینہہ گوٚتے تجربہٕ زیادٕ پُرخلوص تہٕ زیادٕ

سٔنٛز پأٹھۍ مذہبی تجربہٕ یِمہٕ تٔلہٕ پٔرٕتھ تہٕ سوچھ ساوٕنہٕ تہٕ بجا یہٕ
تشکیک تہٕ بے قرأری چھِنہٕ پے لگان آسہٕ تہٕ دوٚہ میٚز تہٕ پیرادِ بدلہٕ
نا ووٚمیدی تہٕ لاچأری چھِنہٕ نیب لگان آسہٕ۔ گویا تشکیک تہٕ
بے قرأری چھِنہٕ آسُن تہٕ آسُن یَنہٕ معیار، یُس جمالیأتی معیارس
جاے رٹہٕ۔ یوٚہے بُل چھُ تِمَن نقادَن گژھان یِم مثالے شیکسپیرنِس
تِمَن شعرن عمیق ترین تہٕ اعلا ترین مذہبی شاعری ہنٛز مثالہٕ مانان
چھِ یِمَن منٛز زندگی ہِنٛدۍ معدوم سپدنُک بے ربا زیٛنٛدگیہ ہیٚنٛد
احمقانہٕ بے معنیٚج عدیم المثال باوٕتھ ییٚنہٕ منٛز چھےٚ۔ جدیدیتُک ہنٛدۍ
علمبردار تنقیدس منٛز تہٕ چھےٚ بعض ہم کال ادبس منٛز نظر گژھان
وأریس مرٕتھ ییتھس تہٕ بےٚ معنیتس تیٚتھ پأٹھۍ مولانکھ وَن سپدان
زِ ہرگاہ شعر لیکھ بے معنیت تہٕ مذہب دانون تیٚلہ چھُ نہٕ ٹھیک
آیتھوت حد روٗس گژھ سپدان زِ ایٚتھ آیہٕ دٔنۍ چھُ غیر ضرورۍ
باسان۔

جدیدیأتی تنقیدِ منٛز چھُ مذہبی شاعری متعلق یُہ دوٚیم ہیٚشہ
یِلہٕ کیہہ چھُنہٕ باسان بنیہٕ اکہٕ طریقہٕ تہٕ لگان۔ موجودٕ فکری فضاہس منٛز
چھُ یہِ خیال عام زِ انسان ییٚلہ یُتھ گٔژھ چیٖزس ضمیرس منٛز نہٕ پیٚلہٕ ہیٚکہٕ
گنٛڈِتھ نتہٕ پنٛنِس آدمی تقدیرس پیٹھ سوچان چھُ شمہ چھُ اکس
مذہبی انسانہٕ سٕنٛز حٔسۍ پیٚٹھ سوچان۔ امہ گوشہ سٕر گاہ چھُ نہٕ ییٚلہٕ
باسُن شیکسپیٚرسٕنٛز تٔجرِبہٕ تہٕ مذہبی شاعری ہنٛز سٕے مثالہٕ تہٕ عالیہٕ

سٮٚنٛدِ یِتھۍ ہیوٚی شعر تہٕ :

نہ تھا کچھ تو خدا تھا، کچھ نہ ہوتا تو خدا ہوتا
ڈبویا مجھ کو ہونے نے، نہ ہوتا میں تو کیا ہوتا

نٮ۪یٚلہِ یا سہٕ وۄڈُسورٕتھ مشنٛد اوڈٕ "لافنائی ہٕشِنز ژینہِ ژکن" تہٕ اکھ مذہبی نظم تہٕ راقم الحروف سٕنٛز نظم "صدا" تہٕ، حالانکہ یِمن ہُنٛد آگُر چھُ آدمی صورتِ حال نہ زِ مذہبی تجربہٕ.

مذہبُک بُنیاد چھےٚ وحی، مکاشفہٕ، اِلہام تہٕ مذہب دارٕ کٔرۍ زِندگی گُزارنُک کانٛہہ تیٚتھ ضٲبطہٕ زٲنِتھ مانِتھ یَتھ پانہٕ نادِن یِیس وحی، مکاشفی یا الہامی ہدایتن مُطٲبق آسہِ۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھٲوِتھ ہیٚکو وَنِتھ زِ مذہبی شاعر چھُ پننہِ انفرادی آزادی مُشرِتھ تہٕ پانس زنجیور لاگِتھ شاعری کران۔ تہٕ چھُ غیر مذہبی شاعرس مقابلہٕ نِشہِ پٲٹھۍ تہٕ واضح پٲٹھۍ اکھ قولہٕ ہیوٚرِتھ (Committed) شاعر آسان تہٕ تَس چھےٚ اکھ مُتھ دارِ آسان مذہبی کتھ باوٕنۍ تہٕ تَتھ مُتعلِق پننُے ردِ عمل ظٲہر کرُن۔ غیر مذہبی شاعری ہُنٛد موضوع ہیٚکہِ کانٛہہ تہٕ چیز، خیال، احساس یا تجربہٕ آسِتھ، مگر مذہبی شاعری ہٕنٛدۍ موضوع چھہ ژُرکہ زٕ :

وحیِچ، مکاشفیُچ یا الہامُچ یا وَنو ژھوٚڈ پٲٹھۍ مذہبُچ تہٕ تَتھ سٟتۍ وابستہٕ عوامِلن ہٕنٛز حقیقتُک ہٕنٛز باوَتھ۔ اَتھ منٛز ہیٚکہِ تہٕ وہڑار تہٕ فلسفہ تہٕ شامِل سپدِتھ یَتھ مذہبس چی ہارش۔ یَژھ یَژھ

آیتھ آسہٕ ۔ مثالے وحدت الوجودی فکرٕ یا مارکس وادیتھ برٹرینڈ رسل تھٕ پاٹھۍ اکھ مذہب گنزران چھ یتھ پاٹھۍ مثالے عیسائیت، بدھ متس یا اسلامس مانان چھ ۔ یہ گو مذہبی شاعری ہند اکھ موضوع ۔ دویم گو مذہبس تہٕ تتھ سیتۍ وابستہ عواملن شخصیژن تہٕ ادارن متعلق شاعرٕ سند رسپانس یعنے جوابی باس یُس مثبت تہٕ ہیکہِ آسِتھ تہٕ منفی تہٕ ۔ مثبت جوابی باس گو مذہب تہٕ تتھ سیتۍ وابستہ عوامل بیتر قبول کرنی تہٕ تہندٕ ترجمان بننٕ تہٕ منفی جوابی باس گو تیم مسترد کرنی یا تِمن متعلق شک باوُن یا تِمن طنز وغیرہ کرُن ۔

ادبی تواریخ چھے شہادت دِوان زِ کینہہ دور چھِ مذہبی شاعری یا پتھ سازگار آسان، بیٚیلہِ زن کینہہ چھِ نہٕ سازگار آسان ۔ مذہبی شاعر سند نقطۂ نظر کتھ چھے سازگار زمانس منز خصوصیژ آسان ۔ اکھ یہ زِ سہ چھ اتھ سازگار فضاہس منز پننین پرن والین منز بیٚیژھ پڑھ تہٕ تہنز مذہبی زانکاری ڈکھ رٹتھ ہیکان ۔ شاعرس تہٕ قارئیس درمیان چھِ مذہبی نوکینہ رہزنہٕ ، ایمانہٕ علامژ تہٕ تمن سیتۍ وابستہ ۔ احساس مشترکہ آسان ۔ واتناوُن چھِ دیقژ چھے کم کھوتہٕ کم آسان ۔ دویم یہ زِ فنی لحاظ چھ شاعری ہنز معیار یہ ڈیپی زنہٕ خارجی آسان ۔ یعنے بڑو نیٚتھے زانی ہنز مانی ژتھ تہٕ مقبول آسان ۔ مثالے یتھ پاٹھۍ زِ حمدیہ یا نعتیہ نظم لیکھنہٕ وِچھ سیٚندی پاٹھۍ تمن پیشرو شاعرن گن

یِموٗ حمد، نعت یا لیلایہ تہٕ بجن لیکھِ مِتہ آسَن۔ موضوع چھُ مقرر
تہٕ عوٲمی سوٗتھرس پیٹھ معلوٗم تہٕ مقبوٗل تہٕ شاعری ہنٛدی قالب تہٕ
اسالیب تہٕ چھِ کَم یا زیادٕ برٛونٛہہ نیٚتھٕے مُشخص۔ یِتھیٚن حالاتن منٛز کام
کرٕنۍ چھےٚ سہل باسان۔ مگر مُشکل تہٕ چھِ سیٹھا۔ تکیازِ یِتھس ماحولس
منٛز چھُ اَغلب زِ شاعر سپدِ تھیٚکہِ نِیار بتیار رسمی جواٰبی باسَن ہُنٛد
شِکار یِمن رچرڈس Stock Responses وَنان چھُ۔
اَرچِھ مثال کٔنِہ کاشُر صوفیانہ شاعری ہُنٛد سُہ حصہ یتھ منٛز نفی اثبات
وغیرہ ہِوی رسمی اصطلاح کُنہٕ تخیٔلہٕ یا احساسہٕ ورائے ورتاونہٕ
آمٕتۍ چھِ، یا تِم حمدیہ یا نعتیہ شعر یِموٗ نہٕ شاعرِس منٛز شخصیژ ہُنٛد کانٛہہ
کانٛہہ اشتیاق یا تہٕ دِوان ژُیِ نِمٕت آسان چھُ۔

اَتھ برعکس وَنوٗ ناسازگار زمانہٕ تتھ یتھ منٛز شاعرس پننہِ
حوالہٕ وول دُنیا (Referential World) پانے
کھٔرُن پیٚیہ۔ یتھ منٛز مذہبی پژھ تہٕ زانکاری ہُنٛد اجتماعی اشتراک
نہٕ آسنہٕ کِنی مذہبی شاعرس پننہٕ موضوعچ اہمیژ ہُنٛد باسِس
نہٕ پانَے پیٚنہٕ دِین تہٕ نتیج دلیل تہٕ۔ سُہ گژھہِ اَمہٕ بحیثیت شاعر
نہ صرف پننہٕ فنکارانہ وۄستادیہ ہُنٛد باس دِین، مگر گژھہِ اَمہٕ
پننہٕ عاجزاوُن زِ سُہ چھُ یانہٕ تہٕ پٔرزی یاکھو اکھ مذہبی انسان تہٕ
تسنٛد مذہب چھُ پوٗز تہٕ معنہٕ سوو تہٕ قابلِ قدر۔ یِتھی ہیۓ ہوٚس
زمانس منٛز چھُ شاعرس تہٕ قاری یس درمیان وانناوِ رُک

مسلہ گھمراوسیدان، تہٕ اتھ ماحولس منز چھہٕ شاعر شاعری ہندین
فالہٕ بن گٹھووس تہٕ زبانی سیتھ زور زبردستی کرنس بدلہٕ مجبور گژھان
یا رمزن تہٕ اشارن کام ہیتھ ابہامہٕ سیٹھ اظہارٕک ذریعہ بناوان
ہیوان۔ جدید مذہبی شاعری منز چھہٕ امہ قسمہٕ چن مجبوری ین ہند
نشانہٕ جایہ جایہ نظر گژھان۔ تاہم چھےٚ یہ حقیقت زِ یمو ناسازگار
تہٕ مجبوریو باوجود یلکہ وُنو یمہ ہندی سببہٕ آیہ موجودہ ناہموار ادب
پژھہ تہٕ بےٚ مذہب دورس منز مذہبی شاعری ہند کینہہ نہایتھی عالی
شان مینار تعمیر کرنہٕ یمن ہند جوریٚ ہوار یاہ بظاہر بایمان
تہٕ مذہب دار زمانہٕ تہٕ پیش ہیکن کرِتھ۔

زیجورین منز فاِداہ سیتھ نہٕ چھےٚ مذہبی شاعرو ترژھ
شاعری تخلیق کرمژ، یوسہ شاعری ہنزن اعلا کھوتہٕ اعلا کھوین
پیچھہ پاسہ نشان چھےٚ ازیک مذہبی شاعر ہیکہ مفکرہ قد ژٹنہ
ورائے تہٕ ازیک محاورہ پننہ مناسب طریقہ ورتاوِتھ مذہبی یوزن
متعلق پننہٕ انفرادی دیداگی ہند تہٕ مذہبس نسبتھ پننہ قولہ
ہاوری تہٕ مسلہ داری ہند باس پیش کرتھ۔ تہ ہیکہ وحی ہند کاشفی
تہٕ الہامی حد اقرن منز گنجتھ اسرار تہٕ تیم نوو معنہ فتی ظہور ننتھ
گژھتھ یمن ہند تہٕ یچھ کالہ باس لوگمت آسہ تہٕ یم ازکہ زندگی
منز زیادٕ توجہ طلب تہٕ لگہ ہار باسن۔ ازیک مذہبی شاعر ہیکہ
مذہبی داِیرن منز روزتھ تہٕ پانس اندی پکھی شاندار تہٕ تحیر انگیز

کائناتس ہنز بر پا لوٚ تہٕ پرٛیوٗر ہندس رقصس متعلق پنٕنہٕ انفرادی دید آگہی فنی صورتھ دِتھ۔ شہ ہیٚکہِ زندگیہ ہنٛد کرمک باشن کائناتکہِ اسرارک باش۔ بیٚیمہ فہم نہٕ سپدن والہ دُنی ہیٚتھک تہٕ موٚس ژانن والہ بارک باش دوہ نٕلاوِتھ بہ احساس تہٕ تہٕ گژھتھ نہٕ زمان و مکان سورُے چھُ آنہٕ بیشہِ تہٕ عذابس ہنز آورنہٕ ییٚتھ منٛز نجات پانہٕ ممکن بناونچ کوشش کران تہٕ نتہٕ اوریکیسے نجاتس تہٕ آنہٕ گمہٕ ہیہس پٲران۔

شاعری ہنز کام چھےٚ زندگی ہنٛد کہ پیٚکر تخلیق کرِتھ تیٚرن والہ سند تخیُل دوہ پٲداوُن تہٕ حاصل چیز بناوُن۔ دُنیہٕ چھِ زوٚ ذاژن منز چھُ انسانیے یوت اکھ شہ ییٚس پوٗزا یا عبادت کران چھُ تہٕ شاعری ہیٚند لوٚ قسمو منز چھےٚ مذہبی شاعری بازِ یوٚہ امیس عبادت گذار زوٚ ذاژ ہنز شبیہہ گرٕنچہ سبیلہ کران چھےٚ مذہبی شاعری ہنز منصبی کام (Function) چھےٚ آیتیہ شبیہہ تراشنی تہٕ امی شبیہہ تراشنی تلہٕ چھےٚ مذہبی شاعری ہنز اہمیت نشان۔

امی تجلا وصل خوشی تو ہنگامہ زا ۔ با ہمہ در گفتگو بی ہمہ با ماجرا

غلام نبی ناظر

# وٲژُن ـــ اَکھ مختلف انٛہار محمود گٲمین تام

للہ واکھ تہٕ شیخہ شرُکی چھہ بُنیادی طور کٲشرِ ہِنٛدِ اکہِ زیٚٹھہِ شاعرٕ دورُک انٛہار۔ یِمَن منٛز اَکھ مخصوص فضا، مخصوص فلسفہٕ گنٛڈِتھ ادا تہٕ بیٚیون لہجہٕ دٔریٛنٹھٕ گژھان چھہٕ یُس بَتہٕ پھانٛبہ چار لیٛکھتہٕ کٲشرِس والہانہ شاعرٕ مزازس نزدیٖکھ چھہٕ باسان مگر تیوٚت بیوٚت وٲژُن شاعری ہُنٛد لہجہٕ، رنگ تہٕ زبان نہٕ گرٛت اَتھ مزازس خاص پٔنُن باسان چھہٕ، نہٕ کیازِ واکھ تہٕ شرُکی چھہٕ اَکہ خاص عقیدٕچ فلسفٕچ تہٕ نظریہٕ ہٕنٛز شاعری، یشتی کأنہ نصٕدنہٕ پیٚٹھہ یا تَمِہ برٛونٛہہ تہٕ چھہٕ اَتھ کُنہِ مخصوص نٔوعیتٕ نظریُچ وابستگی تہٕ پھالاوَنہٕ سیمٕت سعہ چھیٚے الگ کتھ زِ یِمَن بِیَن انسأنی تجربَن تہٕ احساسن ہُنٛد زیٚٹھ گۄہ تہٕ ورتاوِ سیتہ اعلیٰ پایہٕ شاعری ہِنٛز زبأنی تہٕ ورتاوٕ سیتۍ کِنَدِ پارِتھ شاعری تہٕ کٲشرِ شاعری تہٕ ادٕ بنیٚج اَکھ باکمال تہٕ موٚلُل بُنیاد۔

مگر بُنیأدی طور چھہ وٲژُن ہنٛز شاعری سعہ شاعری یُس

اصلی کاشُر مزاز ہیٚتھ ہیٚکہٕ ہس کُنہٕ اَتھ شِک وجہ چھُ تہِ یہِ چھےٚ لُکہ
باتَن منٛز بینٛہ موٗل ہاوان۔ امیک کرومت، زبان، جذبہٕ تہ تہہ،
روٗمانی لہجہ یا انسانی زندگی ہنٛدی مختلف وِہی، انسانہٕ سٕندِ
محسوٗساتَن ہنٛدی مختلف رنٛگ، انسانس موقہٕ موقہٕ پیش ینہٕ والین
حادِثَن تہٕ عجائیباتَن ہنٛدی تاثیر۔ انسان فِطرتچہ مختلف اندروٗنی
تحریکہ تہٕ نظم بامُل انسس منٛز پیش ینہٕ والی مرحلہ یعنی تمام ساری
چیز ییم انسانی جذبن ہنٛدِس دٕنی یمہ سٕ متحرک کران، وٕتُش
دِوان، پھولراوان تہٕ پھانپھلاوان تہٕ میٹھراوان چھ، چھ وِزٕنکی
میراث بنان تہٕ یہے چیز چھ پینہ بے ضابطہ آیہ لُکہ باتَن وجوٗد
بخشان تہٕ معلوٗم چھ سپدان زِ وِزٕن چھ اکہ تنہٕ بیٚیہ رنٛگہٕ لُکہ
باتہٕ چھ اکھ ترقی یافتہ صوٗرت یعنی یہنے اندر آیہ یتہٕ کینہہ چیز
ضابطہ بند ورتاوٕ سیٚتی، اکہ گُنہٕ ڈیکہ گرہٕ کُنہ چھپلِتھ
چھکیتھ زبانی تہٕ سادر وار اظہار کہ برکتہٕ وِزٕن ہنٛدِس
صوٗرتس منٛز وجوٗدس ییم زَن عام لُکہ باتَن ہُنٛد چھیہ اَتھ ہیٚتھ
زِ کہِ ییٚتھ اکھ معصوٗم نسوانی یا زنانہٕ لہجہ، انداز، ادا تہٕ نزاکت ہیٚتھ
اظہارک گاہ پزاوان۔

ہیبتی رنٛگہ وِزٕنُک بُنیاد چھےٚ بروٗنہہ تہٕ حضرت شیخ سٕندِس
کلامس منٛز تہٕ موجوٗد۔ نتہہ ٹھی واریاہ مسلسل شعر کُو چھ وِزٕنہٕ کِس
ہیتس اندر پے مثالے" سیٚے ہیے ڈٕیی زِ تہ مسلمان" چھُ ہیٚم ژٕ تس

ماہر باتہٕ" تہٕ "بار خدایا پاچھ نوار" بیتر بیتر

مگر وۄنِس چھُ اکھ مخصوص رنگ تہٕ جدائیت پیٚنٛچ ذمہ واری چھےٚ صرف حبہ خوتونہٕ ہِنٛدِس اَتھ اندر ساری اُولہٕ تہٕ زاولہٕ، نوٗنُک تہٕ ستہنوٗن۔ تمہ پتہٕ چھ جدائی شیٚنہ دگ ہیٚمۍ خیال نظاوتہٕ وۄنیٚچ اکھ مخصوص صورت تہٕ شکل دیتمٕژ۔ یمہ لکہٕ باپتھ اَتھ اندر چھُ ہزارہ رنگ تہٕ رس حاصل کوٚر۔

حبہ خوتونہٕ ہِنٛدیٚن چھ صرف لولہٕ وۄنن ہم اکس نانہٕ شیٚنہٕ ادا چھ سپدِمژ ہیٚتھ نہٕ یمن منٛز تمہ کیفیژ بادہٕ چھےٚ لبان یمن منٛز ننان ہیٚندِ مختلف موقعن سیتۍ تعلق تھاو والین مختلف حالاتن تہٕ واقعاتن جذبہ کوٚنہ گوڈنیتھ زبان دِنہٕ چھےٚ آمژ۔ یمہ کیاہ کی ادعالن تہٕ اندرکۍ جذبہ شینہ جدائی ہندک اور نہٕ یس حالین شیٚنہٕ سختھ تہٕ دوکھ، وارِوین شیٚنہٕ سختی تہٕ زندگی ہیٚشہ کرواریاہ چھےٚ بیٚنیتھ یِنہٕ والی وۄتار چھاونہٕ مرحلہ چھ اکس حسین رومانی ماحولس منٛز اظہار کرس کاکدس چھاونہٕ یوان۔ مثالے" ولو میانہ پوشہ مدنو" "یاوُن میانہ کرمزکہ پیٹھ کنیوو انہٕ رنگے آکھ" "ہتھ ووٚلو تھم نہ اکھ چھےٚ پالو تمنا" "وارِوین ستیتھ وار چھس نو چاہِ کمیون حالیو" بیتر بیتر حبہ خوتونہٕ ہِنٛدین وۄنن منٛز بنیاد چھےٚ جوٚنہ لیلہٕ ووٚنن

منز میلان تہ تہٕہشدس وقتس ناہم چھِ وٲژن ہیٚنٛدی ہم اَنہار فطرٕ
کرِنہان۔

(۱) لکہ بأتن منز وَنوُنی وٲژن ـ

نبٕویس کُن ہے گنڈِ وے ژٕری یے
ژٕری یے درُود پٔری تو سے
محمد صابٕہٕ ہے رنگہ ژٕری یے
ژٔ یٚلہ کٔمی بٔری یے شیشہ تالو
نتہ سَن شیشہ تالو گٔیہ کَنی کٔری یے
ژٕری یے درُود پٔری تو سے [۱]

(۲) لکہ بأتن منز رۆفی وٲژن ـ

باغ وُژھ سے نوبہٕ ژیر لولو     باغ وُژھ سے نوبہٕ ژیر لولو
توُت تہ وُژھ سے جبہٕ پہنٕز ویر لولو     ہتہ بابو سے ماچھن چھیر لولو
تیوُت چھیر ہم دِل تہ ناو ہیر لولو     باغ وُژھ سے نوبہٕ ژیر لولو [۲]

(۳) شٔرکٕہ وٲژن۔ یِم چھِ شیخ العالمؒ سٕنٛدی وٲژن یِمن منز
تِم پَنٕنی ذیہن وارِ نصیحت کَران وانِ۔ سٕنٛدی خشُن بیٚتہ یا مُبلغ
تہ شغل سٕنٛدی یاتھی پادان چھِ مشالے ـ
" سٕگہ یِک ژٕ تہ مُسلمان " "گرد نو مسلمانن پتی"

---

۱، ۲ کأشر لکہ بأتھ جلد ۲، صفحہ ۲۸، ۱۲۹ (ترتیب بیان)

بیتھ مسلسل شٲعری۔

(۴) لولہٕ وَژُن، ییم گیٚہ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنٛدی بیٚیہ وَژُن ییم لولکیو تہٕ شُنٛکیو رنٛگارنٛگ وِہرِ تہٕ کاج شارناوان چھ۔

حبہٕ خوتوٗنہٕ پیٚیہ ڈ محموٗد گامی یَس تام ییمو شاعرو وَژُن ورتوومُت چھُ تہٕ یمن منٛز چھِ سیٚٹھاہ شاعرن ہٕنٛد کلام دِستیاب تہٕ پرٛٮ۪ت کانٛشہٕ شاعرُن ہُنٛد چھُ اوٚڈ بٲتھ کانٛشہٕ ہُنٛد اَکھاہ جوراہ بیتہٕ امہٕ کنہٕ اَتھ پیٹھ مکمل بحث چھُنہٕ ممکنٕے۔ صرف ہیکو یہ وَنِتھ زِ حبہٕ خوتوٗنہٕ پتہٕ چھِ وَژنن منٛز مواد رنٛگوارِیاہ ذاتٕ ژھ ہرِس کھوٚتہٕ مٲز ییمن منٛز صوفیانہٕ وَژن، نعتیہ وَژن، منقبتہٕ وَژن تہٕ لیلایہ وَژن بیتہٕ بےشمار چھ۔ مگر محموٗد گامیس تام چھِ عام طور صرف صوفیانہ وَژن ہُنٛد بےپناہ میلان۔ ییمن اَندر چھِ خواجہ حبیب اللہ نوشہری سُنٛدی، موٗمن سُنٛدی، سعد جوٗکرال سُنٛدی شاہ غفور سُنٛدی وارِیاہ وَژُن بَدن آمٕتۍ۔

منقبتہٕ وَژن ؎

اَتہٕ کتہٕ زبان وَنہٕ یےٚ زٲری    یا شیخ نوٗرالدین یاری کر [۱]

(بابا داؤد خاکیؒ)

صوفیانہٕ وَژن ؎

ڈٮ۪ٹھو وو گژھہاو دوبیہ    ڈٮ۪ٹھو وو گژھہاو دوبیہ

کنٛت کنزاً آو بیہ    جلو ماران ذراوبیہ

---

۱ کاشرِ ادبُک تواریخ۔ صفحہ ۲۳۴

کیٛاہ بٔہ دِمَس ناو یہے     وٲتھوٗ گرٛٹھاو ردو یہے

(حبیب اللہ نوشہری) [1]

ٹھٹھ چھا عشقنہٕ زنجہ ڈُرنہٕ یہے     رٕژھ رٕژھ مرٕژھ ماز کھیتو نیہے لو"
زہر گوٗ یہے ڈیر ہیہٹھ ہیو سکھرُن یہے     وارِ کٕنو گرٛٹھ نیرُن یہے لو
عشقہٕ نیٚن ذارس گرٛٹھ گِنڈُن یہے     رٕژھ رٕژھ مرٕژھ ماز کھیتو نیہے لو

(مؤمن صاحب) [2]

ہاولو مَنہٕ پھُلی وٚندیو پادن     آدن باجہ میانہٕ یارو وسے
گُلکلے بہرِ کوٚہ ترا وبھ کولہٕ رادن     ڈُکلے وو ترے میو نے گو
مٮٚے کلے چانے ترا نِشہ گے موادن     آدن باجہ میانہٕ یارو وسے"

(اَرِنہِ مال) [3]

ییٚم ساری چیز ییٚمہ نظرِ تھاوِتھ یوٚسہٕ صوٗرت وژُن مَنز مینہٕ یِنگو ہمۅد گٲمِو بیس تہٕ م بارس آمُت چھےٚ سو چھےٚ یِتھہٕ کٕنو:

وژُن چھُ ژٕ مِصری شعر ییٚمن ہِنز اکھ ہانکل۔ ییٚتھ منز مطلہٕ کُنہ گُنہٕ وٕنہٕ نیے مِصرٕ آسان چھہ۔ ییٚمن مَنز اکھ مِصرٕ اکہٕ قافیہ تہٕ دوٚیِم مِصرٕ بیٚیہِ قافیہ چھُ آسان یا چھُ آسان ژٕ مِصری مطلہٕ تہٕ ییٚتھ منز گوڈنیُک تہٕ ترییم مِصرٕ ہم قافیہ چھُ آسان، تہٕ دوٚیِم

---

[1]، [2] صوفی شاعری (ساقی) جلد ۱ صفحہ ۳۴، ۲۳۴ ترتیبہٕ سان۔
[3] کأشِر ادبُک تٲریخ۔ صفحہ ۱۰۵۔

تہٕ ژوٗرِم ووجہ مِصرٕ۔ تِمہٕ پتہٕ چھُہ مختلف بأتن اندر شأعر پننِس منز مِصرن ہُنٛد قافیہٕ ورتاو مختلف طریقو کران یِمہٕ تِس مواد اجازتھ دِیہِ۔ تِہم صوٗرژ چھےٚ یِتھہٕ کٕنٛہ ؎

(۱) ترٛیٚیِمہ مِصرٕچ آسان اکہٕ قافیکہ تہٕ ژوٗریُم گوٚ ووج مثالے ؎

کیٛنژَو پیالہٕ چیٚیہٕ پیاپے | کیٛنژن چھوان سپدِ سےٚ ڈٕھے
کیٛنژہ گےٚ نار تہٕ کیٛنژن چھےٚ سےٚ | ہیےٚ توٚے تُو ڈُھیوٗم پلنےٚ ڈےٚ

(نوشہری)

(۲) گوڈنیک تہٕ ترٛیِیُم مِصرٕ ہم قافیہٕ تہٕ دوٚیُم تہٕ ووجُک مِصرٕ ہم قافیہٕ۔ مثالے ؎

سوچھہٕ کرال کران تس پیوٚنٛدٕ | یَس آسہٕ دلس صفأیی
چھٕلِتھ پانس دیُن گرٛژھہٕ رَنٛدٕ | خداوَنٛدٕ رالأہی

(سوچھہ کرال)

(۳) گوڈنیک تہٕ ترٛیِیُم مِصرٕ ہم قافیہٕ تہٕ دوٚیُم مِصرٕ الگ تہٕ ووجہ مِصرٕ الگ ؎

"وَنہٕ وُنہٕ دزاوس اَتھہٕ اَزل لأنس
شےٚ نو مےٚ وَنےٚ آمہ

ہا ازل لانیو سورکس دِرا کھو

ژٲنٛگے نا یاد رٕوٗدُس کیتھہ"

(سوچھ کرٲل)

(۴) گوڈنیُک تہٕ دۄیِم مصرع ہم قافیہ نہٕ ترٛیِیم تہٕ ژوٗرِم مصرع ہم قافیہ ۔

"اوصافِ دُنیا کیٛشاہ وَنے　　لوسان وۄنی دۄئی کیا ہنے

حوصلہٕ پانس چھُے دوا　　صادقِ دل وُچھ کیا دوا"

(کرم بُلند)

آخرس پیٛٹھ گژھہٕ وَنُن زِ بیٛیہ اَکہ لٹہٕ محمود گامی یس ناظم بارسس آمٕتۍ مواد رنٛگو وِژنیکو قسمہٕ تم چھہٕ، ونٕنی وژن، لولہ وژن دُنیہٕ ہٕنٛز تٲشیر، لولہ وژن، صوفیانہٕ وژن تہٕ منقبتہٕ وژن نعتیہٕ بیتہٕ چھہٕ دۄہی نعتیہ وژن تہٕ لیلایہٕ وژن بیتری تہٕ دُرکھ دس آمٕتۍ۔

# روپہ بھوانہِ ہُند شاعرانہ فلسفہ

کشیرِ چھےٚ آدنہ پیٹھے مختلف تہذیبن تہٕ تمدنن ہِنٛز آگہ روزمٕژ بیٚنہ اَسہ ہیٚندِستانُک شیو فلسفس منٛز شنکر آچاریہ سُند دورِ پتہٕ اکھ ٹھہراو تہٕ سکوٗن چھُ نظر گژھان تہٕ چھِنہ یہٕ رجحان کشیرِ ہیٚندِس شیو متس منٛز گژھنہ تہٕ درشیٹھِ یوان۔ دُنی ہیٚکو بیشتر فلسفہ چھِ دُنی یا مایہ نیشہ دوٗر روزنس ہیٚچھٕ زور دِوان۔ مگر شیو فلسفہ چھُ دُنی ہینٛس منٛز روزِتھ ژھتِھ زنگس پانس تہٕ برہمس درمیان تال میل پاٛدِ کرٕتھ برۄنٛہہ پکنس تاکید کران اتھ فلسفس منٛز چھِ کائنات، آدم تہٕ حقیقی برہم وہٕژھناونہٕ آمتٕ۔ یم ترےشوے چھِ اکھ اَکِس سٕندی "پورک" یعنے نکھ پھیکو۔ شیو چھُ ابدی حقیقت شکتی چھےٚ امہ سٕند زۄ زینہٕ آدم چھُ شکتی ہُند پھہلاو تہٕ وسچار۔ یہ ساری کائنات چھےٚ اکھ موجہٕ مال تہٕ شیو چھُ امیُک پن بنجہ اسی ازکل رٕشتُک فلسفہ Theory of Relativity وَنان چھِ یُس یہے فلسفہ یکہ نو وسانیو گوو نماتو تہٕ فلسفہ دانو برۄنہہ برۄنہہ۔ وَنہٕ

ہیکن مختلف تہٕ اُسِتھ، مگر مقصد اوس گُنڈُن۔ یہ دمس تہٕ حقیقی پزرس
درمیان رشتہ قائیم کرُن۔ وقتی حالات بدلنس سیتی سیتی لوب
اُمہ سرٕ کِلہ موزون حالاتن تحت وُسجار تہٕ غاَر موزون تہٕ شٹھنیارچہ
زوٗ شہ کینہ روٗد یہ زیہٕ تہٕ کران۔ مگر بہر حال اَمیک سایہ تہٕ خوشبوے
روٗز ہمیشہ باقی۔ اُمتھ تہذیب، تمدُن تہٕ میلہ ژارکس پوٚت منظرس
منز پزٕ تقبیبہ روہ پیٚہ بھوانی ماسہ ۱۶۲۱ ییس منز مادھو جو در سیٚنزٕ
گرِ دیدہ ہرِ (صفا کدٕ لہ) بیتھ زَن تیمہ ساتہ پزدی مَن بیٚہتھ وَنان اُسی۔

مادھو جو دراوس سیٹھا پوٚرمُت لیو کھمُت فارسی تہٕ
سنسکرت زبانن ہِنٛد عالم۔ دوٗر دوٗرِ بیٚہتھ اَسی گوٚہ نماتھ
مختلف حاجتو موجوب اُمِس نیشہ یوان گژھان۔ دوہ پرٕ زبانن
تہٕ علاقن ہِنٛدی لوٗکھ اُسی ہمیشہ محفلن منز آسان۔ دوٚہو دوہس
آسہ گوٚہ نماتن ہِنٛز محفلہ آسان تہٕ مذہبہ کین مختلف مسلن پیٚٹھ
اوس بحث چلان۔ گاشہ آگرٕ کیس اُمتھی ماحولس منز سپیٚز
روہ پیٚہ بھوانی بالیغ۔ روہ پیٚہ بھوانہ ہِنٛدِس کلامس منز یم شوٗدکہ
ادبی اصطلاح اَسہ نظرِ چھہ گژھان، شاید چھُ یوٗہے ادبی طول
اَمہ بابتھ ذمہ وار۔

کھانٛدر ستیہ تہٕ پتہ سیٚدیہ کرِ اَمِس خانہ ماجہ کوٗرِ پیٚٹھ تِم
ساری ظُلم یِم اَسہ وُنہ تہٕ سماجس منز کُنہ کُنہ نظرِ چھہ گژھان
ظُلمُک گُنہگار اوس تیوٗت زِ روہ پیٚہ بھوانہ ترٛوو وارُو تہٕ تہٕ مالیُن

نہ ژٕ "الکیشوری" بُنیٖتھ کشیٖرِ ہٕندین واریاہن علاقن پیٹھ ووٚے کشیٖرِ ہٕندین لوکن منٛز یہِ "الکیشوری" ناوٕ مشہور سپنہٕ مگر پانٛس اوس تٔمس "روپہٕ" ناوے پسند۔ امہ کنہ ہیٚکہٕ ثبوت چھُ امو سپنہٕ ہٕندین واکھن منٛز موجود، یٲتہٕ تٔمہ "روپہٕ" لفظُک استعمال چھُ کوٚرمُت۔

واکھ بنٛتھ یتہِ اکھ صنف چھےٚ کٲشرِس منٛز سیٹھاہ پرانہٕ وقتہ پیٹھے راٲنجہ۔ امس مژٕ تہٕ روپہٕ بھوانہٕ ہٕنٛد ازتام دستیاب سوٚرُے کلام چھُ تقریبن ڈۄڈ ہتھ واکھن پیٹھ مشتمل۔ یمن واکھن منٛز ووٚکھنا وُنہٕ امتہ فلسفہ موجود یس کوہ اَسہِ ژۄن حصن ژھیٚمن منٛز باگرِتھ:

(۱) گیان کھنٛڈ - عالمانہٕ واکھ

(۲) سوانٛگ ویلاس - یمن تجربو سیتھ حاصل سپنہٕ وٲنٛز خوشی۔

(۳) آنند دواوشی - ابدی سکونس متعلق باوٕ واکھ۔

(۴) نِروانہٕ دیشکی - نجاتس متعلق واوٕ واکھ۔

## (۱) گیان کھنٛڈ (عالمانہٕ واکھ)

یہ چھُ روپہٕ بھوانہٕ ہٕنٛد کلامُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ حصہ۔ ازتام دریافت کلامہ منٛز چھِ امہ طرزُک ۱۱۴ واکھ اَمہ تام دٲتی ہیتھ۔ یمہ واکھ چھِ آزاد تہٕ اکھ اکھس نِشہ بلکل ژھنہٕ۔ یمن

واکھن منز چھُ بیان لیحاظہٕ تہٕ بیوٚن بیوٚن تسلسل۔ کینژہہ واکھ چھ سیٚدِ سیٚود تہٕ باترتیب بییٚلہِ زَن کینژہہ واکھ مانے لحاظ برٛوٚنہہ ژھیٚے مُقرر کرِ مژٕ وتہٕ ہَتا ڈٕلِتھ چھِہ۔ یعنے یمَن منز چھَنہٕ سوٚ بُرد بارٕ ری تہٕ وزن نظرِ گژھان۔ اَتی چھُ یمَن منز سوٚن گیان تہٕ نظرِ گژھان۔ اَتی چھُ یمَن منز دُنی یاوٕی' بارٕو' تہٕ ذرٕ بیٚنٹھ یوان۔ شاید چھُ یہٕ شہ مُقام یینہٕ عارِف ریاضن یا سماز ہٕنٛدِ مقامہٕ پیٚٹھٕ واپَس دُنی ہنٛہکیس لوٚہ لنٛگرس کُن یوان چھُ۔ تَس چھُ یمَن دوٚن مُقامَن درمیان آسمان تہٕ زمینچ فرق باسان۔ تہٕ اَمی چھُ شہ بارٕو دِوان۔ مثلَن:

یوٚہٕ ہتر زِلی ہتمے وَل اَمبر

یوٚہٕ بوٚہ چھِہ ژٕلِہی آسکھ ژٕچھ

صاف چھُ باسان زِ بوٚہ چھِہ تہٕ ہتر، سوٚ کھ تہٕ دوٚکھ، غم تہٕ خوشی چھِہ تیٚلی بییٚلہ آدم دُنی ہنٛہس لور آسہِ۔ سماز ہٕنٛدِس مُقامَس پیٚٹھ چھِہ ہیم سارٕی حِس بنٛے مانے تہٕ کیا زِ سماز ہٕنٛدِس مقامَس مُتلِق چھِہٕ سوٚ پانے وَنان:

کھیل میلِتھ تہٕ آننٛد چھوٚن

یا

کیانٛگ امشا آبوم اَتھے | تجہ شہ مورُم توٚرے سیتھٕ
یوٚہ سیتھ زَن وُہ پدووم | تیٚیہ کٹھ ووُم ژینس سیتھٕ

یہٕ میٚنٛز موٚر چھُ واریاہَن دوٚہ لابَن ہُنٛدہ آگرٕ تتھ پیٚٹھ بییٚلہ

زَن زِنہٕ موٗر آسہٕ تَس چھِ زِیادٕے بٔہتھ ٹھٔرۍ نٕہ رٕژ بٔجھتھ یوان وَنان چھےٚ ۔

دِیہٕ آسہٕ تہٕ تارا تٔرِتہٕ او تارے

مگر یوٗت یوٗت عرفان نزدیکھ واتہٕ نیوٗت نیوٗت چھُ یہٕ دوگنیار تہٕ بٔینیر دوٗر گژھان تہٕ تسٕندِ آسنُک باس چھُ اَندرٕے مَنس لگان ۔ سُے کارن شہٕ سینی چھُ

یا

دوٗرے ہٕ لو سے نیتھ پوشہٕ تہٕ سُے چھےٚ ساتھ

اَتھ وَتہٕ ہیٚیٹھ بَروُنہہ پکنہٕ بایتھ چھُ وَتہٕ ہاوُکی سِنز آہی

تہٕ اَشروادٕ آسُن سیٹھا ضروٗری ۔

شیرینے آیَس للی شوٗرس شری سنتھ گوٗرُس مادھواشوٗس

جان رٔہبر آسنہٕ بٔنتہٕ چھُ اَتھ وَتہٕ ہیٚیٹھ پکنہٕ بایتھ عارِفس

خُدایہٕ سُند اَکھ روٗث آسُن ضروٗری نتہٕ چھُس یہٕ مُقام

حاصِل سپدُن ناممکن ۔ تِمی چھےٚ رفہ بیہٕ بھوائنی ونان ۔

ہیم پَد کاشہٕ میلائی کیا

تَس چھےٚ خُدایس ہیٚیٹھ پوٗرٕ پَرٕتھ پَرٕتھ اَسمرٕ تہٕ تِمی چھےٚ ونان ۔

توشُم تہٕ کاستَم بٔنترَن کَٹھ

زَن ژاٹَن گوٗرَن وُکھنم گیان

یاسہٕ پَدوی وِنا ماترٕ او پاد   وادا پوٗر کھ اَدے چھےٚ واسا

بڑکن نابد گرٔکن کھاسی   پرم پدوی ہِر مانند حاصل چھے
عارِف چھُ دُنی یِہہک یہ سورُے لوٗبہ لنگر خودایہ سٕندِ
یَرٛ ٹھن مانان۔ یہ سورُے چھُ شہ پانسے تہٕ نَس بغار چھُنہ بیٚیہ کینٛہہ
پرٛیٖتھ جنسس اَنٛشا تھوٚوُن   اَتھ کائناتس تہٕ زیوس تھوٚوُن
کُنہ زَن اوٚشُن؟ پرٛژھہ ہَس پھیرِتھ بیٚوٚن بیٚون میلوٚن تہٕ تس سیٖتھ
خودایہ سٕندِس اشرف المخلوقات آسنس مُتعلق چھے وَنان

ریوان پانہٕ تہٕ زیوان پانہٕ   روان پانہٕ تہٕ نوان ٹیٚکھ
نانا پٔرکار کَرِندان پانہٕ   رَندان پانہٕ تہٕ ہیوان پیٚتھ

آدمس بیٚیہ ساتہٕ عقلہٕ ہٕند ژونگ روشن چھُ سپدان،
تس چھہ برٛانٛتھ دوٗر گژھان:

دیانس مےٚ ژٕ تہٕ پانس مےٚ ژٕ   اَتھ گیانس مےٚ ژلے نمسکار

سو چھے دیان یعنے ژیتن (زوٗ زِیتہ) تہٕ پانسے تہٕ پان یعنے
جڈ (بےٚ حرکتھ جسم بیتر) تہٕ پانسے۔ اَتھ مقامس واتِتھ چھے روٗحہٕ
بھوانی پانسے وَنان:

## رِچھوٚے ژینن ستھ تون کٔرُن

دیان مادھو جو در اوس شارِکا بھگوتی ہٕنٛد بکھتہٕ تہٕ تٔمی
سٕنزی عرضی پیٹھ اوس تس مہاشکتی روٗحہ بیٚیہ بھوانی بنیٚتھ مادھو
جُو درسٕندِ گرٕ زنم پیومُت ہیوٚن۔ اَمہٕ کنہِ ہٕنٛد باس اوس لہٕ بیٚیہ
بھوانہٕ پانس تہٕ۔ یہ انسانی جسم پرٛاوِتھ تہٕ کوٗرِ تٔمی پننہٕ ریاضتہٕ

سینٛز شہ مہا شکھتی ہُند مُقام واپس حاصل : وَنان چھُے :

ساری تہ تو آ ہاوِم گار ژوپہم بَرمو وُم اکھنڈ منڈل پاتال

ماہیو سینٛن گیو وہگلو وُم انگہِ ووہ پزاوُم پانے گنگ

ابدی سکونٕک یہ مقام پراوِنہ پتہٕ چھُے سو تمیُک میچھر تہٕ آنند یمن لفظن منٛز بیان کران :

شہزتہٕ آنند روز یا پانہٕ دُریتھ

پانے پان تس منٛز سنٛد اگرہ کیتھ

یا

ششہِ دارِ لوٕ دِمہٕ ہا مہا دیوس

تگمبوٗر طوط کیا بولہِ ووفنہ

یہ آنند پدوی چھےٚ شہ مُقام یوٚت واتتھ یول بوش چھہ کلان۔ یہ چھےٚ محسوس کرنٕک مُقام بیان کرنٕک نہٕ کینہہ۔

## (۲) سوا نترولاس
(پننیو بجرو بوسینٛو حاصل بیہزہ منٛز خوٚشی)

تس نہ ڈیفیشونس تہٕ پانس درمیان بیہلہِ ساری کھڑکہٕ تہٕ پردٕ دوٗر چھہِ گژھان۔ ابدی نوٗر چھےٚ ساری فنس یرتھ تہٕ نہ کنہ تژھِنہٕ ماران تہٕ تس چھُے امہِ نوٗرٕچ زان کاری حاصل سپدان۔ دِشا تہٕ کالہ (Time & Space) چھہِ اکھ اکس منٛز ضم گژھان۔

تہٕ غٲرِ فانؠ مُقام چھُ برقہ شہ کُن پوان۔ تس چھُ پتھٕ پان پیٚیہ

کاینہاتک اتھ بون رچھ باسان۔ بیٚینہ زٕن یہ مقام وُچھنہٕ

بابتھ بھگوان کرشن ارجنس میٚہربان سپدتھ تس یمہٕ چشمہٕ

تہٕ حِس ہوش دوان چھُ تہٕ چھِ رہ بہٕ بھوانی یہ مقام پتھٕ

ریاضتہٕ سیتی حاصِل کران۔

اَتھ باوژ ہیندِ چھِ رہ بہٕ بھوانہٕ ہیٚند کلامہٕ منز یاسہ اَتھ نام

داہ واکھ ڈسی یاب سپدِ منز۔ لفظی طور چھُ اتھ معنے "سعہ"

گوپنُن "اَنُبو" یعنے تجربہٕ تہٕ "دٕلاس" گیہ خوشی۔ ریاضتس دوران

یمہٕ تجربو منز عارِف گژھان چھُ پوان تہٕ یہ سہ خوشی آخرس

پیٹھ حاصِل چھس سپدان اَمی ہیا نیچ باوتھ چھِ یمن واکھن

منز۔ یہ چھُ کُنس تہٕ کاینہاتس درمیان اَکھ ڈٔرِ یاویتھ اپورتس تہٕ یپارس

تہٕ تس درمیان فرق چھِ دوٗر گژھان۔ شیو فلسفی چھِ اَتھ

"پرتہٕ بھگیا" وَنان تہٕ یُس یہ مُقام حاصِل آسہٕ تس چھِ "جیتنہٕ

آتما" وَنان۔ اَمِچ باوتھ چھِ رہ بہٕ بھوانی یتھ کٔنۍ کران:

پاد پہ نہ ہیچم نہ چیتن بجا کارم	شہ تہٕ شے زنگ زَرا ژر انت روم

اَنام سہسر نام گنتہٕ ہُنا دارم	شُدم سو رو پم تتھ پرم برہم سوہم

شہ دِٕے ذرس منز آسنہٕ باوجود نہ چھُ کُلس منز سے تہٕ

نہ پیالس منز سے۔ اَبدی سو گوٗن پٕراونہٕ بابتھ ژور جُز یاتہٕ دھمی

وین یا درم پوز مطلب رژ خاہش تہٕ بجا ہتھ آسنہٕ باوجود چھِنہٕ تس

کانْہہ جُز یانِہ۔ شہ چھُ پانہٕ نٕژہِن عالمَن ( بُو بوٕ واہ تہٕ سوُواہ۔ یہِ دُنیاہ شہ دنیٚ باہ تہٕ ہیمَن دوٗن درمیان وَکھمنٕٹ یا عالمِ بیدٲرَی تہٕ عالمِ خفت ) منٛز چھ پھلِتھ آسنہ موجوٗب چھُ شہ اَنتہٕ روُس آسنہٕ باوجوٗد کُھنہٕ شبیہہ روُس۔ ساسیہ بدٕی ناو آسنہٕ باوجوٗد چھُنہٕ تسَن دٲیس کانْہہ ناو۔ سایہٕ زگتکُ چھُ شہ کُن آدار اَسِتھ تہٕ پانہٕ ہزادار تہٕ بےٚ نشانہٕ۔ شہ چھُ سوٗرُے پانہٕ مگر شہ چھُنہٕ پانہٕ کینْہہ۔ شے پرَم براہم رٕچھ یا ابدی حقیقت چھَس بٔ پانہٕ۔

## (۳) آنند دوہ ادٲشی

(اَبدی سکوٗنس مُتعلِق باہ واکھ)

اَتھ فلسفس مُتعلِق چھےٚ اُسیہ وُنِستام باہ واکھ دِسمۍ باب۔ یہِ مُقام چھُ عارِفہٕ سِنٛدِ باپتھ منزلِ مقصوٗد۔ یانے شہ چھُ پوٗرنہٕ پُرش بنان۔ آبہٕ قطرٕ چھُ سمندرس منٛز لیتھ ذم گژھان تہٕ پننۍ اَنہٕرۍ تہٕ ابدی مقام پراوان۔ یہِ چھُ تمہِ ابدی خوٗشی ہُنٛد مقام پراوُن یُس پیٚتھ عارِفس مرضی تابیہٕ چھُ روزان تہٕ یہِ مقام ییٚلہِ اَتھ گژھ چھنک یے چھُس راوان۔ تمی چھےٚ رٕہ ییہِ کِھوٲنۍ اَتھ مُقامس پیٹھ وٲتِتھ وَنان : "یہِ چھےٚ ترٕ کُوم تہٕ اوٚنتم پانے"

یانے پننِس ٹاٹھِس مادھو جیوٗ دِ سِنٛدِ باپتھ یُس شارِکا رٕچھ ہےٚ تراوِتھ یہِ آدِ ہوٗز تمٕ اوس پیوٗمُت ہیٚوٗن پننہٕ ریاضنہ

سیٹھو دآنژھس بۂ بیٚبہ تھتھو مُقامس واپس یعنے بۂ سپیزس تھتھو ابدی شکھی منز واپس لے۔ روپۂ بھوأنی چھے ؤنان :

بۂ چھس سوے کیٚشہ رووٗم نے

یعنے بۂ چھس سوے ابدی شکھتی شارکا بھگوتی تہٕ آدمو زنم پرٛاٹھوِ تھ تہٕ سپیز بۂ مےٚ منز شہ مُقام پرٛاوان کانٛہہ کمی واقع۔

### (۴) نِروانٛہ دشکی (نجاتس مُتعلق داہ واکھ)

ییمن واکھن منز چھے نرٛتیہ پیچھٹ سَنَن تانی مصر ییمن منز عارفس نجاتھ پرٛاونہٕ باپتھ پننۍ منزِل مقصوٗد مُقرر کرنس تہٕ اَتھ وَتہٕ پیچھٹ پکن والین ہُشیار روزنس پیچھٹ زور چھُ آمُت دِنہٕ۔ نجاتھ پرٛاونہٕ باپتھ چھُنہٕ مذہبی رسومات زانٛہہ تہٕ اَکھہٕ روٗٹ کران۔ ونان چھے :

اہم تہٕ ممتا گأنٛڈِتھ تھئیتھ پرٛاے نا آسے

بُچھتھ نا آسے مےٚ لِتھ کنول دل زل ببند

مدیہ آکأشی کدا چھتھ بریٚچھ نا آسے .....

نعودی تہٕ دُنی یاؤدی لالچ شٔ مارے ترٛاونہٕ پتہٕ روزِ نہٕ عارفس خوفِ قیامت یا عذابِ اُخرتُک بے۔ گمنڈ چھُ نجاتھ پرٛاونُک ساریوے کھوتہٕ بوٚڈ دُشمن تہٕ دُنیاوی لوٚہ لنگرس لور۔ روزُن چھُ بنی آدمس زنمہ مرنہٕ کس زٕکرِس منز۔ گنڈان تہٕ تسندِ باپتھ عرفانُک

مُقام پراوُن ناممکن بناوان۔ ممتا چھےٚ تس اپزِین آشن تہٕ ووٚمیرن
لور نھاوِتھ نشہٕ وجود آولینس منز تھاوان تہٕ امہِ منز موکجار لبُن چھُ
دُشوار۔ یِمہِ آشہٕ تہٕ ووٚمیرٕ چھےٚ اِنسانس زِمس کھنڈِش سعہ کھ تہٕ
بخشان تہٕ راحت تہٕ مگر یہ سعہ کھ تہٕ شانتی چھَنہٕ پوشوٚنی۔ نبا تھ یا
موکھ چھُنہٕ کانہہ خیالی پو لاواہ یا فنہ شنٛپس دِرِتھ کانہہ گل۔
"مدنصیبہ آکاشی ہبرٕ چھُ نا آسے" بلکہ یہ چھُ دُنی یِتھس منز روزِتھ
دُنی یاوٕ لالچ تہٕ ممتا تراوُنس برابر۔ "یتھہ نا آسے میلتھ کنول دل
زَل ببند" ییتھ کتھ لیلمیہ آبس منز روزِتھ تہٕ ہمیوشہٕ وُتھراہِ
نشہٕ ہیوٚن تہٕ بد دُن چھُ آسان۔ ییتھےٚ کتھ چھُ عارِفس تہٕ دُنی یِتھس
منز روزِتھ تہٕ امہِ نشہٕ گوشہ نشین روزُن ضروری۔ عرِفان
چھُ منز آکاشس بیتھ کھسوٚنو اوٚبرٕ لنگوسیتو بنن تہٕ بگِرن
والین تصوٚیرن برابر۔ یمیک تذکرِ لفظن منز کرُن ممکن چھُنہٕ
کیٛازِ نی سینہٕ برٕ یپھتھ چھےٚ یہ اَکھ تپسیا تہٕ ریاضت۔ یمیک میوٚ تھ
تہٕ خوشیوُن منزٕ شہ اَندری مخصوص چھُ کران۔ لفظن منز اَکھ منزس
متعلق کانہہ تہٕ خیال باوُن چھُنہٕ ممکن۔ یہ مقام پراونہٕ باپتھ چھُنہٕ
پوٚزا پاٹھ تہٕ دُنی باوٕ دکھاوٹ ہشہ ضروری تھ۔ بلکہ چھُ عرفان
شہ مقام ییتھ زن رشہ تہٕ بجوانی "ششیم ہتھا تہٕ واسی" ونان
چھےٚ۔ یہ گوشہ مقام ییتھ آدمس یمن شین جسن آواز (شبد)
چھُھہ (سپرش) صورتھ (روٗپ) مُشکہ (گندھ) تہٕ مَن) فٕ بوکرِنی

پَتہٕ حاصِل چھُ سپدان ۔ اُتھ چھِ ژرانا یائمہ" آگیا ژٕکرٕ" وَنان ییٚمِس زَن ژرانا بیاسِس منٛز اَخری پرٛاو چھُ ۔ روٗپہٕ بھوانہِ چھُ اُتھ مقامس نِروان ناو دِیُتمُت۔

روٗپہٕ بھوانہِ چھِ کاشرِ پانٛسیارِ سان روٗپہٕ دیدِ تہٕ وَنان یِہُنٛد کلام چھُ سدائمہ شُدری ہٕنٛزِ کاشرِ شاعری ہُنٛدِس پوٚت منظرس منٛز لسانی کیٚو تخلیقی اعتبارٕ اَکھ اہم تہٕ قابلِ توجہ کام ۔ روٗپہٕ دیدِ ہُنٛد وَق اوس لولہِ وژنکُ تہٕ مثنوی ہُنٛد دور تہٕ کاشرِ ادبی زبان اٲس پوٚرٕ پأٹھۍ فارسی شعرٕ اوٗسلوبہٕ کِس اَثرس تَل آمٕژ۔ مگر روٗپہٕ دیدِ چھےٚ اَکھ مخصوص شعرِ فِہمس کاشرِ شاعری ہُنٛدِ تہٕ پَتِمِہ عقیدِ تُک اِظہار ترٛٮ۪ہ زبٲنۍ منٛز کران یِمہ سۭتۍ تہِنٛزِ ہمکال مُروج زبٲنۍ نِشہِ کیٚنہہ کوٚت مختلف باسان چھےٚ۔

## ولی وحید

# کأشُر مَرثیہ

### شُرٲہِمہ پیٚٹھ اَرداہِمہ صٔدی تام

لفظ مرثی چھُ عربی لفظ "رِثا" مَنٛز دْراموٚت تہٕ اَمیُک لغوی معنی گو بین۔ (مرزا سلامت علی دبیر از ڈاکٹر آزردہ۔ صفحہ ۲۷۰) رِثا گو کأنٛسہِ مٲٹھس یا محبوبہٕ پٕنٛدِس راوٕنس پیٹھ دوٚکھ تہٕ غم ظٲہِر کرُن۔ (وِداکھ صفحہ ۱۰ از انیس کاظمی)۔ "رِثا" گوٚو وُنُن تہٕ اَمیُک اصطلاحی معنی گو کأنٛسہِ موٚدمتِس پٕنٛدۍ اوصاف بیان کرٕنۍ۔ "رِثا" چھہ تِمَن شعرَن وَنان یِمَن منٛز مَرَن والین مُتعلق ماتم کرنہٕ ییِہ۔ (اصولِ انتقادِ ادبیات۔ سیّد عابد علی۔ صفحہ ۴۶۵)

مرثیہ چھُ رِثا لفظُک اِسم مُشتق تہٕ یہ گیہِ سۄ شعر ذاتھ یتھ منٛز کأنٛسہِ مَرَن وٲلِس پٕنٛدۍ صفت بیتر بیان کرِتھ تِہنٛدِس مَرنس پیٹھ اظہار افسوس کرنہٕ ییِہ۔

مَرنَس ہیٚکن وارِیاہ صوٗرژ آسِتھ تہٕ پرٛیتھ صوٗرتَس منٛز ہِمہ مَرَن وٲلِس پتھ کُن روزن کرَن اِظہارِ ماتم تہٕ اظہارِ افسوس وۄن گو آرَم شِدّت تہٕ تتھہ آسہ مُختلف صوٗرتن منٛز مختلف۔ اٲسو ہیکو بُڈِہ وتوقہ سان وٕنِتھ زِ یہ صِنف چھےٚ تیٚژ

پرانی یوت پڑون بذاتِ خود انسانی تہذیب چھُ۔ وَدُن چھُ انسان سُنز فطرت تہٕ انسان چھُ دُنیاہس منز ہیند وِزِ اَسِیہ برقہ نِہہ وَدان اِنسان سُنز ابتدٲیی صورت کیاہ اُس یہ مسلہ اوٚکطرف تراوِتھ ہیکو اَسی وٕنِتھ زِ آدم چھُ یَپہٕ زمین آنگن آشناوَن تہٕ لشکن لِنجن ہیندس تھٲپہٕ گژھنس پیٹھ اوٚش ہورمُت تہٕ سُہ افسوس بیٚیہ تہٕ آیہ آدمکوٚ رُمت چھُ سوے چھِٕ مرثیہ ہیچ گوڑنیچ شکل۔ آدم چھُ قابیل سُندِ دٕسہ ہابیل قتل کرنس پیٹھ نالہٕ ژھٹان تہٕ ماتم کران۔ ییم نالہٕ چھِ مرثیہ ہیند ابتدٲیی نمونہٕ۔ قرآن کریم چھُ گواہ حضرت یعقوب ؑ چھِ حضرت یوسف ؑ سُنز جُدٲیی منز نبوت وَدان زِ اَچھ چھکھ آہ کَڈِتھ کَڈِتھ ؤدِ ؤدِ سفید گژھان۔ خاتم المرسلین ؐ چھِ حضرت حمزہ ؑ سُندِس بیدردی سان شہید کرنہٕ یِنس تہٕ تہُند جِگرِ مُبارک جگرخوار سُند دٕسہ ژاپنس پیٹھ شہ پہ اِظہارِ ماتم کران۔ جناب رسالتماب سُندِ ظاہری طور نقل کرنہٕ وِزِ چھِ ابوبکر صدیق رضؓ لوکن برونٹہہ کنہ تلاوت کلام پاک پَرنہٕ کینتہ پُر درد شعر وَنان۔ جناب سیدہ سلام اللہ علیہا چھِ بابس پتہٕ پیٚنہٕ تمام وٲنٕس دوہ کیٚہ شعر پران ؎

صُبَّتْ عَلَیَّ مَصَائِبٌ لَوْ اَنَّھَا

صُبَّتْ عَلَی الْاَیَّامِ صِرْنَ لَیَالِیَا

(میانہ بابہٕ چانہٕ گُذرنہٕ پتہٕ پییہ میٚہ تِم مُصیبت وُچھنہٕ زاگر دٕلِ

ڪاشتن پڻ ڪيڏا ڪمال هوشيارا لکيا هئا هن)

ماذا علىٰ من شم تربة احمد

ان لا يشم مدى الزمان غواليا

(يعني جناب احمد بشير جي قبر مبارڪ جي خوشبو سنگهي ورتي آهي تنهن کي ٻئي ڪنهن به عطر مشڪ جي ڪهڙي شوق)

هي صورت حال ڇڪ صرف عربي سان محدود، بلڪ ٻين ٻولين زبانين ۾ به قومن جي بهادرن، هيروئن، بادشاهن ۽ گهڻن ماتمن ۾ مرثيا يا مرثين ۾ اظهار افسوس موجود. واقعو ڪربلا جهڙي تاريخ ساز خونين ترين واقعه ته جيڪو صرف هڪڙو واحد موضوع بڻجي ويو آهي واقعي سبب ۾ نظم ۽ نثر ۾ جي آهي تنهن جي عالمي ادب جو اڳ ٻوڙ باڙ حصو.

امام حسينؑ جي شهيدن شاندار ۾ وڏيون ڪيئي شعر پران پهريان موضوع سان ۾ اولين حضرت ٻيٽ جي ٿيا ان تيه پيته ورونو جناب زينبؑ سان جي سفر دوران جابه جايه ٻه وقت واقعه ڪربلا جهڙو تذڪرو دردناڪ انداز ڪيو، تنهن سنڌي ڪنهن نام ذس اوس گذهان. اڪ شعر جو ترجمو هي:

توهين هي جيڪو پوڻان ته بڻيو ڪيا ۽ ڏو تو آدو ڪيو اسي ماڌري

عربي ۾ وانگر شعر ذاتي فارسي ۾ متو ته اڪثر ته آهو واقعه ڪربلا هن ۾ وارياه ڪيئي لکيا. محتشم ڪاشاني

سنڌي شعر ۾ شهزادي هيئت ڪري نظم ٻنهي ۾ هئي - تنهن مرثيءَ جي عالمي ادبن ۾ پنهنجي خاص اهميت ٿي ڏني آهي - هندستان ۾ اسلامي پرتوي پهچڻ کانپوءِ هي هندستاني زبانن خاص ڪري اردو ۾ ڪافي مقدار ۾ مرثيا لکيا ويا - ڊاڪٽر جعفر رضا جي "دبستان عشق کي مرثيه گوئي" صفحه ۱۹ تي لکيل آهي " اردو میں واقعات کربلا سے متعلق مرثیے اتنی تعداد میں اور ایسے ادبی خصوصیات کے ساتھ لکھے گئے کہ ان کی علاحدہ حیثیت ہو گئی ہے۔ اس لئے اردو تنقید و تاریخ میں جب مرثیے کا لفظ استعمال کیا جائے تو اس سے مراد وہ مرثیے ہوتے ہیں جو واقعات کربلا سے متعلق ہیں اور جنکی ایک الگ ادبی حیثیت ہے۔" محمد قلي قطب شاهه کان پوءِ اڄ ڏينهن تائين شهريار نالي سان اردو زبان ۾ شايد ئي ڪو اهڙو شاعر هوندو جنهن واقعه ڪربلا تي پنهنجي ڪنهن نه ڪنهن نموني طبع آزمائي ڪئي هجي - مثال طور

غم شبیر سے ہو سینہ یہاں تک لبریز
کہ رہیں خون جگر سے میری آنکھیں رنگین
(غالب)

اسلام کے دامن میں بس دو ہی تو چیزیں ہیں
اک ضرب ید اللٰہی اک سجدۂ شبیری
(اقبال)

انسان کو بیدار تو ہو لینے دو
ہر قوم پکارے گی ہمارے ہیں حسینؑ
(محمد علی جوہر)

موت کے سیلاب میں ہر خشک و تر بہہ جائیگا
ہاں مگر نام حسینؑ ابن علیؑ رہ جائیگا
(جوش)

مگر انیسن تہٕ دبیرن پتہٕ ییس بٔڑ زد اُردو مرثیہ دیتُن، تہٕ ہیٚکنہٕ اُردو ادب زٕ نہہ تہٕ مُشرأوِتھ۔

کأشُر زبان چھےٚ ہندوستان چِن قدیم ترین زبانن منز شأمِل تہٕ وُنیکتام چھےٚنہٕ اَسہ لل دید تہٕ شیخ نورالدینٕ پتہٕ نٔہ ہیٚم کأنہہ تہٕ مُعتبر شأعر ژھأنڈِتھ ہیوکمُت۔ اَمہ برٛونہہ کیاہ اوس کأشُر ادبُک صورتِ حال تمہ بأبتھ چھےٚ وارِیاہ سرٕنیچ تہٕ سوچنیچ ضرورت۔ باقے صِنفن ہِندی پأٹھۍ چھےٚنہٕ اَسہ کأشرِ مرثی مُتعلق تہٕ کینہہ خاص پَے پَتہ میوٚلمُت۔ ووٚں گو یہٕ کتھ چھےٚ وونی تسلیم آمٕژ کرنہٕ زِ کأشرِ مرثی ہِنز ابتدأیی صورت چھےٚ وانگ یادان اُسمٕژ۔" وان چھےٚ کشیرِ منز ژوٚر ساس وری کھوتہٕ زیادٕ پرأنی شعرِ ذالُک تہٕ اَمہ کہ تواریخُک یقین ہیکو اَسہ کأشرِین بٹن (برہمنن) ہِنٛدِ کرمہ کانڈ ناوچہ تمہ تہذیبی اوٚ صوٗلن ہِنزِ کتابہ سیتہٕ کرِتھ یتھ منز تہِندِ مرنہٕ پتہٕ آورنہٕ منز معہ رُدس زالنکو تہٕ ڈِہمس نام ساری رسم درج چھِہ"

(کأشرِ مرثیہ ہِند تواریخ صفحہ ۱۰۸ ییٚنا ہد بڈگأمی)

پتھنہ کالہٕ اُسہ مرثین عموماً وان وَنان۔ بیٚلہ کانہہ نفر مرِ ہے، اکھ

زٕنٕی اُس کینٛشرٕن دوہہن ہٹاٗنی لاگان تہٕ لوٗکن تہٕ ودناوان۔ اُمس اُسو وانہٕ گرٕ وَنان۔ یِتھہٕ مرثی اصطلاحس منٛز ذاکر چھہِ ونان۔ وانہٕ گر حساب اوس بٹن تہٕ مُسلمانن منٛز برابر رائج تہٕ وُنیکہٕ تہٕ چھُہ۔ وانن ہٕنٛز تاریخ چھےٚ کشیرِ منٛز سیٹھاہ پرانٕی۔ اگرچہ وثوٗقہ سان ہیٚکو نہٕ وٕنِتھ زِ اَتھ کوٚت کال گومُت، یِتہٕ چھُہ پزر زِ اُمو فنَن اُسو کشیرِ منٛز سیٹھاہ شرنٕی موکل دِتی مِتو، یمیُک اثر وُنیکہٕ تہٕ موجود چھُہ۔ اگر کشیرِ منٛز وانن ہٕنٛز مواد جمع کرنہٕ یِیہٕ، شہ سیٹھہٕ اکھ بوٚڈ بار اَنِتھ۔
(کاشُر مرثیہ ہٕنٛز تاریخ۔ صفہ۔ انیس کاظمی)

مرثی چھےٚ تِیٚلہِ وُنیکہٕ لیوان، یِیٚلہِ شاعر شُند دِل، غم تہٕ دوٗکھ تاوِ منٛز تلنہٕ آسہ آمت تہٕ اَمہِ سیٹھو چھُہ بوزن والیس پیٹھ خاص اثر آسان، شہ چھُہ ظالمس سیٹھو نفرت تہٕ مظلومس سیٹھو ہمدردی ہاوان۔ یوٗہے وجہ چھُہ زِ ظالِم تہٕ تِسُندِ حوارِی چھہِ مرثی خوانس اُسس پیٹھ دِنٕی ضٔروری زانان، یُتھینہٕ تِہٕندِ ین ظلمن ہٹان دوہ یتھہٕ۔ بقول شبلی اگر نہٕ بنوامیہ واقعاتِ کربلاہس پیٹھ اظہارِ افسوس تہٕ ماتم کرنہٕ علاوہ دوکھہٕ شعر وننس پیٹھ ہٹا کھ لاگہ ہن سوٗرے عرب بنہِ ہے ماتم سراے تہٕ یزیدی کروفر گژھِ ہےٚ گژِتھ تام دوہن منٛز نیست و نابود۔ یوٗہے وجہ چھُہ زِ راجہ سہدیون یُس اَنٛز ترہ نہٕ کینٛہہ ہتھ وَری کشیرِ حکومت کران اوس، یِیٚلہِ اکھ وزیر قتل کرنو، وزیرِ سُنٛز کوٗرِ اُس شاعر تہٕ تِمہٕ وُنٕی تم شعر

زِ بوزِن والین گیہ بادشاہ سُنٛز نصرت تہٕ وزیرٕ سُنٛز ہمدردی ۔ بقولِ صاحب انوارِ کشمیر" دختنِ ماہ ہپ بکدر حُسنِ زیبائی بے عدیل خبرِ فاجعہ پدر یافتہ اشعارِ ساتمین مے گفت کہ سامعین از شنیدن آن تاب نداشتند"۔

شتی کنٹھس تہٕ لل دیدِ ہُندِ زمانہٕ برونٛہہ چھ اَسہِ تاریخہٕ منٛز واریاہ واقعات میلان یم تمن دوہن وان یا مرثیہ لیکھنُک وتھ پے چھ دِوان ۔ اَٹھمہ صدی منٛز چھےٚ جے پیڑٕنی آشنیٛن ہٕنٛز پان زالان تہٕ تسُند عاشق اَکھ برٛہمن زادٕ چھُ تسُند دوہ کھ گنگرا سے کرِتھ پھران تہٕ پنہٕ نِن چھوکن جھلامہٕ کران تہٕ شہ تہٕ چھُ زوٗ دِوان ۔ تٔمِس موج اُس تس وَدان" و باشعار دلگداز جراحت ہائے قلب را اداہ نمود"۔

(ویدا کھ صدہ ۔ انیس کاظمی)

پرانہٕ ادبہٕ منٛز یہٕ کینٛہ ھا اَسہِ تام وَفتہٕ کیو گاٹبلو نیش بچیہ وو نمت چھُ تمتہٕ زاتی دیتھ تہٕ چھےٚ اَسہِ اَمہٕ قسمہٕ چہ (کانٛسہٕ ہُندِس مرنس پیٹھ اظہارِ غمکی) واریاہ زتنہ میلان ۔ مثلاً لل دیدِ ہندِس دُنیا منٛز نیرنس پیٹھ چھُ شیخ العالم ونان ے

تس پدمان پورِچہ للے ییٚمہ گلے امرت پیوو
سو ساٛنی تہٕ اوتار کٔہے تیٚتھی مے ور دِتو دیوٕ

للہ پتہٕ مینٛہ شیخ العالم چھُ گذران، تس متعلق چھ بابہٕ نصر صاحب مرثی ونان ے

نند رووم نیہہ ہے راوم پون زھو کیوم مئے نس نچھ
موتہ شر پُٹر وہہ مئے پووم وو نی بو کرس ہُنس کنھ

شامہ بی بی چھے ییمہ آیہ مرثی وَنان ــــ

نندہ سیٹھز گو سو رگس ساتو نندہ سیٹھز گو سو رگس ماتو
زاٹہ کور یو مئے وودی شامے وندہ بل وت اُسم شامے
گاریک ییر شامے کاٹر تو نند سیٹھز گو سو رگس ماتو

اَتھ کنھہ چھنہ شاید کانٹہ انکار زِ مرثیہ چھے ظُلمس خلاف

احتجاجک ناو باسے یتہ ظلم کانہہ تہ کرِ یتن ذوالقدر خان تاتاری (ذوالچو)

ییلہ کشیر منز لوکن بلا امتیاز مذہب ملت کنترِ اشکھاش کران چھُ
تمہ وِز چھِ کانٹہ شری کُنھہ تیہُندس ظُلمس خلاف ییمہ آیہ احتجاج تہ

اظہار افسوس کران ــــ

بھگوانہ وعہ نی کرتہ پننہ نی دیا ذوالچو کرِیڈ شند ببیا کاس
شُرابہمہ صدی منز ییلہ یوسف شاہ چک اکبرن سازشن

ہُند شکار چھُ گژھان ضبہ خونن چھے فریاد دِوان تہ پننہ ہین چھوکن

مہلامیہ کران ــــ

مئے روس سہہ رگس اندر کیتھ اوسے آرام
لگے تتھ ماہ جبینس لول ہیو آم

نیر صنف واقعہ کربلا کِہ موضوع علاوہ چھِ مختلف وقتن منز وَننہ آمِتہ
بے شُمار مرثیہ نموُنہ اُکھتہ آمتہ ییمہ لوکہ پیٹھ بڈ یو نام ا‌لہ یلہ سار پیے

شاعرو چھِ تخلیق کٔرِمِتۍ یِمَو پننہِ مقالہِ تِکۍ سۄتۍ ظٲہر واقعہ کربلاہس
متعلق لیکھنہٕ آمژٕن مرثیَن تام میٚچھِ ہۄو۔

کشیرِ چھےٚ پننہِ وقتہٕ مختلف تہذیبَن ہِندیس اثرس تَل رُوزمٕژ
ناگ، پشاچ، دراوڑ تہٕ آریاہَو علاوٕ تہٕ چھُ بیٚنتیک تہذیب تہٕ تمدُنس
کٲنہہ نہ کٲنہہ تہذیبو پننہِ سوو بنوومُت تہٕ اَتھ ملہِ مینز تہذیبَس چھُ اسلامُک
اثر زیادٕے پھٔہلِتھ لبنہٕ یوان۔ کشیر کرتہٕ کیچھ پایٹھۍ ووت اسلام اَتھ
متعلق چھِ مختلف نظریات پیش یوان کرنہٕ۔ عام پایٹھۍ چھےٚ اَتھ متعلق
شییم یا اٹھم صدی ہجری میلہِ کنٔی مانِنہٕ یوان مگر سون ادب ۱۹۷۴ء سنہ
کیس اکس مضمونس منز چھےٚ مختلف حوالو سیتۍ ثابت کرنٕچ
کوشش آمژٕ کرنہٕ زِ ہجرتہٕ برونٹھ چھُ اسلام کشیرِ ووتمُت تہٕ
کوثرناگ چھُ جناب ساقی کوثرٕ سٕندِ معجزٕ نمائی ہِنزٕ نشانہٕ کرامات تہٕ غانم
ہندی ناوی اکھ وزیر دربار چھُ دینِ حقہ کِس تلاشس منز بلخ گژھِتھ
اسلام قبول کران۔ یہ چھُ سنہ ۳۰ ہجری ہُند واقعہ۔

(بحار الانوار۔ منتہی الامال)

بہر حال اکھ کتھ چھےٚ تھٔدِ زِ رینچن سٕندِ بلبل صابنِس ذٔریعہ
صدرالدین بننہٕ پتےٚ اَنیچ اسلامَس کشیرِ منز سرکٲری سرپرستی
تہٕ لوٗگ تیزی سان لوکن منز پھہلنہٕ۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ متفق زِ یم تہٕ
اسلامی مُبلغ کشیر آیہِ تِمو گوڈنِیس تبلیغس سیٖتۍ سیٖتۍ واقعہ کربلاہُک
تہٕ تذکرہ تہٕ اسلامس منز جذبہٕ ایثار تہٕ خدایس سٕنزِ وَتہٕ منز مستانہٕ دار

پڑٕ سِتھ کینٛہہ چھِپہٕ دِنٕک فلسفہ ہیٚکہٕ ہے نہٕ واقعۂ کربلاہکہٕ تذکرٕ ووٗراگے فکرِ نارنہٕ یِتھ۔ میر سیّد علی ہمدانیؒ چھِ کشیرِ ستن ہتن سیّدن ہیٚنڈِس جموٗرتس منٛز اکھ پوٗرٕ تہذیب ہیتھ تشریف اَنان۔ یِم کامہِ گوس پھیرِتھ تبلیغ دین چھِ کران۔ تِم اَسہٕ نہٕ تیٚمہٕ وِزِ ترٛوٗ ستتو فرقو منٛز کُنہ مخصوٗص فرقٕک تبلیغ کران، بلکہِ اصیل اسلامُک نہٕ قرآنِ پاکُک واضح فرمان چھُ انما یرید اللّٰہُ لیذہب عنکم الرجس اہل البیت ویطہرا کم تطہیراً نہٕ یِہندِ پاک تہٕ پاکیزگی ہنٛز ضمانت قرآنِ مجید دِیہٕ، تِمو ورائے کُس ہیٚکہِ صحیح رہبر تہٕ رہنما اُسِتھ تہٕ تِہنٛزِ وَتہٕ علاوٕ کٔرِ یہ وَتھ ہیٚکہِ سیٚزٕ صاف تہٕ شوٗزٕ اُسِتھ جناب امیر کبیرؒ چھِ اَتھ متعلق اَکھ جامع کتاب 'مودۃ فی القربیٰ' تحریر کرانؔ یوسہٕ وُنہٕ تہٕ سِرِ سوبوٗت موجوٗد چھےٚ۔ غرض شاعرو کرٕ یِمن واقعہٕ ہن پننین لفظن ہنٛدی جامہٕ لاگنُک کوٗشش۔ اَتھ سلسلس منٛز ہیٚتو اَسی ورگہ پاٹھی لل دیدِ تہٕ شیخ العالمس کلامس منٛز تہٕ ژھٔنڈِتھ ژھارِ ژینہٕ وُنی لبنہٕ ے

حضرت شاہن شبیرِ یزدانس ۔۔۔ یِمی ژوٗٹ کھیٚیہ مہمانس عتو
کوٗر دوٗرِ رسولِؐ خدایس زاے ۔۔۔ سو یے کوٗر زینہٕ آیے عالمس شوٗب
حضرت شہس سعے باگنٕ آیے ۔۔۔ تس نیشہ زاے زٕ یے آبروٗب
ناو تس حضرت فاطمہ آے ۔۔۔ ونٛدِہس زوٗجان تی چھم لوٗب

وقت قیامت نیہ نیہ کرواے    سوے کورتے آسپہے گژھے نیہ دگ

عشق چھُے کرتلہ سرداڑن    شہ دا گرتھ بیہہ نہ پکھ

عشق چھُے غنیمس بُجھ نیرن    شہ پچھیرتھ بیلیہ نہ پکھ

عشق چھُے رتہ چامہ بدن پارن    شہ رخت گنڈتھ بہ نہ پکھ

امی وقتیچ چھُے اَکھ سوبوت مرثیہ یتھ منز حمد، نعت مدح تہٕ درد بیتر ساری چیز چھہ لیننہ آمتۍ۔ امیک تخلیق کار چھُہ میر حسن ییم سنہ ۸۱۲ھ مطابق سنہ ۱۳۹۳ء وفات کران چھُہ۔ اگر اسہ للہ ہیٛند زاو سنہ ۱۳۳۵ء چھُہ مانو تہٕ شیخ العالمن سنہ ۱۳۷۷ء تہِ مہ حسابہٕ چھُہ شیخ العالم سنہ ۱۴۳۸ء منز واصل سپدان یعنی میر حسن چھُہ یمن دۄن پایہ بڈین درمیانی وقتس منز اوسمُت یا دۄنوٕ دۄنوٕنی ہُند ہمعصر اوسمُت۔ ونیکتا مکہ تحقیقہ موجب چھُہ میر حسن کشیرِ منز مرثیہ نگاری ہُند بانی کار یہ چھُہ کشیرِ منز سلطان سکندر بت شکن سند وقتہٕ آسان۔

دۄہ دین ہار چھُکھ    میون زُ گیہ بار چھکھ
کیہو لشو بان زِ چھکھ بس تے

امہ زہ پون کیا کرِ تعریف    چانن پاکن کھوا یہ لطیف
ساری پاین نوار تس تے

شنز کار گزیہ بیلہ یتھ شمار    گند لگیہ ہنز بنہ بند ہا کار
زیتھ رچھ کو نہ پیپیہ سوٗرِ زیتس تے

کرر حمزٕ ہندرس دامن گیری ڈیپہ پھیرتھ کرٕ زنگتس پھیری
ہوا دارسے گوڈ تھن عالمس تے

پاٹرن وفتن بیٹھ کرٕ آہی ڈیڈ میبانہ اکھ ماسونزاہ آئی
یور ہنہ ماہ ہم کیتھہ تتھ بازرس تے

تھیثرے ماے چھم بڈ نزاندر بیٹھ نوب بوڈ پاے
بوڈن یہ مال زاہ سوکھ ساد س تے

تس روس عالم پھنزواس اوسئے اھرت شوڈ منہ یوسہ سنداس اوسئے
اڈاہ ڈ بیٹھ کوڈ تبہ ژندرس تے

آرکھ گرزہ ہے جن جانتس شاہ نے بینز ہے زو پاگنہ اتس
نی تھیوک ذاتن ملکو تسس تے

. . . . . . . . . . .

کاژ نومرکھ روڈ وپگس ڈیشتھ ژاز بیبلہ بندون گرشھ ڈاڑتھ
لارکھ کاہژ زیو نالس تے

بیپرے درنو مارس یہ آسہم لیپرشے

. . . . . . . . . . . . . .

شاہہ کیس سفرس پہ سا پاتھم اڑھو بالک ہیتھ کیتھ پاٹھو داتھم
وہ پہ دیشن پردیشس تے

مینزس داروآسن گوڈ ژھم ہمہ سینز ژندرگی پاٹھ بینہ موژھم
ڈیول گنڈ کرتس رتھ پہ دستس تے

اَمہ نظمہ ہنٛدِ لسانی تجزیہ تلہٕ چھُ صاف ظاہر زِ اَمِچ زبان چھےٚ لِلہٕ تہٕ شیخ العالمنِس طرزَس لَرِ لوٗر پکان۔ وارِیاہ تِتھۍ لفظ چھِہ اَتھ نظمہ منٛز یِم از متروک چھِہ تہٕ یِمن ہُنٛد معنہٕ تہٕ مطلب تہٕ گٔمِتھ نۄکَن پیٹھ پَتہٕ آسہ۔ وۄں گو تشبیہہ تہٕ استعارن علاوٕ علامتی ورتاو کٕرِتھ ژٕنٛدِر چھُ سنسکرت آمیز زبانی ہنٛدِ کرتھینہ اَدٕبر منٛزٕ کلہ گُنڈِتھ میر حسن شیٚرز وۄستادی لِہِ ہنٛدِ عیبز ہُنٛد نیب دِوان۔

ژوداہمہ صدی ہنٛدِس میر حسنَس پیٹھٕ اردا ہمہ صدی ہنٛدِس خوجہ حسین میرَس تام چھےٚ کاشُر مرثیہ وارِیاہ مرحلو تہٕ مُصیبتو منٛزٕ گُذران ییم اَکھ اَکِس نِش ہیوٚن تہٕ بدوٗن اَسِتھ تہٕ الگ ہیٚکو کھنہٕ کٔرِتھ تہٕ کیازِ یِہُند چھُ تارِخچہ ڈۄنلہٕ نِکھ تیتھہٕ پاٹھۍ میٚنہ آمُت زِ وُنِکِس کَڑنی چھےٚ مشکل بلکہ ناممکن تہٕ بنان۔ پننہ اَہمہ صدی منٛز کاشرِ ادبک مطالعہ کرنہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ صرف چھِہ اَوَّ نِکچہ ٹیٚنٛڈ ہِن پیٹھٕ کتھ ژُنتب شاعر اَتھ آمُت مگر مرثیہ نگارن ہُنٛد تعداد چھُ بیچھِین حالاتَن منٛز تہٕ درجن واد تہٕ یِمَن کلام وُنکتام اَمہ وقتُک اَتھ آمُت چھُ سُہ چھُ اَتھ وقتس دوران باقی سارِنی شعر ذاتَن منٛز اَتھ آمتہٕ کلامہ کھوتہٕ وارِیاہ ژۄر۔ وۄں گو از تام یِمَو اَدیبو کاشرِ اَدبچہ تارِیخہٕ لیچھِ تِمَن کیازِ آوٕ نہٕ یہِ اَتھ تہٕ آسہ سدانہٕ کھوتہٕ شاید زیادٕ یِہَن تِمیٚ پیٹھ پانہٕ چھٔنہٕ تِمَو مرثیہ کاشرِ شعر ذاتھ آنی منٛز پیٚہ۔ تِتہٕ کیاہ وجہ چھُ زِ معیار تہٕ گۄنہٕ چارہ کہ بلحاظ شکلن یِق

مواد آسنہٕ باوجود چھُنہٕ تِمو اَہمیک تذکرٕہ کوٚرمُت۔ یُس کھوٚیہٕ ہٕمی ٲیس پیٚٹھ اَزی کیٚس شفیع شوقس تام چھےٚ سارِوٕے تاریخ لیکھن والیو کٲشرِ مرثیہٕ سیٚتھی بِہن ورتوومُت۔ اعظم دیدہ مری چھُ پننِس ووستاد عبدالحکیم ساطع سُند سِن وفات تہٕ لیکھان تہٕ یِہُند تھدِ پایہٕ فارسی شاعر آسنُک تہٕ تذکرٕہ کران مگر حیثیت کٲشُر شاعر یا مرثیہ نِگار چھُنہٕ تِمہٕ تَس مُتعلق اَکھ حرف تہٕ لیکھان۔ مرحوم آزاد چھیٚوٚر یہٕ ڈیٚپی زِ تہٕ گٔژھ یِہنٛد تحرالشّٹین ہیٚمہٕ کٲشرِ ادبُک پےٚ کڈنہٕ مگر کٲشرِ مرثیہ ہُند گوس تہٕ رنٛزھ تہٕ احساس۔ یہٕ وَنُن چھُنہٕ صحیح زِ تَس کیا آسہٕ کٲشرِ اَہمیک پےٚ پننہٕ ڈیٚتمُت تہٕ کیاز رانگر چھُ ژوڈرِس پیٚٹھ کنہٕ تہٕ آزاد مرحومس اُس ژوڈرِی مَنٛز ہیٚو ہٕنٛز پہرن وَتھ تہٕ سِکھ دوٚرِ پیٚٹھ اَز تام چھےٚ برابر کم سے کم وُری ٲیس مَنٛز اَکِہ لٹہٕ ژوڈرِ مجلس آسان، یِمَن کٲشرِ مرثیہ پرنہٕ چھےٚ یوان۔

رہبر صابن چھےٚ کٲشرِن مرثیَن ہٕنٛز کم کاسہٕ ذِکر کوٚرمُت مگر نمونہٕ رٕنگی چھکھ سوٚرے بیٚیہ ناو مرتی دِژمٕژ، بجہ سہٕ حلہ جنی صابن کٲشرِ شاعری مَنٛز "اوٚش تہٕ آب" کِتابہ مَنٛز درج چھےٚ کرِمٕژ اگر رہبر صابن یانہٕ اَتھ مُتعلق کانٛہہ سنجیدٕ تحقیق کرنٕچ کوشش کرِمٕژ آسہِ ہےٚ تِمو آسہ ہے ضرور تِمَن عظیم مرثیہ نِگارَن ہُنٛد پے پتہٕ دِیتمُت یِمو پٔتِمہٕ رَتہٕ زانٛہہ نہٕ اَرلتھ کٲشرِ ادب ثٔروومُت چھُ۔

حائرانی ہٕنٛز کتھ چھےٚ یہٕ زِ کشمیر یونیورسٹی ہیٚندِ

کأشرِس شعبس بُٹھ کأشرِ ادبُک تواریخ ۱۹۶۵ء منز چھپیومُت چھُ، یُس نہٕ چھُ اَتھ معاملس منز بلکُل خاموش۔ اَتھ متعلق چھُ دعویٰ کرنہٕ یوان زِ مختصر آسنہٕ باوجود چھُ یہ کأشرِ ادبُک مکمل تواریخ۔ لل واکھو پیٹھٕ اَز تام چھِ معری نظمہٕ تام چھُ اَتھ منز سارِنٕے شعر ذاتن متعلق کنہہ آمژ ذکر کرنہٕ۔ مگر کأشرِ مرثیہ سیٹھہ چھُ آمُت اَمہٕ نشہٕ دورِ حاجہٕ سلوک (میانی کنہ زاینہہ تہٕ نہہ) کرنہٕ، یہٕ پیلہِ زن اَمہٕ برق کأشرِ مرثیہ متعلق وارِیاہ کتابہٕ بازرس نہٕ یونیورسٹی ہنزِ لائبریری منز موجود آسہٕ، یمن منز حکیم صفدر ہمدانی سُنز "اولش تہٕ آب" منشی صادق سُنز کأشرِ مرثیہ، کأشر ادب تہٕ مرثیہ نگاری (۱۹۷۴) کأشرِ مرثیہ ہنز تاریخ (۱۹۷۵ء) ہکہٕ تہٕ وودش (۱۹۷۶ء) تہٕ سون ادب تہٕ شیرازہٕ کیٛن شمارن منز وارِیاہ مضامین۔

اَمہٕ کھوتہٕ حیرانی ہنز کتھ چھےٚ یہ زِ اَتھ تاریخس منز چھےٚ صفحہ ۱۴۴ پیٹھ یہ بنیاد کتھ تہٕ لیکھتھ زِ یمن (تنہا انصاری صاحبن) ہند نہٕ اوس کأشرِ مرثی کُنہٕ فارمہٕ رُدمت لیکھنہٕ یوان تہٕ اَتھ منز اوس شہدائے کربلاہن ہندِ صرف ویناکھ آسان۔ اَمہٕ تلہٕ ہیکہٕ صاف پاٹھی یہ لگتھ زِ یمہٕ کتابہِ کأژاہ دیانتداری سان چھےٚ تیار آمژ کرنہٕ، یہٕ پیلہِ زن مرثیہ باضابطہ بنن اَکھ مخصوص فارم ہینہٕ وُنہٕ چھُ اوسمت تہٕ تنہا صاحبن چھےٚ مرثی کأشرِ مرثی ہندِ بنیٚن فارم تہٕ اُردو تہٕ فارسی قالبن منز آمِژ پیش تہٕ

کأشُر ادبس کیہ گوڈٕ کالہ پیٹھٕ از تام چھُ برابر اتھ منز شُہدائے کربلاہن ہند تذکیہ علاوٕ حمدِ خدا، نعتِ رسولؐ، مدحِ ائمہ، اصولِ دینُک تہٕ فروغِ دین علاوٕ ڈلی ہیٚکیس لوٚہ لنگرس سیٚتۍ وابستہٕ ہتہٕ چیز چھِ میلان۔ امہ علاوٕ یُس امیُک غالب پہلو چھُ سُہ چھُ بہودری صبر، ایثار، ظالمن سیٚتۍ نفرت تہٕ مظلومن سیٚتۍ ہمدردی ہُند جذبہ پننظر گژھان۔

پندٲہمہ صدی عیسوی منز اوس کشیر منز اوراد فتحیہ بالجہر تہٕ یکوٹہٕ پرُن شروع گومُت تہٕ مرثیہ نگارو تہٕ چھُ مرثیہ بڈٕ ہتہٕ تہٕ یکوٹہٕ پرنُک طرز پانہٕ نوومت۔ امہ دورکہ یم کم کاسہ مرثی نمونہ اسہ میلان چھِ تِمہ چھِ فارم تہٕ لسانی اعتبارٕ میر حسن سندس مرثی نِش بیٚون۔ میر حسن سُنز مرثی چھےٚ ترٛٚو مصرعی بیتھن منز۔ گوڈنکین دون مصرعن بحر تہٕ کُنی تہٕ قافیہ تہٕ کُنی چھِ، ییٚلہ زن ترٛیمس مصرعس بحر تہٕ بیٚون تہٕ قافیہ سکیم تہٕ الگ چھےٚ۔ پتہٕ یمہ دوٚیو مصرعو پیٚنہ یم ترٛیم مصرع چھِ تِمن چھےٚ ہیٚرِ بون بحر تہٕ کُنی تہٕ قافیہ سکیم تہٕ۔ گوڈنکین دون دون مصرعن ییدوٕے بحر کُنی تہٕ چھےٚ مگر قافیہ چھُ پتہمہ بندکین دون دون مصرعن الگ۔ اتھ منز چھِ سنسکرت لفظ تہٕ فارسی لفظ چھِ نہ آسنس برابر، ییٚلہ زن پنداہمہ صدی ہندین مرثین منز سنسکرت لفظن آسنس برابر چھِ تہٕ فارسی لفظن ہند گوڈٕ تہٕ جار چھُ جایہ جایہ نظر گژھان۔ مرثیہ چھےٚ چھِنہ، منز لی ہاتھ،

وان وابشہ تہٕ روایژ فارسَن منز ونٕنہٕ علاوہ فارسی پیٹھٕ آمتین قالبَن منز وننچہ ابتدٲئی کوشش تہٕ کرنہٕ آمژٕ۔ منشی محمد صادق چھِ کٲشرِ مرثیہ کتابہٕ ہندِس حصہ ۲ ہَس پیٹھ لیکھان زِ ''امہ دورٕ چھِ مرثیہ چھِ نہایت سلیس تہٕ مختصر زبانِ منز وننہٕ آمژٕ۔''

اَتھ دوران ہیمو شاعرو اَتھ شعر ذاتُک آبیاری کٔرمژ چھےٚ تِمن منز چھِ (۱) حاجی حیدر (۲) محمد مشتاق ژوڈر (۳) سید حسین اسکندر پورہ (۴) سید حسن رہنما زڈی بل (۵) میر سید علی زڈی بل (۶) محمد ملک ژوڈر (۷) مُلّا نامی ؑ (۸) بابا طالب اصفہانی شوپیان (۹) مُلّا ناصحؑ (۱۰) میر جزاءاللہ (۱۱) تقی میر رسول سوپور (۱۲) میر عبداللہ میر بہوری پورہ (۱۳) یوسف ملک میر گنڈ ناہ بل (۱۴) سید حسین ؒ (۱۵) میر سید محمد میر گنڈ (۱۶) مُلّا طالب (۱۷) علی محمد ماہر (۱۸) سیّد حسن چاک بٹہ پورہ (۱۹) مُلّا محمد امین مستغنی (۲۰) میرزا علی خان (۲۱) مُلّا غالب۔

مُلّا غالب اَسی مشہور عالمِ دین مولانا سعید الدین سِندی زُرہہ۔ مولانا سعید الدین اَسی کشیرِ دینِ حنفک تبلیغ کرنہٕ باپتھ سوٗتٕ آمتی۔ تِم آے ۱۳۹۳ء منز میر سیّد محمد ہمدانیؒ فرزند امیر کبیر سیّد علی ہمدانیؒ سٍتی کشیر۔ میر موصوف اَسی تِمَن بڈٕ قدر کران تہٕ تِمو کٔریہ تِم خانقاہ معلیٰ ہِچ گوڈنکو متولی مُقرر تہٕ میر سیّد محمد ہمدانی صاَبن چھِ تِمن پننِس وقف نامس منز ''برادر ارشد و امجد'' ہِسی

لقب لیکھو میتی۔ (تاریخِ حسن حصہ اول ۳۳۳، ۳۴۴ وتاریخ شیعان ۱۳۰) یہ کتھ چھے پھیرنی لایق زِ کأشُر زبانی منز چھے مرثی مولانا سعیدالدین سٕندی خاندانٕ معراج کمالس واتناوِمژ۔

قاضی احمد علی مرحوم یم گوٚنڈ خواجہ قاسم اُسی روزان چھ مرثیہ نگأری اکھ نوٚو طرح دِوان یم چھ پرٲنیس تہٕ نٔوِس دورس درمیان اکہ کڑ لیکھ کایم کران۔ (کأشُر مرثیہ صفحہ منشی صادق)

مؤمنو زِ بندٕ قدرت چھ حضرت تہٕ شاہ ولایت

دوٚنوے چھ بادشاہ عالم نور

تِہنے چھ ساکن طریقِ وحدت ہادی خلقت

نورِ تجلی دنیاہس کوٚر تِمو ظہور

حضرت چھُ نبین سروٚر شاہ چھُ امامن مصدر

تس نشہ دِرا سے بیٚیہ نورکاہ

.............. ...........

.............. ...........

اکھ زبانِ قدرت بیا اکھ بیان معرفت

تِہمو اکہ وَتہٕ آسُن زونُکھ ضروٚر

یِم دریاے رحمتکو اچھر زأنی توکھ زاچھر برابر

یوٚہ کین دوٚن چشمن چھُ ہیوٚے نگاہ

تَتہٕ چھ ماہ ہیتھ یِم مُصیبت یوٚ تام پیہ ہو قیامت

حضرت اسرافیل وایہ صوٚر

پیوان ژھم عبرت وُچھنو یِہ خلقت
مرتضیٰ علی ہیوہ مارن بقو و کی منظور
ژٕ دٲنکہ علی ٹھک جگر دین کوٚرُکھ ابتر
یُتھ ظُلم پنہٕ وَتھ سٕتی کوٚر زینہ زاہ

اَمہ پتہٕ چھُ کٲشُر مرثیہ ہنُد سُہ بیرساوک دور شروع گژھان یُس اَلہ پلہٕ سیٚٹھ دورس تام چلان چھُ۔ اَتھ دوران چھُ کٲشُر مرثیہ وارِیاہ منٛزلہٕ ژھٲنٛڈتھ معراج کمالس واتان۔ کشمیری تہٕ ژُک دورس دوران چھُ یہ شعر داتھ پنہٕ نین پکٕنی حیات واتش کڈان۔ وارِیاہ طویل مرثیہ چھِ تخلیق یوان کرنہٕ ییمن منٛز حمد، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد بیترِ ساری نوعیت نظرِ چھِ گژھان وُچھنہٕ۔ تہٕ کٲشرِ مرثیہِ حیثیت الگ حیثیت سٕتی چھِ اَمی دورس منٛز پنٕنی انفرادی وجود قٲیِم کران۔ یہ دوے دوہ پچھمرانو کٲشرین ہنٛد پننی ادبی میراث ضایع کرنہٕ باپتھ بے شمار ژٕھ یہ تہٕ کیٛر تہٕ باقی چیزو علاوہ آو خاص پاٹھۍ کٲشرین ہنٛد مرثیہ ذخیرٕ نٔ ژٲگن ہنٛدکہ سامان جنگ بیترِ نابود کرنہٕ۔ تمہ باوجود تہٕ چھِ اَسہ اَمہ دورکی بے شمار مرثیہ نمونہٕ میلان۔ یہ کتھ وَننس منٛز چھِ نہ کانٛہہ حرج زِ پتھ کالہ اوس کشیرِ منٛز فرقہ وارانہ انتشار تہٕ نہٕ اَسہِ مسلمان مسلک کیٚس ناوس پیٹھ اکھ اکس نشہِ الگ تہٕ نہٕ اوسکھ رَتس تہٕ نربینہٕ حرت فرقہ وارانہ انتشار آو کٲشرین منٛز پنٕنی مقصد پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ

کیشرٕن ایجنسین ہنٛد دٕسی ژانٛہہ ماژنہہ شروع کرناونہٕ ییٚمکہٕ شکار
نہ صرف ییٚنۍ عام لُکھ گٔے بلکہ کینٛہہ شعر ہیٚکہ گژھنہٕ مات تہٕ۔
اَمہ وقتُک گوکھا اکبرس گژھ نیاے ہیٚسہ فرٕ یاد

گژھنہٕ مانہٕ غنیمو ہیٚنو پاٹھو پانسَن راۓ چھو کٔرِتھ ہے

اَمیُک ڈراو یہ نتیجہ زِ بقولِ پروفیسر حاجنی (کاشُر شاعری صفحہ ۱۱) "کاشرٕ رٲوٕ نہ صرف حکومتے یاژ بلکہ موغلو کوٚر تِہنٛز زبانی تہٕ ادبس سیٹھاہ سوتہ سلوک یُس اَکھ وۄدہ بر فاتح پننین رعیتن سیٹھ کران چھُ ...... اکثر شاعرن ہنٛد کلامہ گو بیپر۔ نار مار تہٕ لوٗٹ کرنہٕ آے کیتھ جریہ ورتاونہٕ تہٕ سکھ دورس نام آو شیعن کم از کم دہہ لٹہٕ لوٗٹ کرنہٕ۔ بلکہ اَسہ لوٗٹرٕن حاجی خطاب دِوان دِنہٕ۔

ہلہٕ کرحا جو پلسیہ چھٕے دور      گوڈٕ نہہ زالون کما نگر پور

ساسہ واد لُکھ آے مارنہٕ تہٕ زٕڈی یلتس آو اَکہ وزِ محض اَمہ موجب حملہ کرنہٕ یتہٕ آسہ مرثیہ پرنہٕ یوان۔ اَمیُک "تذکرہ" چھُ مورخ حسن پننہِ تاریخ کِس صفحہ ۴۸۳ پیٹھ ۴۹۲ تام "تاراجِ شیعان" ناوۍ بابس منز کران۔ اَمہ ظلم وتشدد نہ کٔٹر ہنہٕ پتہٕ تہٕ چھُ اَسہ وارِیاہن مرثی نِگارن ہنٛد نیب میلان۔ یِمن مرثی نِگارن منز چھِ (۱) میر محمد جعفر شہپال (۲) مُلّا احمد میری (۳) حسن شاہ زٕک (۴) علی شاہ زٕک (۵) یوسف شاہ (۶) میر سید حسن چھتہ بل (۷) محمد حیات (۸) بابا محمد جواد سرینگر (۹) خواجہ اکبر (۱۰) سید عبداللہ شاہ (۱۱) خواجہ عباس

(۱۲) میر احمد علی (۱۳) سید صالح رضوی (۱۴) سید شرف الدین احمد پورہ مانگام (۱۵) قاضی احمد دین حنفی ورمل (۱۶) خواجہ حسی بٹ (۱۷) خواجہ محمد (۱۸) خواجہ محمد فاضل (۱۹) میر محمد عباس (راجپور) (۲۰) مرزا اجزاء اللہ (۲۱) نشیہ ڈار (۲۲) مُلّا عبدالرحمٰن وسیہ دلیوسر کولگام (۲۳) عبدالحکیم ساطع۔

اَمہِ دورِ کین قدآور مرثیہ نگارن منز چھُ مُلّا احمد میر چھُ شُند ناو خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یِم چھِ کشیرِ ہندِس آخری خود مختار بادشاہ یوسف شاہ زرک سندی دوستاد آسمۍ۔ علی شاہ زرکن اوس اَمیس ملک الشعراء خطاب دِیتمُت۔ یِمو چھےٚ فارسی لیس منز نہ شاعری کٔرمٕژ تہٕ کٲشرِس منز تہٕ۔ یِمو چھےٚ وارِیاہ مرثیہ لیکھۍ مرثیمن منز ظُلمِ کربلا علاوٕ تہٕ وارِیاہن چیزن ہُند تذکرٕ چھُ۔ یِہندِ زبان چھےٚ عالمانہٕ تہٕ یِمو چھےٚ تشبیہہ، استعارٕ تہٕ علامژ بےٚ وایہ ورتاو کٔرمٕژ۔ یِہندِس کلامس منز چھِ فصاحت تہٕ بلاغتُک ناگراد وُزان ؎

شِے مُفتی قدرت منشی تقدیر قاسم روزی کورٕ خالقن
شِے مُرشد جبرئیل ملکن ہُند پیر شُہن ہُند رفیق پیغمبرن
بوہا دی معرفت نمی ہا و نی دیہ وَکھ عصاے موسیٰ شِے ید بیضا
شِے سیف اللہ وجیہہ اللہ شاہِ مردانے
وحی رسول اللہ ولی اللہ تے مومنن ہُند پادشاہ

اَمی دورُک بیاکھ نامور مرثیہ نگار چھُ مرزا جزاء اللہ مرحوم۔ یِہ

چې مشهور شاعر او سمت نه دی چې او راد فتحیه په نثر کتابیه کا مثر ترجمه کومت
آمیه که ترجمک تمهید چې پیلمه آیه شروع کړې دهان سه

الٰهي ته چې یکه ارحم الراحمین — کونه پادړیے آسمان زمین
تو یې وحده لا شریک له — ستار العیوب غفور او شکور
چې چې نے عرش لوح قلم دوه نږرا — چې با مصلحت پیدا کړاه ژبوه سات
محمد چې برحق رسول خدا — شه هادی ته رهبر نور خدا
تیمن بیښه هزاران درود و سلام — همه آل و اصحاب یاران تمام

بهتر اګه مرثیه هشند اکه بشد چې سه

معه که کیا دکه صاحبتس سو که ګاړی ګاړی هو
چیچکه ورته لاړج ګوښت لفیسه دګه
ره تیمه کس کیاه چاړ کړ اړی هو
پیښله شاه حسین نس قاتلس ډهانډولګه
ژ وه امام حسینش

په پیښنده سے ودن چې آبرو سیتو

میرزا: جزاء الله سیټنز اکه چپیرها خصوصیت چې یه زیمو چې
نوی قافیه ژاری میتو۔ مرثیه چېکه دو مصرعی لیچه مرثیه پړیمه شعرک
ګعه ډنیک مصرعه چې انده وند اکی سے قافیس منزته یبه پاکو
چې پړیمه شعرک دوم مصرعه نه انده وند اکی سے قافیس منز
یهم ادیب په اعتراض چه کران ز کاشر مرثیه اسی یبته کاله کتبه خارمیه

ورأیی آسان تہٕ اَکھ منز چھُپنہٕ ویداکھو وراٮ ے کہیپنو۔ تیمن پیٹھ جزاء اللہ
سنٛد کلامہٕ پرن تہٕ تمیٚک تجزیہ کرُن ۔

آو لیکھ دُنیا ہیکچھ وۄ لمست چھکھ گونہگاری ہو
کوتھہ ذاتہٕ واولہٕ ناو چھ پأنی بوٛلہٕ کیتھ تیگیہ

اَمہٕ دورکین قابلِ ذکر مرثیہ نگارن منز چھُ یوٗسف شاہ ژک سُنٛد
ناو ہینہٕ دیوان۔ افسوس چھُ زِ تیہُنٛد فارسی تہٕ کأشُر کلام چھُپنہٕ
وقتہٕ کیو کأیلونیشن تیٚجھ ہیوٗ کمُت۔ دپان اَکھ پھیر اوس تیہُنٛد
ووستاد ہیری اکھ مرثی لیکھان۔ حمد، نعت تہٕ مدح لیکھنہٕ پتہٕ
ییلہٕ دردس پیٹھ ووت اَکھ بنٛدکۍ شےٚ مصرعہ لیکھتھ گوٚ تیٚتھ مین
دۄن مصرعن ہینٛدی ردیف تہٕ قافیہ باپتھ سخ ہینٛد یم تمۍ شےٚ مصرعہ
لیکھی میتھ اُسی چھہ یتھ پأٹھی ۔

پیٹھ فلکن وۄتھ داویلا ملک چھنٛتھی کیتھو وُسی پیٚیے ساری
بوے وِنہٕ کیتھ نعوذ باللہ زبان دزہ ہم تارہی
شاہ مردان سجدس پیٹھ بام رود تراو ملیجو کزبل زہر آلود
ییم اُسی سوچ سٕنٛد رِس منز ہینہٕ آمتی مگر تاریخ اُسکھنہٕ
کاتھہ تہٕ صورت نظر گژھان۔ تام آو یوٗسف شاہ ژک تہٕ پرِ ژھکھ
پریشأنی ہُنٛد وجہ تہٕ کرمی ہیکھ تیم زہ مصرعہ یتھ کٔنی پوٗری ۔

کرُھنیا یہ حجر الاسود لرزتس ژاو
لوگ تُھتھ تُھتھ دِوال دایر کڈتہٕ ابراہیم خلیلو

اَمہ دورٕچ مشہور ترین شاعر حبہ خوتونہٕ متعلق چھُ اوتار کرشن رہبر کاشرِ ادبٕچ تاریخ کتابہ منز لیکھان: "حقیقت چھے یہ زِ تمہٕ سٕنٛز زندگی اُس پانٛژن پانس اکھ چھوک لدٕ تہٕ شہید گامُتس انسانہٕ سٕنٛز زندگی ۔ تمہٕ ییم وٕژن لیکھی تِم چھِنہٕ کہین، بلکہ تِم مرثی ییم زن تمہٕ پانٛژ پانس ہیچھ وٕنی تمہٕ سٕنٛزن مرثیین منز چھُ اکس زخمی انسان سٕنٛدی آمہ تاو تہٕ ویداکھ موجود ییمن ویداکھن ہُنٛد مول چھُ سُہ غم یُس تمہٕ سٕنٛدِس دِلس جِگرس پٮ۪ٹھ ہیچھ وِز ژاٹھ تہٕ کوٚران اوس۔"

اَمہ دورکس مرثی ہسو ہیچھ چھُ عبد الحکیم ساطع سُنٛد ناو ہچھل ژندریکو پاٹھو تابان ۔ ییم اَسی مشہور مرثی نِگار ملا آغا لبیب سُنٛدی فرزند ۔ ساطع سُنٛد فارسی کلام اوس نہٕ صرف کشیر منز بلکہ مغل دربارس تہٕ ایرانس منز تہٕ سیٹھا مشہور ۔ یہُنٛز اکھ مشہور فارسی رباعی چھے ؎

گفتم ز جام عشق مستی دادند — که این نیستم به نقد هستی دادند
سرمایه بر آن چه بود دادم از دست — ارزان نه متاع تنگدستی دادند

ییم اَسی کشیر ہُنٛدِس مشہور مورخ خواجہ اعظم دیدہ مری سُنٛدی ووستاد ۔ یہُنٛدِس مرنس پیٹھ چھُ دیدہ مری صاب قطعہ وفات ییتھ کٕنۍ لیکھان:

گفت اعظم به سال تاریخش — نور ایمان بمرقدش ساطع
(۱۲۳۰ھ مطابق ۱۸۱۵ء)

نمونۂ کلام :-

نتہٕ ژٕلتھ وُہ ٲتھ دِگہ مِمبرس منٛز خدایہ سٕنٛدِس گرس بایو
ییٚتہٕ چھُہ کھوٚلُک شاہِ شہیدن دیہ سٕنٛدِس ہیرس بایو

●

خالقہٕ سرسبز کرنۍ میانہٕ دِلہٕ کُے چمن
یُتھ چھُہ لبہِ خم رنگہٕ رنگہٕ دوہ کھِکھ یاسمن
گرژھہ معرکہ معطر ببہ عالمس خوشبوٗ
کڈ کھچ گرہ کیہِ کوٚزِ نیش دستہٕ کرِ تمن
سِے معرکس منٛز بیٚشش مہ ژمن
کرِسے قبول عابدین شاہ ییم آبرو

نشہٕ ڈار چھُ اَمہ دورُک اَکھ اہم مرثی نگار گُذرُمت۔ اُمۍ سٕنٛد تذکرہ چھُ پروفیسر حاجنی صاحبن تہٕ کوٚرمُت۔ رہبر صاحبن آزاد صاحبن تہٕ ناجی منورن تہٕ شفیع شوقن تہٕ، نمونہ چھُکھ اُمۍ سٕنٛز مرثی ہنٛدۍ دِتی متۍ۔ اُمۍ چھِ واریاہ مرثیہ لیچھِ مٕتۍ تہٕ بقول اُنیس کاظمی چھُ اُمۍ سٕنٛد مرثی دیوان ساسہ واد شعرن پیٹھ مشتمل اُمۍ سٕنٛز اکھ مرثی چھےٚ سٔتن بندن پیٹھ مُشتمل ........... .......... یتھ منٛز حمد خدا، نعت رسولؐ مدح ائمہ، معجزات تہٕ واقعہ کربلا چھُ۔ پرتھ بندس چھِ پانٛژاہ پانٛژاہ مصرعہ۔ طاق مصرعن چھُ اکھ قافیہ تہٕ جُفت مصرعن اکھ

قافیہ۔ یِنہٕ اہم مصرعہ تہٕ چھُ جُفت مصرعن ہِنٛدی پٔتہٕ قافیس
منز تہٕ پتہٕ چھہ ژھوٚٹ ہیو مصرعہ یُس Repeat چھُ گژھان تہٕ
نفیس لفظ ژٲرِتھ علامتی ورتاو چھُ اَمہِ مرثیہ ہِنٛز خصوصیت
کینٛہہ مصرعہ چھہ:

حضرت فاطمہ ہنٛز تِم ٲسۍ فرزند حضرت امام تے
نِکھ اسرٲر چھو منز حضرت علی بن اِچھن ہِنٛدی گاشہِ
یِمو تِمو لٔب شہادت تِمنٛے روٗد ژھکہ نام تے
شفاعتس تِہنٛدِس سورُے دُنیا چھُ اُمیدوار
یِمنٛے تِم گٔے عالمِ بقا تِمنٛے روٗد ماتم تے
یِمہ نہٕ زٲلہِ ڈیکھ چھِہ دِیان بڈما چھُ سمسار

اردو ہِنٛدی عظیم مرثیہ نگارن ہِنٛز چھُ سید محمد ہادی
فاخر اکھ اہم ترین مرثی نگار گُذرِمُت۔ تِمو چھُ سنہ ۱۱۹۴ھ وفات
کوٚرمُت۔ تِمو چھِہ مرثیہٕ علاوہ باقی صِنفن منز تہٕ طبع آزمائی
کٔرمٕژ۔ کینٛژن ہِنٛدِ خیال چھُ مشہور بیتھ "یا رب لوگُن سنگ دل
چانہِ خاطر چھُم قسم" چھِ تِمہٕ زیٚنہ رسُل میرن نہ بلکہ فاخرسُنٛد۔
(کٲشرِ ادبُک تواریخ، صفحہ ۴۹)

فاخرن چھِہ مرثیہ باقی فارمو علاوہ کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛزِ اکِس
پرانہٕ شعر فارمس "بیتھ" یا "چھہ دِوان اُمی سێتۍ" منز تہٕ مرثیہ لیچھِ یُس
پٔیتھ اکھ مشہور مرثیہ "یہ" فارمس منز چھُ، چھِ یتہٕ واد

وٕرِی گزرِتھ باوجود وُنہِ تہٕ بڑٕ مشہوٗر چُھ بلکہ چُھ اَمیُک نعتیہ چھہ اَز کل تہٕ وارِیاہن جاین صُبحاے نمازِ پتہٕ تنبرُکھ پٔرنہٕ یِوان ـــ

اے مہہ سروِ قدِ مَن — قدمن پاٗرِی لگے یو
نگمے سوئے من فگن — وُچھنس پاٗرِی لگے یو

.. .. .. .. .. .. .. .. ..

مینہٕ منٛز یارِ دِما بِہِہ — ژٕنہٕ نیرِ خاصہٕ نعمژ گِھیہ
کھوچکھ نتہٕ بال کھِمے وِہِہ — روشنس پاٗرِی لگے یو

.. .. .. .. .. .. .. .. ..

روٗ پھٕچکھ دیدِ فاطمن — وُچھنس پاٗرِی لگے یو
موٕرِ ہیچکھ تشنہ دہن — مرنس پاٗرِی لگے یو

اُمی سُند فارسی دیوان چُھ ژوٗن ساسن شعرن ہیُند مشتمل اَمہٕ دورٕکین مرثی نگارن منٛز چُھ مُلّا طاہر غنی سُند ناو تہٕ مینہٕ دیوان۔ یِمہٕ بیٛن شعار مرثیہ بیٛن ناو چِھنے تِمو منٛز چُھ واریاہ کلام غنی کشمیری یَس کُن تہٕ منسوب یوان کرنہٕ۔ اَتھ منٛز کاژاہ حقیقت چھے تتھ مُتعلق ہیکوٕ نہٕ وثوقہ سان کینٛہہ وَنِتھ ـــ ۱۹۷۷ء منٛز چھپیوو تعمیرس منٛز ڈاکٹر غلام رسول جان سُند اَکھ مضموٗن غنی کشمیری یَس مُتعلق تہٕ یِمہٕ نِیے وَتہٕ مَن کرِ یہِ دوٗر دٔرشن سرینگرن تہٕ کاٗمِل صاٗبنِ اَتھ بیچھنہٕ اَکھ قائم پیش پٔتھیہ مُطابق غنی سُند تعلق مولانا سعیدالدین سید نین خاندانس

سیٚتھ ہاونہٕ اوس آمُت تہٕ اَمہِ خاندانَن چھےٚ کیٚنٛہہ بہلہِ پایہِ مرثیہ نِگار پٲدٕ کٔرۍ میٚتۍ۔ تہٕ بیٚیَن حالاتَن منٛز غنی ہٕ مرثیہ نہ لیکھنہٕ چھُنہٕ عقلہِ وَہرٛان۔

اُردُہ ہٕمہِ صدی ہٕندیَن مرثی نِگارَن منٛز چھےٚ خواجہ حسی بٹنہِ مرثیہ میلہِ کِنہٕ ہمنٛز حیثیت تھاوان۔ خواجہ حسی بٹ چھُ اکھ شاعر تہٕ ذاکر آسنہٕ علاوٕ اکھ سماجی کارکُن تہٕ آسی میتۍ۔ تِموچھُ اکھ کام بسوومُت یُس سرینگرِ پیٹھٕ کُنٛژ تام کلومیٹرے دوٗر وَرمُلی سڑکہِ پیٹھ وُنہِ تہٕ گنٛد حسی بٹ ناوٕ آباد چھُ۔ تِموچھُ کیٚنٛہہ دُعاییہ مرثیہ لیٚچھمٕتۍ یِم وُنہِ تہٕ معرکن منٛز پرنہٕ چھےٚ یِوان۔ یِہِم اُسی ناداں تہٕ قلیل تخلص استعمال کران۔ یہِم چھِ اُسی میتۍ معرکن منٛز پنٛنہٕ مرثیہ پانے پران۔

زیرِ بحث وقتس دوران وَنہٕ آمُت مرثیَن ہنٛد مطالعہ تلہِ چھےٚ تِمَن ہنٛز کیٚنٛہہ خصوصیژ ٹاکارٕ لَبنہٕ یِوان۔ یِہ کتھ چھےٚ پرٛیٚتھ بنٛدِس تہٕ مصرعس منٛز نٔنۍ زِ یِمہِ مرثیہ چھےٚ مَحضَن دِلہِ کہِ شوقہٕ تہٕ دِیہ لولہٕ لیکھنہٕ آمٕژٕ۔ یِمہِ وَنہٕ وِز چھِنہٕ یِمَن شاعرَن کُنہٕ دُنیاوی جاہ وحشمتُک طمع تہٕ نہ کانٛسہ دُنیاوی معشوقہ سٕنٛد دُسے گرٕ دینُک شوق بلکہ چھُ مذہب اکھ ژھیٚپُن تصور کٔرِتھ دِلہِ کِن جذبات اظہار پیٚچ نہ لوآمٕژ دِنہٕ۔ یِمَن مرثیَن منٛز چھُ کمال خلوص تہٕ ریاکاری تہٕ مکاری بیٚترِ جذباتَن ہنٛز چھُنہٕ ژھاسے تہٕ

یاپہٕ ناوِ نیچ ترغیب دِوان یِہُنٛد خیال چھُ زِ طریقتُک اگر جناب علیؑ چھینہٕ کُنہٕ تہٕ وقتہٕ لوازماتِ دین ترک کران تہٕ بییہٕ خداوند کریمن تِہُنٛد باپتھ یِم چیز معاف کٔرِتی اَسہِ کیتہٕ پاٹھۍ یِہکو یِمو نِش مُچھِ اَسِتہٕ ۔ جناب علیؑ سٕنٛدِ عبادتُک تہٕ حضورِ قلبُک اظہار چھُ تِمو یِمہِ آیہ کوٗرمُت ۔

قضا و قدرُک بوسگاہ دستگاہ تمی شاہِدِ رضاے حق کوٗر فاصلو

زانہٕ ہیٚن قضا کٔرِتھ گو علی مرتضیٰؑ شہ بییہ گژھہ ہے نماز اندرٕ اَخلو

کُس اوس تژھ عبادتس منٛز تیٚتھ یَس کرانو شہ تہٕ اوس دوہ ہیٚس تہٕ راتس پانٕہ پھیر مرانو

اوسُس کانہٕ پھل بند گومُت اَکِس جایہ

شہ اوس آمُت پھٹِتھ کوٗد ہیٚس بدنٕ نِ ژھٹِتھ تونہٕ گوو نماز گزار خبردار یِمن مرثیَن منٛز چھُ خداوند کریم سٕنٛدی حمد تہٕ تعریف باضابطہ اَکھ حِصہ اگر یِم یکشہ الگ کٔڈِتھ جمع کرِو ۔ شاعری ہُنٛد ہاوُن باوُن لایق مواد ہیٚکہ جمع گٔژھِتھ ۔ دوٗیمہِ گو یِم فِکرِ ٹھیکھ پاٹھۍ ترنہٕ باپتھ گژھہ اسلامُک سروٗن مطالعہ آسُن تکیا زِ یِمن منٛز چھِ صنعتِ تلمیح علاوٕ کیٚنہہ ترژھ ترکیبہ تہٕ علامژٕ ورتاونہٕ آمژٕ ، یِم نہٕ بیٚیہ ہیٚکی فِکرِ تُرِتھ ، تِمن منٛز چھُ ابہام جایہ جایہ لَبنہٕ یِوان ۔ کُنہ کُنہ جایہ چھُ گُمان گژھان زِ شاعری ہیٚشہ بادہ منٛز ہیٚرِ ین چھیٚ ابہام تہٕ دوہیرِ زبانہٕ ہیٚندِ ین حرفن ہیٚندِ ین گیشن ہیٚندِ یس پردس تل ژھایہ گٲمژٕ ۔

موٗمنو حمد و ثنا شوٗبہ تس پادشاہس

ییٚمہ نبی تہٕ مرسل کرِ ایجاد

شہ چھ خالق تہٕ یادٕ کرِن ژٕ عالم

زبان قدرتہ "کُن" پان کوٗرُن ارشاد

سپُن معنی "فیکن" روشن درینٛھ آیہٕ قدرت صاحب ہوشن

کوٗرُکھ وحدژ آ خدا چھ اکھ تہٕ

(محمد جعفر)

یا

سپنہٕ گوٚپنہٕ قلم تہٕ دریاو دوات ساری خلقژ لوسن لیکھان

مُرِتہٕ ییٚن ست زمین تہٕ نو سماوات خالی روزِنہٕ بییہ کاشہ مکان

انتہ چھُنہٕ ضیفژن گنٛے بخشہ فضلہٕ پننہٕ نے

آیہ لاتقنطو چھ امہ کے گواہ

(قاضی احمد دین)

لل دیدِ پیٹھٕ محمود گامیس تام ییمہ تنبہ یلیبہ کاشر زبانی منز آیہ تیمیک پتہٕ ہیکو اسی کاشر مرثیہ پرِتھ لٹِپکھ یاگوچھ لبِتھ۔ ابتدائی دورس منز اوس زبانی پیٹھ سنسکرتُک غلبہ تہٕ دوٚیمس سنسکرتیچ جاے فارسی لفظو نژ۔ یہ چھ پوٚز زِ باقی شعرِ ژٕ وو مقابلہ چھے کاشر مرثیہ خاصکر حمدٕ تہٕ نعت رچھنس منز فارسی ہیک زیادے پیٹھن اثر بلکہ عربیک تہٕ مگر یہ چھ موضوع تہٕ وقتُک تقاضہ شاعر چھنہٕ ہیکان امہ نِشہ نیٚنِتھ۔

خالقہٕ ژ یے چھکھ قدیم و قائیم باقی ہمیشہ حی و قیوم

بیٚنیہ واقفِ ضمیر حکیم و عالم ذات چانیٚ پیٚنہٕ کانٛسہٕ معلوم

کوٚرتھ ظاہر کُنت کنزاً خفی ژٕ باطن جایہ جایہ موجود چھکھنہٕ مرئی

دِنتھ لون ترانی بیٚہِتھ طورِ سینا سپن کلِ موسیٰ کلیم اللہ بیٚر سے

کھیٚیوو اولوالعزم ہیو لو رودُکھنہٕ قوت پوٚرکھ لاحول

مگر مرنی نبکارس چھُ احساس زکتہٕ نس کوسہٕ زبان شوبہ امی

مرنی ہنٛد درد ُچھو تو یُس از بر وشہٕ اَلہٕ بلہٕ ژور ہیتھ وری

چھُ لیکھنہٕ آمُت، مگر گمان چھُ گژھان زِ یہِ ماچھے اَزی چھ زبان سہ

ہے ہے کیاہ وُنہٕ ظلم ہے نیٚتھ ژایم نووٕ شمع زن بند بند سپنم موم

بوٚ کینژہ وُنہٕ نتہٕ ان چھم رُم رُم تہنٛز کورین ژورِ وَتہٕ عامو کوٚر ہجوم

آکھ اندٕ اندٕ ژلنہٕ وَتہٕ رٹنے ~~تمی کانہہ ستی معصوم لگہ نٹے~~

گوٚنڈ ہکھ نار خیمن یان ژپاسے کورین ژاو لرزہٕ تہٕ بیم

آیکھ بیٚلہٕ نارچ برٛیہا آسہٕ ژھاندان جاے

ژاکھ نارٕ سیتو اَلہٕ اَلو آسہٕ ژھایہ روزان سیکہٕ تلو

کاشُر شاعری منز چھُ نعتیہ حِصہ بلکل الگ شعرٕ ذاتھ

گنٛزراونہٕ یوان۔ واریاہو شاعرو چھِ صرف نعت لیکھمت پننیہ

باپتھ مُقام متعین کوٚرمت۔ کاشرین مرثین منز چھُ نعتیہ حِصہ

بلکل اکھ الگ حِصہ تہٕ ساسہٕ واد شعر چھِ صرف اردا ہمہ حندی

نام لیکھنہٕ آمتی یمن منز فن معراجِ کمالس بیٚہِتھ چھُ۔ ساروے

مرثیہ نگارو چھےٚ نعتیہ شاعری کٔرمٕژ۔

عطا کوٗرُن حدیثِ لولاک تٔہندِس شانس
پٔرِ پٔھرۍ انسانس گژِھ اعتقاد
پٲدٕ کوٗرُن اول تہٕ سوزُن آخر زمانس
بیتھ ونکہ قدرٕژ ہیرنےٚ ہُنٛد اعتماد

بادشاہ کوٗرُن عالم غیبن گنہگارن پوشندہ عیبن
روٗد سارِنےٚ عالمن ہُنٛد شُے حق تہٕ

(جعفر)

اَلہٕ پَلہٕ چھُ سارِنےٚ مرثیٕ نگارن ہُنٛد یہ اعتقاد زِ نبوت
تہٕ امامت چھِ لازم و ملزوم۔ جناب رسالتمآبؐ چھِ خاتم المرسلینؐ
تہٕ علیؑ چھِ تٔہندۍ جانشین۔ یِم ہیکن نہٕ اکھا اکس نِش ہرگز تہٕ
الگ گژِھتھ۔ حضرت علیؑ جناب محمد مصطفےٰؐ ینہٕ سارِوۍ کھوتہٕ
بزرگ، قابلِ احترام تہٕ معجز نما مانیٚ چھِ مرثیٕ نگارن ہُنٛد ایمان۔

شہرِ علم محمد مصطفیٰؐ بُنیہ مرتضیٰ علیؑ باب العلوم
تس حضرتن دوٗپ لحمک لحمی یس اوس چشمن خلل تس دریتھ آیہ نیرِ
تس آو دریتھ اَگےٚ یس آسہ چشم بینا دوٗنوٚے صراط المستقیم رسول اللہؐ
اُسکھ اَکےٚ زبان اُسی یک دلو دوٗنوٚے صادق المقولو

کأشرِس شعرس منز یِدوٚے مثنوی نگارو منظر نگأری ہِنٛدۍ
تقدٕ تقدٕ شاہکار پیش چھِ کٔرۍ مِتۍ۔ مگر مرثیہ نگارو چھِ مثنوی

نگأری برونٛہہ ہیتھ واد وٲری ہیم پرمانہٕ تہٕ چھُکاو متھ کھٲو مۄتھ تہٕ اَتھ معاملس منٛز چھکھ واریاہ میلہٕ کینہ یِتھۍ تراوِ مرٕ۔ واقعات چھکھ یِتھۍ پاٹھۍ پیش کرٕ مۄتھ زَنتہٕ اچھن برونٛہہ کینہ جِسپد انس دٕز تام شمران کرٕ نِکھ گو حاصِل مدعا لدِو وٕنٔن رسولہٕ سند خلخان ژھنکھ برونٛہہ برونٛہہ عابدین شاہ یینہٕ یتہٕ فوجا خولی کافرا اند پھیران نیونکھ اوس کھوژوٕن شُنیہ زانہٕ بیب سکینہ بیوسہٕ بیمہ سیتۍ اُس ڈلتہٕ پاٹھۍ وسی ہیوان

ییلہٕ کوفہٕ شہر کیہ برژاو ذراو آنتھ روٗس خلقا مدتہٕ کین بازن چھُ پکن
ییٚہند جد چھُ محمد مصطفےٰ توسے کوٗر کمہ کیا عاشورکہ دۄہ کربلا میدان
انکہٕ شوال کرٕ ہتھ تراوِکھ مارِتھ ماہرکمہ نۆونہٕ چھکھنہ ہرنی تلان

(میر محمد عباس)

کاشر مرثیہ چھنہٕ محض منظوم تأریخ بلکہ اَتھ منٛز پرژ شاعری ہٕندِ سارِی گۄن موجود۔ جذبات نگأری چھ اَمہ شاعری ہٕند گہنہٕ۔ اَتھ منٛز چھےٚ جایہ جایہ انسأنی جذباتن ہٕنز ترجمأنی سہ

گرِنی حمد تینٛز یتھ بجاے بند مارِ ہس
وۄدُن پرٕ یِتھ شہیدس کو چھ ہیتھ نرد یتہ شاند
قربان نس حضرتس تہٕ تہندِس صبرس
دۄپن ہر شہیدس مرن درز خانہ آباد

پھران لیٛلرٕ بایہٕ تہٕ گوبرن ژھان عباسؑ علی بینین زخمن
یس دوہ نوےٛ تہٕ زٔ ٹھنہٕ ترٛاو یکھ تہٕ

یا

حسینؑ سٕند شہادتُک حال وچھتھ
ٹُرِی بابہٕ رسالتماب سٕندۍ جذبات :-
دۆ پنٕس کور بہ ڈیکہ لوتس دسخط کابہٕ قلمن
نورٕ دیدگاہ میٛ تھوٗکم
اتھ مصحف روبس خونہٕ سوٗرخی پھیٛش کمٕ دیُتھو
ماجہ جناب فاطمہ زہرا سٕندۍ جذبات :-
فاطمہ وۄد زار زار ہیو
جبریلہ سٕندہٕ ژھیتہٕ
میٛنہ کوہ چھہ کار دۆ پنٕس لگیو پارٕی ہیو
کانٛسہ پارٕی زان کرٕہےٛ نو تریشہ دامہٕ اکہ
(جزاء اللّٰہ)
جناب زینبؑ سٕنیٛلہ بایُن تہٕ گیرٕنٕ اکہ اکہ چھیٛ مران وچھان
تہٕ پتہٕ بیٛلہ جناب حسینؑ چھہ مادان سکھران پٔتھ کانٛسہ چھُ بیےٛ
نہٕ بہ چھُ آخری ملاقات تہٕ آمہ ساتہٕ کیٛاہ چھہ جناب زینب سٕندۍ
جذبات سہ بوزم زینب ذوالفقارہ میٛنہ درایہ پانو
ژہ روز حسیٛنہ گومٕ ڈیٛنہ ہینئےٛ بلئےٛ رٕ فدا

اَسہٖ زون بیٚنِتھ روٗدُکھ یٲے جوکُن ہو

بابہٕ کھوٗرمُر ساعتاہ گژھ ڈٕژرِ بو

ہارِن چھون وُچھِتھ ہیکہٕ نو

اَکھ موج چھےٚ پَتہٕ نِس مہرازہٕ پوترس وَدان سہ

گٔیہِم چانہٕ رتہٕ بیتہٕ مےٚ تے پتہٕ وارِچ دِرِ ژھیتے

اَتھ جذبات نگٲری منز چھےٚ اَکھ اہم کتھ یہ زِ کاٗشسہٕ بینیہ

ماجہِ یاکور چھُنہٕ یہ افسوس زِ اَسہٕ کیازِ دِژ یہ قربٲنی بلکہ چھےٚ تِہُنٛد حال

بڑِ کھوتہٕ بڑ قربٲنی دِنی تہٕ اَتھ سارِی سےٚ پیٹھ چھےٚ تَس تَبرُ حنا۔

بیب مہربان چھےٚ پَتہٕ نِس تُرڈاہ وُہرِس مہرازِس ماداں تکھراونہٕ وِز

وَنان سہ

وُچھتو بیب مہربانہٕ کیتھ بو حاتم دوٚ پنَنس پترو پوٚت پھیرِتھ وُچھرنا

تَمہٕ دوٚپ شاہ قاسمس پیرِتھ مرنس نیرِتم

سگے پوٚت ژھایہ

امام حسین مشہم کتھ پیٹھ چھون مرُن ہو

قبوٗل پوٚترہٕ دوہ کھ چھُم یا اِلٰہی (محمد جواد)

یِہمہٕ مرثیہ چھےٚ نیٛنہٕ وَقتک اَتھ۔ یِیلہٕ ژکوٚ پَتہٕ کشیر منز فرقہ وارانہ

افراتفری ٹلنہٕ آیہ تُرہ پاٹھی اوس نار مارتہٕ لوٗٹ سیدان۔ خواجہ حسن

بٹ چھُ اَمیک تذکرہٕ کران سہ

باکہٕ کیتھ پاٹھی دِمو بیٚنتہٕ ہوز اجیکھ امام حسینہٕ ماتم ہمراسی

ہے ہے وَدِ وِنِہٕ جاے

تہٕنٛدی لایہ لَر ودِ چھونی ژآری ژآری گآری گآری مارِنہٕ آسے ہسے ہسے

ہے ہے زآجہٕ تکھ کتاب طاقن جاے

رُوز کھنہٕ چھیپِنس جاے کینہٕ دُکھ لہٕ دہ ژھٕ ژھنی کینہٕ قبرن ثاے

ہے ہے اَسی روزٕ وٕژھاے

زیرِ بحث وقتس دوران وَنہٕ آمٕژن مرثیَن ہُنٛد مطالعہ کرنہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ یِمہٕ چھےٚ پابندوان تہٕ فارسی قالبو علاوٕ تہٕ تحقیقن بائچن منز پیش کرنہٕ آمژٕ۔ یِمہٕ پتہٕ اَمیک مستقل فارم بنیوو تہٕ اَتھی فارمس چھِ اَز کل گاشہ روایتی مرثی وَنان۔ خوجہ حسن میر چھُ اَمہِ قسمہٕ مرثی لیکھنک بانی کار۔ تہٕنٛدی دُسی ووت یہِ فن بابہ پور حبہ کدل کین رئیسن ہُنٛد تہٕ پتہٕ گو مرثی نگارن ہُنٛد زیٹھ زیٹھ کاروان پاگُدِ یِمن منز حکیم عظیم منشی یوسف تہٕ خوجہ باقر ہاوٕ ووستاد تہٕ شامل چھِ۔ اَمہِ قسمہٕ چھےٚ ساسہٕ واد مرثیہ لیکھنہٕ آمژٕ۔ یِمن منز تجہِ بڈی شعر چھِ۔ خوجہ حسن میر چھُ اردا ہمہٕ تہٕ گنوہمہٕ صدی ہُنٛد شہ عظیم گوہ نسمات یِمہٕ مرثیَن اکھ نوو زوو زینہٕ تہٕ لوشن پاسے دیتُن۔ ینم آسی حبکہ بالکل روزان تہٕ شہر اسی لوبر کنہٕ وسان۔ اکہِ دوہ یہ لگو تیم حبہ کدل حکیم عظیم تہٕ گری کنو، یموٚ ہینٛو تس لوبر تہٕ حسینی بیبیلہٕ پلہٕ ہری زٕ ژور وُچھکھ تہٕ پژھھہس یہ کیاہ چھےٚ تمو دوان نکھہ وتصرن تہٕ وُرن۔ حکیم عظیمن بیبلہٕ یہٕ جواب بوزِ تمو

ژیوٚن اٲسۍ شند بحر تہٕ رۄژن وار یاہن دوہن گری تہٕ تس نش تہنٛز مرثیہ بوزتھ لاج حکیم عظیم تہٕ منشی یوسفن تہٕ اٲسۍ آیہ مرثی لیکھنہٕ۔

خواجہ حسن میر چھُ گوڈنیک شخص یٔمۍ ناو سان مرثیہ لیچھ۔ اٲمہ پتہ چھُ سلسلہ برابر از تام جٲری۔ ناوہ بٔدۍ مرثیہ کیتھہ تہٕ اٲسۍ مگر ناو ژٲرتھ چھُ مرثی نگارن خیال پیوان تھاوُن زِ اَتھ فارمس سۭتۍ وابستہ سٲری چیز گژھن مرثی منٛز یِنۍ۔ بیٚیہ گژھہ مرثی منٛز ناوُک خیال اَندہ وند روزُن۔ مشہور تٲریخی واقعہ چھُ زِ خواجہ باقر تہٕ محمود گامی اٲسۍ ہمکال شاعر۔ اَکھ اَکس یار تہٕ بیلہ تمن کانٛسہ نوٚو تخلیق کٔرِتھ یہیہ ہے ییٚم اٲسۍ اَکھ اَکس بوزناوان۔ خواجہ باقرن وٲنۍ مرثیہ "بہار" تہٕ بوزنووُن محمود گامی۔ اَندہ وند بوزتھ وۄنُس محمود گٲمۍ ین زِ مرثیہ چھےٚ اچھل۔ وۄنی گو بہارس منٛز چھُ کیتھہ ڈارن منٛز "نیاے" پوش پھولان، یمیک ژٹے تذکرہ تُہٕ مُتے چھےٚ نہٕ۔ خواجہ باقرن وۄنُنس زِ درُک یہ مصرعہ سے

یُس خُدائے پھولہٕ نوو سُہ یزید ژٹھتھ نیوو

محمود گٲمۍ ین بیلہ یہ بوز تس گےٚ وۄدی وۄدی گچھہ تہٕ ڈیتنکھ داد۔

خواجہ حسن میرن چھےٚ نوہ مرثیہ لیچھ منٛز: (۱) اٲیینہٕ (۲) اسم اللہ (۳) رمل (۴) حق نوا (۵) خوش نوا (۶) غلات ونعمات (۷) سرِ وحدت (۸) جواہر (۹) عابد (۱۰) ہما (۱۱) کمان وغیرہ۔ مرثیہ منٛز چھہ ہیتہ واد شعر۔ خواجہ حسین میرنی چھےٚ کانٛسہ

مرثیہ مقام بٔنٛدی تہٕ چھیرہٕ چھےٚ اُمی شُنٛدٕے ایجاد۔ ژُک دورس منٛز اوس کشیرِ منٛز صوفیانہ موسیقی کٔنؠ شاعرَن ظورٕن گومُت تہٕ بیٚیہ پاٹھؠ صوفیانہٕ موسیقی منٛز آغاز، روائنی، تہٕ سپرد بیٚیترِ آسان پٕچھ بیٚیہ پاٹھؠ چھُ مرثیہ منٛز تہٕ برخواست، گٔت تہٕ نشست آسان صوفیانہٕ موسیقی تہٕ مرثیہ چھِ دوٕنوٕے ظلم وجبرکٕہ پاداوار۔ دوٕنوٕنی ہیٚنٛد پرنُک انداز چھُ اکھ پٔلہ ہیوٗ ــــــــــــ

یہ کتھ چھےٚ انتہائی اہم زکائٕ شِد مرثیہ چھےٚ آڈیو یعنی بوزنُک چیز نہ کہ پرنُک، تکیازِ پرٕییٚتھ مرثی چھُ ہنٛن اکھ الگ وَزن آسان تہٕ یہ ہیٚکیہٕ اَمہ ورائے بیٚیس وزنس منٛز پٔرنہٕ ییتھ۔ یِہم وزن چھِ پانہ آسان شاعرَن مُقرر کٔرمتی ہیٚنٛو۔ پرٕییٚتھ مرثی چھُ کم سے کم پانٛژٕہ چھیر (بند) آسان۔ یِہ تیداد ہیٚکہِ زیادٕہ تہٕ آسِتھ۔ مرزا ابوالقاسم نین مرثین منٛز چھُ یہ تعداد وُہہ پنٛژاہ تہٕ پیٚیٹھی۔ پرٕییٚتھ چھیر چھےٚ کیٚنٛہہ مِصرعہٕ آسان۔ یِمہ ہٕنٛز چھِ گژِھ وضاحت۔

## مرثی ہیٚنٛدی پانٛژٕہ حِصہ

(۱) حمد۔ خداوند کریمہٕ سنٛدی تعریف، گوٚنہہ ہٕنٛز عفو تہٕ خدایہ سنٛد شُکرانہٕ۔ اکھ چھیر

(۲) نعت۔ محمد عربی سنٛدی تعریف تہٕ تِہنٛدِ وسیلہٕ خدایس گوٚنہہ ہٕنٛز مغفرت منگٕن۔ اکھ چھیر۔

(۳) مدح۔ تعریف حضرت علیؑ تہٕ ژوداہ معصومؑ۔ اکھ چھیر۔

(۴) معجزٕہ۔ پیغمبر آخرالزمانؐ سُند کانٛہہ معجزٕہ یا کانٛسہ پیغمبر یا حضرت علیؑ یا امام سنٛز کانٛہہ کرامات یا کُنہہ اسلأمی جنگُک حال احوال۔ چھیرن ہند تعداد حسب ضرورت کم یا زیادٕ سپدان۔

(۵) درد۔ تذکرٕ وفات جناب رسالتمآبؐ، حضرت علیؑ جناب فاطمہؑ یا واقعہٕ کربلا یا بیٛیہ ہیٛوٗہ کانٛہہ واقعہ۔ چھیرن ہُند تعداد حسب ضرورت۔

## مرثی ہنٛدِ وزنیچہ مقام بنٛدی

برخواست ۱۔ اکھ مصرعہ۔
دُنبال۔ مصرعن ہُند تعداد ہیٛکہ اکہ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ آسِتھ۔
برخواست ۲۔ اکھ مصرعہ۔
دُنبال۔ مصرعن ہُند تعداد چھُنہٕ مُقرر۔
گنٛڈ۔ مصرعن ہنٛد تعداد ہیٛکہ وارِیاہ تہٕ آسِتھ۔
کرنٛیہ۔ اکھ یا زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ زٕہ مصرعہ۔
گنٛجنہٕ۔ ہیٛر کہہ گرٕ ہنٛدِ حسابہٕ۔
نشست۔ اکھ مصرعہ۔

نمونہ خاطرٕ چھےٚ میٛے صرف حکیم عظیم سنٛز مرثی" ... جُننہٕ منز کینٛہہ چھیر نیٛمٕتۍ تاکہ یہ ننہٕ زِ شاعر کیتھ پأٹھۍ چھِ اندٕ ونٛد

# نعت

چھپُ شفیع سون چون روشناس خیر البشر رحمتک آبرو
پیٚلہِ دِیہ جلوہ تتھۄنٛد نہِ شفاعت ییہ بروے کار
سیپنہِ چہرہ گُگناہ ثوابس سیتھ آشکار
دیُٹ سجدہٕ آدمس ملکو رٔچھتھ روبرو تتھۄنٛد محراب آبرو
شہ ملیح وجبیہ پروردگار، محبوب پروردگار
نتہِ حُسنِ یوسفس کساد بازار
وچھاو ماہ کنعانن بروپا سجدہ کران ماہ و مہر
پدوے وچھہٕ ہتواب شہ رُخہ کھۄرہ ہاوسیتھ پیٚیہِ ہے
گوڈہٕ خاٹ لقن مہر و ماہ اوٚن رونما
اد مُدعاے لولاکن ہوون جمال
تتھۄنٛدے توجہ گو پیدا رونق دہنس تہٕ آبہنکو
تتھۄنٛدے روزِ ولادتہٕ پیٚیہِ جابجا بُت مُچھی کینی پیٚھ زمینس



بوزتم گوڈ کھ بادشاہ خلیس وصف جمال پیغمبرو
ادس تتھۄنٛد سوی نابدار تہٕ روشن انہار یمنے یوٗلج الیل فی النہار
ییٚلہِ اسی کران دُرِ مرجان لب زن سوختہ ہاران شہ والا گۄہرو
پیچھے بے ادبی تتھۄنٛدین دندان مبارکن دین سوختہ ہاد
تتھی اسی نابدار لبہ تہٕ نفس سوختہ ہاد

اَے اوس افسوس کھیوان بنیوم نہٕ دیدار روٗدُم دِلس یوٗتے آرزو
راتس گژھان اوس نیٛرٕ بے قرار ڈیشن نابخواب پیٛٹھ عارِ ضنو
اَے دوٗپہس چھیہٕ تھہندس شاہ حسینس فرزندا اکبر شاہ
شہ وُچھنہٕ گژھان جناب سُند خیال
آنحضرت سُند لول یَس یوان شہ وُچھان ژھۄتہٕ تس نازنینس
چھُس عمامہٕ آں سرور موکھ نیران تہہندی تسلّی چھےٗ مدینس
اَدٕ شوقہ تہہندے دراو خلیٛک بادشاہ
ڈیٛکو کینژ مدینہٕ کُن اوس لارانے
اَدٕ اوس خوش گران دِلس سۄر گران بہٕ تہٕ وُچھن شہزادہٕ اکبر
وُچھنہٕ چھےٗ کیاہ کران قضاکار
عاشورکہ دوہہٕ کربلاہکہ میدانہ منز ہیوس گژھرد
وُچھن رَتس تہٕ میٛژ منز ڈولان شہید دارا گُنہ ژھرچھ دوان تکیان
کھورد

کینٛہہ ریش سفید کینٛہہ جوان کینٛہہ شیر خوار
آبہٕ پیٛٹھی بہٕ گاٹہ کم گُلعذار

●

ییٛمہ مرثیہ بوزِتھ چھیہٕ سنگ دِلن تہٕ بیٛیہ شوٗنکی پاہ ژھٹان

دریاہ وَسان ہ

وُچھن ہُنس بتہٕ لاگتہ شہید جورا    تیمن دون آمت آکھ تیرو

آکھ چھُکھ دار بیاکھ اَڈٕ کھورا
ژٕ نٕ ہالی پیٚٹھ چھُکھ نالہٕ مؤتت کرٕ ہتھ

کأشُر مرثیہ ہیٚتھ بیٚس سانٛہ تبٕ ہیتس مُتعلق چھُ کیٚنٛژن ہُند یہ خیال زِ
یہ چھےٚ سنسکرت چھند فارمہٕ منٛز دراہمُت۔ کأنٛسہ صاحبُن خیال
چھُ زِ امہ کین مصرعن ہُند ژھوٚچر نیٛچھر چھُ باس دِوان امہ کہ قرآنی
آیتن ہُند خیالہ بارس ست بیٚنکس۔ اَڈٕ چھِ اَتھ آزاد نظمہ ہنٛز
ابتدائی صوٗرت وَنان۔ تہٕ کیٚنٛژن ہُند خیال چھُ زِ اَتھ چھےٚ نہٕ مولہ
کانٛہہ عروضی نظامی۔ یہ چھُ پزر زِ فارسی ہیٚتھ آمژ کتأبی عروضی
سکیم نأوِ سپدِ مرثی منٛز نکہ مگر یتھ چھُ پتہٕ تُہ ساروی ہیوٚ منٛز جملہ
پیٚیہُن وردس نام چھُ سار یِہ برخواست مصرعن اَکھ الگ عروضی
سکیم تہٕ ہیٚتھِ ہاکھو ڈُنبالہٕ مصرعن ہگٹی مصرعن تہٕ نشست مصرعن
وول گو فارسی کہو چہ کأشر مرثی لکھارِ نی گوٚنہٕ انصاف تہٕ کیازِ
یہ چھےٚ واحد شعر ذات یتھ کُنہٕ تہٕ کأشرس چھُنہٕ رِتھ تہٕ ماذہٕ
کأشرِ بوی دِیتھ۔

کأشرِن رِوایتی مرثین ہنٛدِ عظمتُک احساس چھُ کشیر
نیبر تہٕ علامہ اقبال ہیٚو عظیم ادیب تہٕ چھُ اوہ آہمہ عندی منٛز لیکھنہ
آمٕژ مرثی کتاب بوزِتھ " یہ بشر کا کلام نہیں ہوسکتا اس میں روح القدس
کارفرما ہے " وننہ باپتھ مجبور گژھان۔ (وہراکھ ا۔ک۔ کأشر
مرثیہ ہنٛز توارِیخ)

کأشرِ مرثیہ نِگار و چھےٚ مرثین منٛز ینیہ فنکأری ہُند

منز کران ۔ ییلہ کہ لیکھو وار یاہ شاعرو روضۃ الشہداء تہٕ یمو منز حسن ڈار ین زنتہٕ ، حقانی سندی روضۃ الشہداء خاص پاٹھی قابلِ ذکر چھہ ۔ نشاط انصاری چھہ یتہٕ پٹھ اکس مضمونس منز لیکھان : " جن غیر شیعہ شعرا حضرات نے شخصی طور پر شہادتِ حسین پر مرثیہ لکھے ہیں ۔ ان میں محمود گامی ، عبدالاحد ناظم ، وہاب کھار ، مقبول کرالہ واری ، حاجی الیاس چاری ، علی شاہ ہرل ، غلام محمد حنفی سوپوری ، سید موسیٰ اندرابی ، اور سید مصطفیٰ شاہ ہرل خاص طور سے قابلِ ذکر ہیں ۔ حنفی سوپوری نے تو کمال ہی کر دکھایا ہے اس نے مثنوی کے فارم میں واقعہ کربلا کو از ابتداء تا انتہا نہایت چابکدستی کے ساتھ بیان کیا ہے ۔ اور اس کے اس مرثیہ میں لگ بھگ تین ہزار اشعار ہیں ۔" ( یہ تاریخ تاریک ہے )

غرض کاشرین مرثین پیٹھ چھےٚ وار یاہ کام کرنٕچ ضرورت تہٕ یہ مقالہ ہیکہ سارنے کھٹن شاید احتیاط گرتھ ۔

بشر بشیر

# چَک تہٕ مُغل دورَس منٛز

## کشیرِ ہنٛد کیٚنہہ روحٲنی انہار

کشیرِ باسانہٕ یِتھ ریٚتھ وارِ منٛز چھِ مختلف روحٲنی دور
منٛز مختلف روحٲنی انہار پرٛہ پھیٖمٕتۍ۔ کٲشرِ تمدٕنٕچ تہٕ لُکہ ویوٲرٕچ
چھےٚ پَتہٕ وَتھ اَکھ خصوصیت یہ روزمٕژ زِ اَتھ منٛز چھےٚ مختلف
تمدٕنو شٲمِل گٔژھمٕژ۔ چنانچہ مختلف مذہبَن ہٕنٛز قدرٕ متصادِم سپدنہٕ
تہٕ بجاےٚ لگنہٕ بدلہٕ چھےٚ یِمن پرٛیٛتھ دورَس منٛز کانٛہہ خاص تہٕ نٕچ باقیَن
پیٹھ غٲلِب روزمٕژ۔ وجہ چھےٚ یہ زِ شاید زِ روحٲنی تہٕنٛز ہٕنٛز
بُنیٛادی قدرٕ چھےٚ ژِکہ پرٛیٛتھ مذہبَس تہٕ دورَس منٛز
اَکے پَلہٕ رٔلہِ وِنہٕ۔ قدرن ہُنٛد ٹکراو سپدِ، دوٚیو نٕی صورتَن منٛز
اکھ بیٚیہ زٕ یاتہٕ آسہ لوٗکن ہنٛز سوچَن ترٛاے شیٚچھ نتہٕ آسن
قدرٕ اکھ اکِس مخٲلِف۔ آسہِ وۄٛن گۄڈٕ زِ روحٲنی قدرٕ
چھےٚ ژِکہ پرٛیٛتھ مذہبَس منٛز رٔلہِ وِنہٕ تہٕ ریٚشو اَز بیٚیہِ کشیر
کشیرِ ناو چھُہ پیوٚمُت تمہ کنہِ چھےٚ پانے بیٚیٹہِ کٔہ لُکہ کرداریچ
ویژھنے سپدان۔ کشیرِ منٛز زیرِ بحث دورَس منٛز روحٲنی

سیاسی تہٕ سماجی تناظرس منز مطالعہ چھُ دلچسپ تہٕ تہٕ تواریخی اعتبارٕ اہم تہٕ۔ اتھ دورس منز یُس ساروے کھوتہٕ بوڈ روحانی اظہار وینہٕ چھُ یِوان، سُہ گو اسلامی تصوّف۔ یِدوے اتھ دورس منز نۆ زور صوفی سلسلہ لۆر لوٚر کشیرِ منز پھٲنچھلیہ مگر سہروردی سلسلن پرٲو اتھ دورس منز زیادٕ شہرتھ تہٕ تہٕ پھٲپھچار رُنہٕ۔ اتھ چھُ میانِ نزدیک اکھ بوڈ وجہ تمہِ وقتچ حالات تہٕ سہروردی صوفی بزرگن ہُند سیاسی تہٕ سماجی زندگی متعلق نظریہ۔ اتھ سلسلس منز پیٚیہِ اَسہِ ہندوستانس خاص کرِتھ شمالی ہندوستانس سہروردی سلسلس سیٚتھ وابستہ صوفیین ہنٛزِ زندگی تہٕ سیاسی متعلق رۆیس متعلق اکھ سرسری زان کرٕنۍ۔ چنانچہ ہندوستانس منز آیہ سلسلُک بانی کار شیخ بہاؤالدین ذکریا ملتانیؒ بس آسو بادشاہن سیٚتۍ راہ و رسم۔ تِمن اُس سیاسی معاملن منز دلچسپی تہٕ تِمن اوس خانقاہس سیٚتۍ وابستہ خزانہٕ بیٚتھ زِ ملتانک انتظامیہ تہٕ اوس ضرورت وقتہٕ تِمن کُن رجوع کران۔ [5]

تِہندۍ زٲرۍ شیخ رکن الدینؒ اوس محمد بن تغلقس نِشہ اکھ تِہند گامن پیٚٹھ مشتمل جاگیر قبول کورمُت حالانکہ سہروردی صوفیین ہُنٛد رس مالدار آسنس تہٕ دولت سومبراونس

---

۵ سیر العارفین - فوائد الفواد

مُتعلق چھُ کتابن منز زبردست بحث تہٕ تِہندِ وقتہٕ چھُ تِمن اَتھ بُچھ
زبردست تنقید تہٕ کرنہٕ آمُت۔ مگر تِہندی جواب آسی یِتھو ہوی آسان،
خدا چھُ غنی تہٕ لِہٰذا چھُنہٕ غنی آسُن کانٛہہ عٲب، یا دولت چھے
پٔزی پٲٹھۍ سر پھ مگر تس ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ دٲرِ واتناوِتھ یُس
تریاق وَنہٕ آسہٕ۔

یا یِتھی کٔنۍ وۄنۍ اَکہ دوہ یہٕ شیخ بہاوالدین زکریا ملتانی ین
اَکِس نقادس تِہنٛزِ درویشی نہٕ چھُ عاری منٛدٕ ثیٕ تہٕ چھس
گُتھش۔ میانۍ درویشی چھے انتہائی حسین۔ دولت چھے
اَکھ تِمہِنٛد داغ یُس یہٕ اتھہ جمالس نظر لگنہٕ نِش رَچھان
چھے۔ سہروردی سلسلس سیٚتۍ وابستہ صوفین
ہُنٛد حکومتٕ یا دربارس سیٚتۍ رابطہ تھاوُن چھُس حقس
منز چھُ تِم یاتہٕ بیم وجہ وَنان:۔

۱۔ حاکمن سیٚتۍ رابطہ تھاونہٕ کِنۍ ہیکو تِہنٛدِس
نظریس منز بہتری اَنِتھ تِہنٛد ضمیر وزناوِتھ ہیکہ تِہنٛز
شخصیت رتہٕ انسانہٕ نیج بناونہٕ یِتھ۔

۲۔ حاکمن نِشہٕ گژھتھ سیٚتۍ ہیکہ غریبن امداد
سپدِتھ تہٕ تِہنٛدِس دادس واتنہٕ یِتھ۔

نہٕ صرف شیخ رکن الدین ملتانی ہوی منٛدٕ سانٛکھ
سہروردی سلسلکۍ صوفی یِم دولت، علم، روحانیت اَکِس

درویش سیٛند خاطرٕ ضروری چھِ زانُن۔ بلکہٕ امہِ سلسلُک
بانی کار ابوالنجیب سہروردی چھِ وَنان زِ حاکمن خلاف تلوار
تُلنس چھُنہٕ اجازت یُدوے تِم ظالِم آسن یا غیر منصف۔
چنانچہ شیخ شہاب الدین سہروردی تہٕ چھِ اُتھی پالسی پیٹھ
ٹیکتھ مِتۍ۔

امہِ سرسری پوٚت منظرٕ پیٛٹھ چھُ سون بحث بیٚیہِ ہن
دلچسپ بنان۔ اکھ یہِ زِ زیرِ مطالعہ دورس منز کیاز چھُ کشیرِ
منز سہروردی سلسلے زیادٕ کاڈ کڈان۔ دوٚییم یہِ زِ سہروردی
سلسلہ کین صوفین کہاز تیٚیدٕ حکومتن یا دربارس سیٛتؠ
اختلاف۔ یہِ زن امہِ سلسلہ کین بانی کارن ہُند روٚیہ چھُنہٕ
روٗدمُت۔

یہ وَنُن چھُنہٕ ہرگز تہٕ صحیح زِ ترک دُنیا چھُ سلوکُچ وَتہٕ
ہُنز اکھ لازمی جُز۔ بلکہ چھےٚ تیٚژھہ کیٚنژہ مثالہٕ میلان یتھٕ
صوفیاے کرامو زندگی منز عملی جہاد چھُ کوٚرمُت، یوٚت تہٕ زِ ۱۳، ۱۲ہِمہ
صدی عیسوی منز سپُدۍ ترکی منز صوفی بزرگ دفاعی فوج چہِ
تنظیمن سیٛتؠ وابستہ تہٕ سلجوقین نشیہ پادشاہی ہِنزس منز کوٚرکھ
اکھ اہم رول ادا مغربی تہٕ شمالی افریقہ تہٕ مشرقی سوڈانس منز
کوٚر صوفیو یورپہٕ کِس سیاسی استحصالس خلاف جہاد۔
ہندُستانس منز التمش نہٕ تخت نشینی پتہٕ کٔرتہٕ اوسن

سہروردی صوفی شیخ بہاؤالدین زکریا ہن ہُند زبردست اَثر۔
ممکن چھُ تہٕ ہسہ پاسہ پیہ وچھن پٮ۪ہن زٕ مختلف نوعیژ ہنٛدین
حالاتن منٛز چھُ صوفی بزرگن ہنٛد نُقطۂ نظر بدلان روزمُت تہٕ
ہرگاہ یمن اَتھ متعلق کانٛہہ سوال چھُ گوڑمُت تہٕ ہرگاہ یمن جواب
منطقی چھُنہٕ ہیوٚکمُت نیٖرِتھ چھِہ بلیغ اندازس منٛز سوال کرن
کرن والین ہنٛدِ اَس بنٛد کرنہٕ آمٕتۍ۔

کشیر منٛز چھُ سہروردی سلسلہ حضرت سید جمال الدینؒ
بخاری یس نِشہٕ حضرت سلطان العارفین شیخ حمزہ بیعت کرنہٕ پتہٕ
عروج یس واتان۔ یدوے حضرت سلطان العارفین ینٛہٕ وقتہٕ
زبردست عوامی مقبولیت پرٛاوان مگر تمہٕ وقتہٕ کیس حکمران
غازی چکس سیٖٹھاہ سپدِ تمن خیالن ہنٛد ٹکراو، یمہٕ کنہِ تمہٕ شہر
بدر کرنہٕ آے تہٕ غازی چکنہٕ مرنہٕ پتہٕ آے شیخ حمزہؒ واپس
سرینگر شہر۔ اَتھ اوس شاید یہ وجہ زِ ۱۵۵۱ء منٛز مرزا حیدرنہٕ
مرنہٕ پتہٕ یُس غازی چک ہیوٚو شیعہ حکمران یمٮ۪تہٕ کین سُنی
مسلمانن اَرٛیج ہوٚرُن تہٕ تمن پیٹھ سختی کرٕنۍ۔ یمہٕ خاطرٕ شیخ
حمزہ ہیوٚو پارسا تہٕ معتبر صوفی بزرگ تمن مخالف سپدِ۔
یی اوس انسانیہ ہنٛد تقاضہ تہٕ۔ اَتھ کنہِ چھِہ پتہٕ سانۍ سُنی
مورخ زیادٕ پتھن منتشر کھاران آمٕتۍ۔ وُچھوسے تہٕ شیخ حمزہؒ
ہیٚنز پارسا شخصیت چھےٚ زیادٕ پتھن اَتھ تناظرس منٛز پیش

کرنہٕ آمٕژ۔ شیخ حمزہؒ ہِین چھےٚ سہروردی سلسلس منٛز ہِنٛدۍ واد
لۆکن رۄحانیتُک ہیٚتھ ؤنہٕ ہیٚنٛز رہبری کٔرمٕژ تہٕ سہروردی
سلسلس منٛز بیعت کٔرمٕژ یِمن منٛز بابا داوٗد خاکی۔ بابا ہردی ریشی
میر شید رنٛگہٕ ملی۔ شیخ احمد چاگلی، خواجہ اسحاق قاری، خواجہ حسن
قاری۔ بابا رۄپی ریشی۔ بابا علی رینہ۔ شیخ نوروز ریشی۔ خواجہ
شمس الدین پال تہٕ مولانا جعفری وغیرہ خاص پأٹھۍ نٲنٛدرِ ین
خلیفن منٛز گنٛزرنہٕ چھےٚ یوان۔ یِمو منٛز کینٛژو روحانیت، تصوف
تہٕ شیخ حمزہؒ ہِنٛزِ زندگی تہٕ کارنامن متعلق کتابہٕ تہٕ رسالہٕ
لیکھۍ مِتۍ چھےٚ۔ اَمہِ علاوٕ دِژ یِمو وارِیاہن لۆکن سہروردی
سلسلچ تعلیم تہٕ تربیت۔ گویا اَتھ دورس منٛز پٲو کشیر
منٛز تصوفن اَکہِ عوامی تحریکہِ ہِنٛز حیثیت۔ خواجہ مسعود
پانپوری، میر نازک قادری، شیخ داوٗد ملچی، شیخ محمد سعید
وغیرٕ کٔر بابا داوٗد خاکیس رحؒ نِشہِ سہروردی سلسلس منٛز
خلافت حٲصل۔ یِمو حضراتو تہٕ کٔر واریاہن عقیدتمندن
روحٲنی سرپرستی۔ صوفی تحریکہِ سیٚتہِ آیہِ عوامی دِلچسپی ہُند
دراو یِہ نتیجہ زِ صوفی بزرگن میٚلیہ تِژھ عوامی مقبولیت تہٕ
شہرت زِ تِمن سیٚدۍ سیاسی فِتنہٕ ہس پیٚٹھ تہٕ حاوی۔ چنانچہ
چَک دورچ بُنیاد کمزور سپدنس سیٚتۍ سیٚتۍ بییہِ مُلکس
منٛز اندرٗنی مُژکری تہٕ کھٹہِ کھُم لگ تِمہِ ساعتہٕ دِژ کینٛژن صوفی

بزرگن ہیند ہوا کی وفدن ہندستان کس بادشاہ جلال
الدین محمد اکبرس کشیر فوج سوزنچ دعوت - وفدکس منز
اُسی تمہ ساعتکو کینہہ سیاست دان تہٕ معزز شہری بہرام
نایک، فتح خان تہٕ حیدر خان تہٕ شامل - امہ سلسلس
منز اوس اکبر بادشاہ تہٕ امہٕ وفدس درمیان اکھ معاہدہ
سپدمُت یمہ تحت کشیرِ منز اندرونی خود مختاری
پیٹھ مُغل شہنشاہ سنز دخل اندازی سپدہے نہ مگر
وقت گذرنس سیتی سیتی چھٹرو مُغل حکمرانو یہ معاہدہ
گویا کشیرِ منز رُوز سہروردی سلسلہ کیٚن بزرگن
شمالی ہندوستان کیٚن دوّیمین حصن مقابلہ حکومتہٕ ہنٛد
دربارس سیتی مُرٛکری - یتہٕ یتھ کنہ ہیکو اسی منطقی
اعتبار یہ نتیجہ اخذ کٔرتھ زِ کشیرِ منز ہوسہ شکل
سہروردی سلسلچ پھانٛپھلے یہ سع اُس یٲنہ کینہہ حالات
موافق تہٕ امہ لحاظ چھُنہ یہ ونُن تہٕ گوب زِ ہرگاہ سہروردی
صوفیاہن کشیرِ ہنٛدٮ حکومتہٕ سیتی ٹکراو لگہ ہے، تمہ تہٕ

---

(٥) حسن جلد ۳، صفحہ ۱۷۸ و جیز التواریخ غلام نبی خانیاری
فولیو ۴۳ (ب) ہدایت المخلصین - میر حیدر تلہ مُلی - فولیو ۸
(۶) مشکواتی - اسرار الابرار فولیو ۱۵۲ ا ب - واقعات کشیر فولیو ۷ ب -

کرِہَن نتیجہٕ پانٛسٕے عمل یِتھ کٔنۍ بیٚینہِ کیٚن صوٗفیَن کرٕن بیٚیہ چنانچہ اَتھ اَکھ مثال چھےٚ سہروردیہ سِلسِلہ شیخ بہاوٗالدین زکریا قُبا چہ ناوٕ کیس حکمرانَس خلاف سیٚد نہٕ التمشس دِتھ ساتھ۔ سہروردی سِلسِلہ کیٚن صوفیاہن برعکس اُسی چشتی سِلسِلکۍ بُزرگ دربارٕ نِشہِ لوٗب ہیوان مگر نوارِ چھُ گواہ زِ دِلہ ہندۍ حُکمران اُسی گوٚڈے اَمہِ سِلسِلکیٚن بزرگن خاص کٔرِتھ اَمہِ کیس ہِندوٗستانَس منٛز بانی کار شیخ معین الدین سنجری چشتی سٕندۍ زبردست عقیدتمند تہٕ تِہٕندِس درگاہس منٛز حاضری دِوان۔ چنانچہ کشیرِ منٛز اُسی حالات بدل۔ لہٰذا رُود اَکھ سِلسِلس سیٚتھ وابستہ بزرگ تہٕ سہروردی سِلسِلہ کیٚن بُزرگَن زیرِ اثر حکوٗمتٕ خلاف۔

یہِ کتھ تہٕ چھےٚ توجہ طلب زِ یَدوَے کاشُرۍ منٛز تہٕ قلندرن پیٚتہٕ وٕنۍ عزت کران چھِ آمٕتۍ مگر سہروردی سِلسِلہ کیو بزرگو کٔرۍ اَمِکۍ زبردست حوصلہ شکنی۔ چنانچہ ویسے تہٕ چھُ صوفی بُزرگن ہُند یہِ عقیدٕ زِ شرعی بعنیچ پابندی چھےٚ پرٛیتھ مسلمانہٕ سٕندِ خاطرٕ ضروٗری چاہے سُہ صوفی اُسِتن، ولی اُسِتن یا پیغمبر، وٕہی گوٚ بیٚیہ اوس نتیجہ دوٚرس منٛز صوٗفین برٛونٛہہ کنہِ اَکھ عملی جہاد، اَکھ یہ زِ توہم پرستی ختم کرٕنۍ، دوٚیِم زندگی نِشہِ فرارک نشیہ ہیوٚ مراوُن۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھُ خواجہ حسن قاری

سُنٛد شہ واقعہ خاص اہمیتھ ہُنٛد حامل، یتھ منٛز حضرت شیخ حمزہؒ تِہِنٛدِ چرِس نشِہ پھِرنہٕ پتہٕ بیعت چھِ کران۔ اَتھ ضمنس منٛز چھُ یہِ وَنُن تہٕ ضروری زِ روحانی ڈسپلنہٕ علاوہ اوس یِمَن بزرگَن ظاہری طور تہٕ اَکھ ڈسپلن، یتھ تحت یِم زندگی تہٕ وقت گُزران آسہ۔ یہِ تہٕ ہیکہ نہٕ بہٕ شاید اکس نوکتس متعلق زیادہ وضاحت کٔرتھ زِ آیا شیخ حمزہؒ مخدومن کیا زِ کوٚرنہٕ خاندر۔ حالانکہ سہروردی سلسلہ کیو بزرگو چھِ خاندرس ممانعت کٔرمٕژ۔ چنانچہ اَتھ سلسلس منٛز چھِ بابا داوٗد خاکیؒ دستور السالکینس منٛز زیٚر پٲٹھۍ بحث کران۔

ہمچو عیسیٰ زیست بے زن    لیک بے فرزند نیست
ہر مُرید او را پسر    ہر مخلصہ دختر شد است ۱؎

کشیر منٛز یُس دوٚیِم اہم صوفی سلسلہ پھٲلیوو، سُہ گو کبروی سلسلہ۔ چنانچہ اَمہِ سلسلہ کین صوفین تہٕ آسہ اَتھ دورس منٛز دربارس سیٚتھ جان تعلقات تہٕ شاہی خاندانس سیٚتو کٔرکھ رِشتہ قائم۔ کشیر ہندس تواریخس منٛز چھُ سہ تہٕ دور یوان، ییلہ بیہقی ساداتو ییٚتہٕ حکومت کٔر۔ سید مبارک خان بیہقی یِن ژٔھ شتہ ۱۵۷۰ ہس منٛز کشیر ہنٛز حکومت۔

---

۱؎ ۱۶ ہمہ صدی ہندِ کہ شیخ حمید الدین عارفن اوس شہزادہ محمود شاہ (بلبن سُنٛد نیچو ژٔچو) زنانہٕ شیخی ہنٛد اندر کوٚرمت۔

اَمی سِلسِلُک بزرگ شیخ یعقوب صرفیؒ اُسی تہٕ قدس منٛز شامِل یُس زِکٕن ہنٛز مَن ماٲنی خلاف اکبر بادشاہس دربارس منٛز کشیر فوج سوزنہٕ خاطرٕ گو۔ مگر اَتھ سیٖتھی سیٖتھی رُود یہ وارِیاہ صوفی محض روحٲنی تعلیم دِنَس سیٖتی آورِتھ۔ یمَن منٛز شیخ بہاءُالدین گنج بخش، بابا عثمان، سید حسین رومی، خواجہ حبیب اللہ نوشہری، امیر حمزہ کبریری، خواجہ یوسف تہٕ سیّد محمد شامِل چھِ۔ اَتھ کتھ ونہٕ ییٚیہِ ضرور زِ یمَن مختلف سِلسلن ہنٛدین صوفیَن درمیان لوگ نہٕ ییٚتہٕ کانٛہہ مجادلہ۔ بلکہ رُود یہ ہمہ اَکھ اَکِس لرٕ لور اسلام پھٲلاونَس تہٕ روحٲنی فیض پھٲلاونس کِس کٲمس مدد کران۔ اما پوٚز سہروردی سلسلہ، یہ زَن اَسہِ گوڈے وَنن رُود ییٚتہٕ برابر غالب۔

کشیرِ منٛز ریشی سلسلہٕ ییٚمہ ساعتہٕ کُنہٕ وہمہ تصوفکہ تواریخُک سرسری مطالعہ تھاوَن والِس باسِہ گوڈٕ گوڈٕ یہ زِ اَمیہ سلسلہ کیٚن بزرگَن ہنٛد رُوحہٕ آسہ باقی سلسلن ہنٛدین بزرگَن بیوٚن۔ مگر تواریخ چھِ گواہ زِ اَتھ دورَس منٛز رٲشِو طریقس سیٖتی لوٚب خوے تھاوَن والی بابا ہردی ریشی یِن کھیو (وار ییٚتس کالَس حاز کھیتہٕ نِش پرہیز کرنہٕ ییٚتہٕ) شیخ حمزہؒ ہنٛدِس ارشادس پیٹھ حاز نہٕ سہروردی سلسلس منٛز تِہِندِکہ بیعت حاصل۔

نقشبندی سلسلُک لوٚدُوسے وارِیاہ بزرگ کشیرِ منٛز

وُتھِمیٚتۍ چھِ۔ امہ پتہٕ چَک دورس منز چھُنہٕ یہِ سلسلہ بییہٕ زیادٕ پھہلیومُت
سُلطان سکندرنہِ وقتہٕ اوس یہِ سلسلہ سید بلالن کشیرِ منز مُتعارف
کورمُت تہٕ پتہٕ آسکہ سید حُسین منطقی نِس فرزند سید محمد امین
المعروف میرویسی بابا ہَس اَتھہٕ سلسلس منز تربیت کُرمِژ۔ تِہند
یُدوے پننہِ خاندان کین بُزرگن ہُندٕ پاٹھۍ دربارس سیٹھہٕ وابستہ
روٗدۍ نہٕ مگر شاہمیری دورکہِ زوالہٕ پتہٕ سپدۍ سیاسی عنادک
شکار۔ تِہٕ پننہِ خاندانکین ۴ اہمن لُکن سیتۍ آے ۸۸۸ھ/۱۴۸۴
۸۸۹ ہجری منز شہید کرنہٕ۔ میانہِ وننُک مطلب چھُ تمہٕ حقیقژ
کُن اشارٕ کرُن، ییمہ کنہِ کشیرِ منز صوفی بُزرگن پننہِ پوزیشن
مستحکم کرنہِ پتہٕ حکمرانن ہِنز پالیسی ہِنز خلاف سپدۍ۔ مغل
دورس منز آے پتہٕ خواجہ میر سید شریفنۍ فرزند خواجہ خاوند محمود
کابلہٕ پیٹھہٕ تہٕ تِمن پتہٕ تِہند نیچو خواجہ معین الدین نقشبندی
کشیرِ یمو بییہٕ نقشبندی سلسلہ پھہلوو۔ شُراہیم صدی ہندس دورُن
ہیوٚک آسے قادری سلسلکو سید نعمت اللہ شاہ قادری تہٕ سید
اسماعیل شامی کشیرِ۔ اندرابی سادات ہِنز خاندانکو حضرت بابا
قادری تہٕ سید میر میرک پئے یہِ سید نعمت اللہ شاہ قادری صاحبنۍ
خلیفہ۔ امہ سلسلہ کین صوفیین تہٕ روٗدۍ سہروردی سلسلہ کین
بُزرگن سیٹھہٕ جان تعلقات۔ بابا داوُد خاکی یس چھِ سید اسماعیل
شامی نِس مُرشد میر سید محمد قادری نِہند تعریفس منز اکھ نظم

تہٕ اپیچھمت۔ چنانچہ میر نازک قادری یِمن سہروردی سلسلس منز بابا داؤد خاکیَن تربیت اُس دِژمُت۔ تِمن کرٕ پننہٕ سیّد اسماعیل شامیَن قادری سلسلس منز تہٕ بیعت۔ پننہٕ رُوٗدی تہندِس گُذرنس یعنے ۱۰۲۲ ہجری مطابق ۱۶۱۴ء تانٛ لُوکھ تمن نِش روحٲنی فٲیض پرٛاوان۔

کشیر منز ژُک تہٕ مُغل دورس منز مختلف سلسلن ہٕنٛد اَمہِ سرسری مطالعہٕ پتہٕ چھِ کیٛنہہ تِتھۍ خاکہ سأنِس ذہنس منز دوہلان یِم اَمہِ دورٕکین روحٲنی انہارن ہٕنٛز نشاندہی کرنس سیتھۍ سیتھۍ یمن پس پردٕ ماحول تہٕ سماج سدھارنس منز روحانیتٕکۍ ہمدردن علمبردارن ہٕنٛد رول عکاسی چھِ کران۔ مگر اکھ کتھ چھےٚ ضرور یمن بزرگن نِشہ مُشترک زِ دُنیاوی حشمتس پیٹھ چھےٚ یمو ہمیشہ روحٲنی تسکینس تفوُق دِژمٕژ۔

روحٲنی فٲیض پھٲلاونہٕ علاوہ چھےٚ یمو کُلہم انسانی زندگی بہتر بناونہٕ خاطرٕ قُربٲنی دِژمٕژ۔ یہ چھُ پزر زِ مختلف ماحولن منز یِدوے پننہٕ آسایشہٕ خاطرٕ تِمو واریاہ سامانہٕ ہیکِہن کرِتھ مگر کُلہم سماجچہ پایہ جایی تہٕ لُوکن اَکھہٕ روٗٹ کرنس منز صاحبِ اقتدارن خلاف بغاوت کرنس تہٕ چھِنہٕ پتہٕ رُوٗدمتۍ تہٕ یمہٕ کتھہٕ چھُ یہ پاسہٕ تہٕ تہنز شخصیتُک اکھ بأگہ بوٗرُت انہار۔

مُمکِن چھُ میون یہ مضمونٕ ماکرٕ کٲشرہ ہٕنٛدِس دِلس منز

اَکھ منفی تاثُر پأدٕ گژھِ نہٕ بیٚیہِ مقالہٕ اندٕ وأتناوٕنہٕ برونٛہہ بیٚیہ
کیٚنہہ بیٚیِ وضاحت ضروری زانان یُس کشیرِ منٛز بیٚیہ تٕرایہ تصوفکس
تواریخس متعلق کأم سپٕز مژ چھےٚ تہٕ یمہٕ سیٚٹھی یُس تصوُّر اَکھ متعلق
سانِین ذہنن منٛز ووتلیومُت چھُ یِیٚمہ کِنہ محض فرأیبت تہٕ
مرثر سنہ تہٕ اسلأمی تصوُّفُک ناو دِنہٕ چھُ آمُت تمہٕ نسبت
حقیقژ پیٚٹھ مبنی راے پیش ہٮ۪کنا زور دِتھ وَننہٕ۔ تاکہ تصوُّف
بیٚیہ نہٕ فن قرار دِنہٕ بلکہ ییٚمہ زندگی متعلق اَکھ مکمل ضأبطۍ حیات مانُنہٕ۔

علی محمد ڈار

# سوچھ کرال بحیثیتِ اکھ کٲشُر شاعر

سوچھ کرال چھُ کأشرِ زبٲنی ہُنٛد اَکھ ناماور صوفی شاعر یُس پینٛدریکیو اہمیک روزن دول اوس۔ أمی گُذارٕ پننہِ ساریے وٲنس اَتھی گامس منٛز تہٕ أتی سپُد رحمتِ حق۔ اَتھ گامس منٛز چھُ بہِ ہُنٛد ناوٕ اَکھ قبرستان یتھ سوچھ مزار کُنان چھِ تہٕ اَتھی قبرستانس منٛز چھےٚ سوچھ صأبنِ قبر ٹھیکہٕ حالتس منٛز موجود یتھ اَدٕ ہُنٛد مَرن تأریخ ۲ ربیع الاول ۱۲۷۱ھ لیکھتھ چھُ۔ اَتھ کتھِ چھِنہٕ کانٛہہ شک زِ اَمہِ دورٕ کس کأشرِس شاعر سُنٛد زاسنہٕ یا مَرنٕ سنہٕ چھِنہٕ شیقۍ پأٹھی معلوم سپدان۔ بلکہ زِ اَتھ دورس منٛز اوس نہٕ اَتھ کُن کانٛہہ خیال تھاونہٕ یوان۔ تہٕ نہٕ اوس شاعری متعلق کانٛہہ تواریخ دان لیکھان یا یمن کانٛہہ اہمیت دِوان۔ یۄہَے حال چھُ سوچھ کرالس سیتھی تہٕ سپُد مُت۔ وۄنۍ گوو تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ أمِنٛزِ قبرِ اَدٕ ہُنٛد مَرن تأریخ لیکھتھ۔ بیٚمہِ کِنہِ تواریخ لیکھن والین وارٕ پٲٹھۍ آسٲنی سپدان چھےٚ۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ مَرن وِز اُس سوچھ کرالیٚن وٲنس اَکہِ پلہِ شیٹھ وَرِی۔ یَمہِ کِنہِ اَدٕ ہُنٛد

زاسنہٕ ۱۷۷۴ء مانٛزنہٕ ہیٚکو۔ خوٚد ازانان زٕ عبدالاحد آزاد یِہوٚ
حساس نقاد تہٕ محقق کیا زٕ چھپہٕ سوچھ کرٛالنٕ ذکر پننہٕ تواریخ
"کشیری زبان اور شاعری" منٛز کران۔ ییٚلہ زن سوچھ کرٛال اٚنٛدی
علاقک روزن وول اوس۔ دوٚیم یہِ زٕ سوچھ کرٛال اوس نہٕ
کانٛہہ گمنام شاعر بلکہ پرٛاوُ اُمہِ بزرگ تہٕ باکمال شاعرن پننہٕ حیاتی
منٛزے شُہرت۔ سہ اوس پننہٕ روحٲنی کمال تہٕ شاعری دوٚشونٛی
رٕکنہٕ مشہور۔ نتہٕ ییٚلہ کُس ورگو آزادس نہٕ چھپہٕ فکری تران۔
بلکہ چھپہٕ یہِ ونُن مبالغہ زٕ محمود گامی یُس یِہوٚ پایہٕ بڈِ تہٕ مشہور
زمان شاعرن تہٕ کوٚر تمناہ زِ گوٚژھ ہس سوچھ کرٛالس ہیٚش
شُہرت پرٛاوُن۔ یوٚہے خیال ذہنس منٛز تھٲوِتھ چھہ ییٚلہ
پلووم داتان تہٕ سوچھ صاحبنس آنگنس منٛز اُتہٕ ان ییٚلہ سوچھ کرٛال
باتہٕ گنٛڈران اوس۔ محمود گامی بن کرٕ سلام تہٕ جواب وُگنس سوچھ
کرٛالنٕ :

اکھ زٕ تہٕ ییٚلہ یہٕ گنٛڈرٕ مبا    ہیٚبا تہم چھی گمانے
سوچھ کرٛال کران تس مرحبا    یُس آسہ زٕ ییٚہ دیوانے
مرٕ مند چھی ہران تس مرحبا    ہیٚبا تہم چھی گمانے

یہِ بوزتھ گو محمود گامی متاثر تہٕ کوٚر کھہ باہمی ملاقات۔ ییٚلہ کنہِ چھپہٕ
کینٛہہ شُرن لگیہ رٕچھ ابیٚرن منٛز سوچھ کرٛالنین کشفن کراماژن ہنٛد ذکرہٕ
میلان۔ بہرحال ونُن مطلب چھہ یہِ زٕ سوچھ کرٛال اوس پننہٕ

وقتُک مشہور صوفی شاعر۔ یِمو سُنٛد کلام چھُ خلقتہٕ مجلسن منٛز ہُنٛد سپُد سو چھُ کرالس چھِنہٕ فقط بیشی رضیٖ کین صوفی شاعرن منٛز اکھ خاص مقام حاصل بلکہ صوفی شاعری ہنٛدِس توارِیخس منٛز چھُ سو چھُ کرال اکھ منفرد تہٕ با وقار مقام تھاوان۔ سُہ چھُ پننین شعرن تجربن منٛز زاتی لین تہٕ اتھ لین صوفی تجربن، رازن تہٕ ایحساسن اَکِس باکمال شاعرَس سٕندی پأٹھی زیو دِوان تہٕ پننین صوفی کیہ شاعرانہ صلاحیتن ہُنٛد پے دِوان۔ سُہ چھُنہٕ فقط صوفیانہ ترکیبن تہٕ اصطلاحن استعمال کرِتھ شعر لیکھان بلکہ اتھ منٛز جذبہ تہٕ شدت تہٕ ووتہٕ تھاوان ؎

پیارہ چھم نو بیٛنہٕ ریوان یارو اَز ولو سونیے
ہا مارِ کرِ خٕس سے چھُ حارِ موت چھونیے
برتل روزے وُچھنس تھجہ ترائے ڈٕلہ کونیے
گرِ تہٕ نو ہیٛر خٕس بو کیہ سے زو تیہ تونیے

کینٛژن نقادن ہُنٛد ونُن چھُ زِ صوفی شاعری منٛز چھُ سازُنٛ براے سازُنٛ ورتاونہٕ یوان۔ یمہ پأٹھی دوت کلیم پأٹھی کاشُر صوفی شاعری دوارِ۔ امہ پیوز سعہ چھُ کرالس مُتعلق چھُنہٕ وَنُن صحیح نکیا یہ سُہ چھُنہٕ سازُنٛ براے سازُنٛ ورتاوان۔ بلکہ لفظن ترکیبن تہٕ استعارن کلام ہیٚکہ سازُنٛ ووتہٕ تھاوان سینتھ سینتھ نیچہ تھاوان تہٕ حُسن ہُر راوان۔ تمہٕ شعرچ فکری سطح چھےٚ قارِیس خر قدر

پانس سیتۍ ڈٔرامہ والان تہٕ پننس جذبس تہٕ تجربس منز آوراوان۔ تسیٕندۍ لفظ چھِ موسیقی ہِنٛدۍ میٹھۍ سنگم تہٕ سیتی شاعری ہِنٛدۍ رِتی نمونہٕ۔ پرٕن وول چھُ تہِنٛدۍ شعرن تہٕ پُریتھ اکھ متعلق سوچان۔ اکھ مختلف معنے دِوان تہٕ امہ نِشہ حظ حاصل کران ؎

پھُلیا لجُیو درد پاغس منٛز گوڈہ درشُن چونیے
عرشس تہٕ فرشس منز چھُم بسہٕ ووٕنیے
اَچھ منٛز لوسم وُچھان وتے اَشہ گٔے کرے وتھر وینیے
۔۔۔۔۔۔۔۔۔سو چھ کرٛالن وونیے

تہِنٛز نظم "دیپامس تہٕ دوٚہِنم" چھےٚ کاشر صوفی شاعری منز اکھ شاہکار نظم، یوسہٕ مکالمن ہِنٛدِس صورتس منز چھےٚ۔ اتھ نظمہ منز چھِ زٕ کردار ووہ تلان۔ اکھ چھُ سوال کران تہٕ دوٚیم جواب دِوان۔ یہ چھُ دراصل شکوہ نہٕ جواب شکوہ۔ شاعر چھُ خود ایس مختلف سوال پرٛژھان۔ یِم تَہنٛدِس دِلس وِزِ وِز تھَھان چھِ تہٕ خود اسے چھُ یمن سوالن جواب دِوان۔ یہ چھُ اکھ روحانی تجربہ یتھ سوٕ چھُ کرٛال اکس کامیاب شاعرسٕنٛدۍ پاٹھۍ زیو دِوان چھُ ؎

دیپامہ بالہ یارس پارۍ لاگو　　تمہِ دوٚہِنم بوزِوُن چھُس گونہ لاگو
دیپامس بوز ناو تُم چھیٚن بندے　　تمہِ دوٚہِنم بوزِ چھِ شٔنگے شرِ ہندے
دیپامس باو تم منٛز بٔنِنٛ آسُن　　تمہِ دوٚہِنم پان بنن گرٕہہ ٹھیرکاشن

دپیامتس ییژ کاٹژاہ نقطہ گیری    تمہٕ دوٚ ہنم کرٕ ون چھس دستگیری

اتھ چھ نقاد مختلف معنے دِوان۔ کینٛہہ چھس حضرت موسیٰ علیہ السلام سند ادبی تہٕ لن ترانی ہنٛد واقعہ گنٛزران تہٕ کینٛہہ اعلیٰ پیٛرس سٟتہ میٛل گژھنٕک تمنا ناو کران۔ بقول لل اَتھ وَنو "ییٚمبر اَندر اژُن" یا بقولِ شیخ العالمؒ "دین گاش ڈیٛو تمہٕ وُنہٕ کیتھ گٔژھے"۔ سوال وجواب چھ اَکس ڈرامایی اندازس منز وۄتلان۔ ییٚمہ سٟتہ انسان اَکس عجیب و غریب صورت حالس منز چھُ بوڈان۔ ورگہ شاعری چھُ یہ اکھ شعری تجربہ یتھ ہمہ اوست ناو کرو یا وحدت الوجود۔ سو چھ کرال چھُ وحدت الوجودی فلسفک قایل تہٕ تہنٛدِ ترٛیتھ شعر تلہٕ چھُ یوٚہے عقیدہ کاڈ کرُان تہٕ ووٚ لسنس یوان ؎

اَکھ ژ تہٕ بنیہ بوگنٛزرمبا    ہبا یہ چھُے گمانے

•

ہ پانہٕ بہٕ کس گوس    پانے اوس بہ بہانے

•

## وِنود کھوٗل

# اَرنہِ مالہِ ہنز شاعرانہ حیثیت

لل دید تہٕ حبہ خوتوٗنہِ پتہٕ یوسہٕ زنانہ شاعر کأشرِس ادبس باگہِ آیہٕ سو گَیہٕ اَرنہِ مال۔ بقولِ آزاد یہِ قداور شخصیت چھے حبہ خوتونہِ پتہٕ آیہٕ پلہٕ دہٕ تہٕ ہینہِ وُہری کأشرِس ادبس سرتانگی تہٕ نوٚو جوش بخشان۔ وۄنہِ چھُ دیوان زِ اَرنہِ مال اُس پلہٕ سالہٕ روزان۔ آزاد چھُ اوشٕندناو منز بھوانی داس تہٕ لیکھان۔ بھوانی داس اوس ۱۷۸۲ء یس دوران افغان دورُک اکھ بااثر تہٕ اہم سرکاری عہدس پیٹھ کام کران۔ یہ چھُ پانہٕ تہٕ شاعر اوسمُت تہٕ پیٹھ فارسی کلام چھُ وُنہِ تہٕ موجود۔ وۄنہِ چھُ دیوان زِ بھوانی داس منشی یُس چھے کأشرِ پانٹھو تہٕ شاعری کرن ہُنز مگر یہ چھے محض اکھ لکہ روایت۔ اَسہِ تام چھُنہٕ تِمہِ شُند کأشُر کلامہٕ زِ نٕگی کہیِنہ تہٕ وۄنمُت۔ منشی بھوانی داس اوس نیکو تخلص ورتاوان۔ وۄنکُس مطلب چھُ یہٕ زِ اَرنہِ مالہٕ اوس واریاہ گرس منز جان علمی تہٕ ادبی ماحول۔ اماپوز یہِ ماحول پوشِ تہٕ تِمس زیادٕ کانٛسہ

ڈیان دوٚن بأژن ہنٛزِ سوچَن ترایِن منٛز گۄ تضاد پأدٕ تہٕ وارٕ وارٕ بیٚیِس أرِنہٕ مالہ ہنٛزِ زندگی نہٕ سوے وَتھ یِمہٕ سۭہ اَمہٕ برٛونٛہہ سارِنہٕ ادبی تواریخن باقی زنانہٕ شاعرن سیٖتۍ اکہٕ نٔتہٕ بێیہِ رنٛگہٕ بیٚیِس ہِش چھےٚ۔

أرِنہٕ مالہ ہنٛدِ یِہ کیٚنٛژھا کم کاسہٕ کلامہٕ اَسہِ تام ووتمُت چھُ سُہ چھُ تیوٚت کم زِ یِمہٕ مدِ نظر تھٲوِتھ أرِنہٕ مالہ ہنٛزِ شاعرانہ شخصیت ویٚژھناوٕنۍ یوٚدوَے ناممکن چھےٚنہٕ اما پوٚز مُشکل تہٕ چھُ ضرور۔ ییٚلہِ کینہہ وقت چھےٚ یِہ زِ اَمہٕ کلامہٕ منٛز تہٕ چھےٚنہٕ ثِقہٕ زِ یِہ چھا سٲری یأدی أرِنہٕ مالہ ہنٛدۍ کینہہ بێیہِ کأنٛسہٕ شاعر ہنٛد۔ تِکیازِ أرِنہٕ مالہ ہنٛد کلامہٕ چھُ اَسہِ تام سیٖنہٕ بہٕ سیٖنہٕ ووتمُت۔ وقتہٕ چہ پھیرِ ہیٚنۍ سیتۍ چھُ اَتھ وارِیاہ ہیر پھیر تہٕ رَل سپدمُت یا صوٗرت بدلیمٕژ۔ کینہہ لُکھ چھِ تٔمۍ سٕنٛزِ شخصیژ نِشہ تہٕ انکار کران۔ سُہ بحث چھُ الگ۔ البتہ یِہ کینٛژھا کلامہٕ اَسہِ تام أرِنہٕ مالہ ناوٕچ شاعرانہ شخصیژ کُن منسوب أسِتھ ووتمُت چھُ فِلحال کرو اَسۍ تمۍ پیٹھ کتھ۔

عبد الاحد آزاد چھُ أرِنہٕ مالہ ہنٛدِس کلامس پیٹھ تنقید کران لیکھان زِ اَتھ پیٹھ چھُ حبہ خوتونہ ہنٛد رنگ غالب یِہ چھُ پزر زِ أرِنہٕ مالہ ہنٛز شاعری چھےٚنہٕ کأشِر شعر ادبہٕ کِس

تمہٕ زٕمرس منٛز یِوان، یتھ اُسی لولہٕ شاعری وَنان چھہٕ تہٕ یمیُک
موضوع زمینی انسانہٕ سُنٛد لول چھُ ۔ اَمیُک دُسلابہٕ ییمہٕ فنٕ کارن
شانٛ اَدی یہ حالہٕ کورمُت چھُ سُہ چھےٚ داد دِنس لایق ۔ مثلن ؎

مرٕژھ مرٕژھ ہٕنٛد گرٕنٛھ زَن لأرِتھ

زوٚلہ پچھم نے سونٛدرے سونٛدرے

اَزی یہٕ حالہٕ ہیُنٛد کلامہ پرِتھ چھُ لولہٕ نارس منٛز دَزوِنہٕ اَکِس پتہٕ سوکھ
زنانہٕ ہنٛز ژُورا اُسی شخصیت بڑو تھہٕ کرٕن یِوان ۔ اَتھ شخصیژ
چھےٚ اَکہٕ طرفہٕ یاوُن سورُک بادِن قبوٗل نہٕ بیٚیکہٕ پاسہٕ یارہٕ
سِنٛدِ آیہٕ دیدارٕ سِنٛز ہیبہ ژھنٛز ہیٚنٛدِ پأٹھی پھولنُک ہیوٚس
اَتھ منٛز چھےٚ بیقراری ہنٛز تیٚتھ تہٕ تہٕ احساس ہنٛز شدت
تہٕ ۔ اَتھ سِنٛز سِتہ یارٕ سِنٛز جُدأیی منٛز تمِس پیٚژ ارُنٛک صبرٕ
یوٚہے انتظار چھُ مذکورہٕ شاعرٕ سِنٛدِ ارمانن زیو دِوان یتھ
موقن پیٚٹھ چھےٚ سُہ کم کم منٛز کران ؎

گَژھ کُنٛھ نے ہتاوے وتھ اَوِتھ

لگِتھ نادِو ہٕنٛدِ ورسانہ بیٚہہ

پَنٛزر چھُ یہ زِ اکثر جان شاعری ہنٛدِ خاطرٕ چھےٚ مرٕژہ گری ینٛنین
اکابہٕ احساس گُوس پأٹھی بادٕ تہٕ ذرِیہ بنان تہٕ یتھ
پأٹھی چھےٚ سُہ حقیقت تخلیق سپدان ۔ اَزی یہٕ حال تہٕ چھےٚ اَتھ
شعرٕ ولِس منٛز سِپھتہٕ کیٚنٛہ ۔ مرٕژہ گری ہٕنٛدِ ورناو چھےٚ سُہ یہ کران
تہٕ اَمہٕ ژُسی بادٕنہٕ آمرٕ حقیقت چھےٚ تمِس بنٛی حقیقت، یتھن

گَدرُن۔ تِمو سُنْد شہ اَندر ژھُم عالم تہٕ نیٚبرِم دُنیا یاہ تہٕ تِمن دۅشوٕنی
ہُنْد وَتھ بَس تِمو سُندِس کلہِم وجوٗدس منٛز پھہانہِ پھیلوٕمُت چھُ۔
یِتھ معشوق ژھانڈان ژھانڈان چھِنہٕ [illegible] ذات مشریتھ
گژھان مگر اَتھ وۄنہ منٛز چھِنہٕ مکمل خود فراموشی لبنہ یِوان۔ سُہ
چھِنہٕ پتہٕ ہتہ سانہٕ یِتھ دردمند سینہٕ یارس باوہٕ ہ خاطرٕ کینژان
تہٕ بعضے ہرد وَپتہٕ کو پاٹھو یارٕ دادٕ نہ زردان۔ اما پوز نہٕ کرتہٕ تہٕ چھِنہٕ
یارٕ دادٕ اَندری گلان۔

اَتھ وۄنہٕ مالہٕ ہیٚنْدہٕ کلامُچ بیا کھ خصوصیت چھےٚ غالب
موسیقی۔ وَنِنہ چھُ یِوان زِ سُہ اُس فنِ موسیقی ہنٛز ماہر تہٕ۔
شاید چھُ اَوے تِمہ سُند کلامہ صوفیانہ موسیقی ہِنْدِ بِن کیشرُن
مقامن پیٹھ تہٕ گیوہٕ یِوان۔ سُہ چھِنہٕ یِنس کلامس منٛز مختلف
طریقو علاوہ لفظ تکرار سِنٛز تہٕ تُرجیع لےٚ وۄتلاوان۔ یہ لفظ
تکرار چھُ تِمہ سِندِس کلامس منٛز اکثر دریشھٹھ گژھان یِتھلِن
(وۄژُن) زِ وۄلہٕ چھم نو سُہ نَدرے سو نَدرے یا گیس گیس موکرہٕ
ہا یِنْدرو، بیتر ہیوی وژُن۔

اَتھ وۄنہٕ مالہٕ ہنٛز شاعری چھِنہٕ چھرا لولہٕ جذبن ہُند کھلہ ڈلہٕ
اظہارے یوت بلکہ چھےٚ سُہ تِمن جذبن ہنٛز عکاسی شاعرانہ
صنعت گاری سان کران۔ تِمہ سنٛز شاعری منٛز چھہ تِتھو شعرتہٕ
دریشھٹھ گژھان یِیلہٕ سُہ پننہٕ اَندی پکھم چہ زندگی ہنٛد کِہ بدی
صورژن پننِس لولہٕ جذبن ہنٛز باوتھ کاری منٛز ورتاوان چھےٚ۔

مثلن ؎

رٕبہٕ تلہٕ کأرٕ ٹلوٗ ہا سنمبلو    یمبرزَل پیالہٕ ہیہتھ پٕراران چھےٚ

ہی ہمتھ چھسیو ڈبارٕ بہلیو    کنہٕ رٕین فلہٕ لامَلہٕ یو

چونکہ اُرہٕ نہٕ مال اُس اَکھ زنان تہٕ تمہٕ پٔتھ موضوع
ژورمٕت اوس شہ اوس لول۔ تتھہ پیٹھ تمہٕ وقتٕک سماج یُس
زیادے نزڈ اوس، یتھس صورتِ حالس منٛز ہیٚنہٕ وۄنہٕ وۄنتھ
تھاوِتھ لولہٕ جذبن ہُنسی بوے ہیہتھ باوتھ کرنٕی اُس اَکھ جُرعت
مندی تہٕ بے قرار گژھن بلکہٕ بیقرار سپدُن بٕشکٕستہٕ ینہٕ ژھوٚپ
آواز چھےٚ صدائے احتجاجس سیتھ زلہٕ دِنی باسان ؎

آلہٕ بہٕ یان آلوٗن چانِہ    لالو یِتا مو
چانہٕ پُژر ژھنڈیو کوہ تہٕ بالو    درشُن دِتا مو
درشنہٕ چانہٕ بال بو بلہ یو    لالہٕ یِتا مو

یا

ہٕتن ہٕتن چھم لولہٕ چانہٕ بٕرتھ    زولہٕ چھم نو سونٛدے سونٛدرے
تیرِ مژگان دِتی ژٔھتم دأرِتھ    کأم جگرس پارہٕ پارہٕ کٔرِتھ
دادِ لدٕ چھس کوتاہ یکہٕ لأرِتھ    زولہٕ چھم نو سونٛدے سونٛدرے
وَژھ وانٛیج ہاوسے مُشرأوِتھ    یُوہی بٕن زن ہٕریو ہٕریو
مژھ بند گژھےٚ ن لأرِتھ    زولہٕ چھم نو سونٛدے سونٛدرے

بقول آزاد بوٚدوسے اُرہٕ نہٕ مالہٕ ہٕنٛز شاعری حبہٕ خوتونہٕ ہٕنٛدِس
رنگس پیٹھےٚ چھےٚ مگر کیٚنژن کتھن منٛز چھےٚ اُرنی تمِس پٔتھ تہہ
دراہِتھ۔ آزاد چھُنہٕ اَمہٕ خٕصوٗصیژ ہٕنٛز نشاندہی کران۔ اَما پوز
کیٚنژن حدن تام چھُنہٕ یہ کتھ صحیح۔ فاصکر چھُ اُرہٕ نہٕ مالہ

ہیٚنزِ شاعری منٛز خوٗد سپُردگی ہُنٛد، جذبہٕ ٹاکارٕ۔ اَمہِ سٕندی وَژن چھےٚ نسوانی جذبہ چہ اَمہِ ترٛایہِ سیٚٹھاہ زیادٕ درد آموز۔ اَتھ برعکس چھےٚ حبہ خوتوٗنہِ ہیٚنزِ شاعری منٛز یعنے پننہِ شخصیتُک پاس ٹاکارٕ پانٛٹھی لبنہٕ یوان۔ حبہ خوتوٗنہِ چھےٚ پننہِ حُسنُک پوٗرٕ پوٗرٕ احساس ییلہ سۄ وَنان چھےٚ " سمہِ کوٗر چھس ترٛکمالو " یا " یاوٕنہ میانے رکہٕ میٚز پھیلو "۔ غرض تمہِ سٕنزِ شاعری منٛز چھہٕ بعضے عاشقہٕ سٕنزٕ شخصیت وُچھان۔ تمس عاشقہ سٕنزِ ذات تِمیس افتابہٕ وُچھن ٹلہِ ٹارنہٕ یہ گوفتاہ اَدٕ یہٕ مالہِ ہیٚشہٕ رس اَتھ موٗخصرٕ کلامس منٛز تہٕ چھیٚنہ پیٚژھ ہیٚشہٕ مثالہ لَکھ کیٚنہہ :

| | |
|---|---|
| نیمِنز یارِ لوٚبنم ترٛٹِنس نالہِ | نالہِ چہ ژٕ چیٚنم مالووے |
| دۄہہ اکہِ گیوٚ مالِس ہُنٛد سالہ | لجھس کہنہ گنجووے |
| وچھس سیٚمو ترٛٹہِ تے مالہِ | نالہِ چہ ژٕ چیٚنم مالووے |
| دل میوٚن نیوٗتھ اکہِ معہہ والہِ | تِمہ سۄ نہ کوٗریو آلوژ ییٚے |
| ژٕ چھکھو تنہِ تے بہٕ کھوژالہِ | نالہِ چہ ژٕ چیٚنم مالووے |

اَدٕ یہٕ مالہِ ہیٚشہٕ دی پیٚتھ ہیوٚک لوٗتہٕ وَے وَژن چھےٚ خالِص غنائی شاعری ہیٚشہٕ نٕہ ہاونی یاونی لایق نموٗنہٕ۔ یِم زن عشقس محبتس سیٚتھ واٹھ تھوٗن والین کیٚنٛہ شَرٕن غمناک احساسَن جذبَن تہٕ کیفیژن سیٚٹھاہ بے رفوٗک پانٛٹھی تہٕ ہموار تہٕ سیوٗد سادٕ انداز منٛز اظہار چھےٚ کران۔ یِمَن منٛز چھنہٕ ما نٕہ کُنہِ طرحہٕ اَری یا پیچیدگی بلکہ چھیٚہ یِمَن منٛز جذبہٕچ روانی تہٕ بیقرارِی۔ امیک لہجہ چھُ روان مگر سوٗت۔ لفظَن ہنٛدس آہنگس منٛز چھُ پُرسوز موسیقی ہُنٛد میچھرٕ نہٕ تہٕ استعارن تہٕ

تشبیہن ہنٛد ورتاو تہٕ۔

حُسن چھُ اکثر سرمستی تہٕ خوٗشی ہُنٛد آگُر۔ اَمِیُک مشاہدٕ چھُ اکثر روح افزا۔ اَما پوٗز اَزیٚنہٕ کالہٕ ہنٛزِ شاعری منٛز چھِنہٕ حُسنُک مشاہدٕ سرمستی بلکہ راوُن دادِیک احساس ووتلاوان تہٕ یِمہٕ پاٚٹھۍ چھُ اَکھ اَژھِن غم ووتلان مگر اَمیُک انجام چھِنہٕ ژھیٚنہٕ گژھان۔

حُب خوتوٗنہٕ پنٕنۍ دِلدوز تہٕ درد آموز وژنو سِیٚنہٕ۔ اَزیٚنہٕ کالہٕ بیچناوٕ ییٚمہِ رِوایت برونٛہہ۔ یہ چھُ تِمہٕ لولہٕ نشہٕ بدوٗن، یُس اَسہِ اَمہِ برونٛہہ تہٕ اَمہِ پتہٕ مہِ کاشِر صوفی شاعری منٛز وُچھان چھِ۔ اَکھ اَکھ قابلِ توجہ فرق چھُنہٕ زِ صوٗفی شاعری ہُنٛد حُسن چھُ تِمہٕ واتہٕ ماورائی یوس عشق انسانی چھُ۔ اَما پوٗز تِمہٕ چھےٚ انفرادیتس بدلہٕ اجتماعیت لبنہٕ یوان۔ سُہ عشق چھُنہٕ فردِ سُند عشق بلکہ نوردُک عشق۔ ییٚمیُک ہجر تہٕ وصل جزوُک تہٕ کُلُک ہجر تہٕ وصل چھُ۔ لب و لہجہ زَن آسِہس مجازی، مگر کتھ چھےٚ اَتھ منٛز حقیقژ منٛز سیدان۔

اتھ برعکس چھُ حب خوتوٗنہٕ ہُنٛد تہٕ ازیٚنہٕ کالہٕ ہُنٛد عشق بُنیادی طور رسمی تہٕ حُسن بتہٕ اَتھ منٛز چھِنہٕ فکر تہٕ تجربہٕ جذبن ہُنٛد قائل زمان، بلکہ چھُ جذبن ہُنٛد سیٚدِ سیٚود یا وۄنو بقول راہی ناوہٕ سیٚتھ اظہار سپدان۔ اَتہٕ چھِنہٕ صوفیانہٕ خیال یا کشف تہٕ وجدان کیفیژن ہنٛز صورت لبتھ تخلیق سپدان، بلکہ چھُ بذاتِ خود ذہنی کیفیژن تہٕ قلبی وارداتن ہُنٛد کُنہٕ وارٕ تہٕ وُشنہٕ ورائی بیان سپدان۔

ڈاکٹر منظور فاضلی

# حبہ خوتونہ بیپھ اَرنہِ مالہِ تام

## سیاسی سماجی تہٕ تمدنی مطالعہ

حبہ خوتونہ بیپھ اَرنہِ مالہِ تام چھےٚ ساںہِ کشیر ہٕندِ تاریخچ نِہ اہم صدی گُذران۔ حبہ خوتونِن زانہ تہٕ بڑیہ خود مختار تہٕ آزاد کشیرِ منٛز تہٕ اَرنہِ مال پیٚیہ تِمہ وقتہٕ ییلہِ کشیر بیرونی حکمرانن ہٕنٛزِ داے اَس یِنہٕ پٔژ۔ بقولِ آزاد ییٚ تفاوت آسنہ باوجود چھِ یِمن دۆن خاتونن شاعرن ہٕنٛزِ شاعری منٛز ہیوٗے رنگ۔ اَما پوٚز تِمی ہٕنٛدر کہنٛز چھےٚ اَرنہِ مال حبہ خوتونہِ نِش ہنا بڑٕ تہٕ پتھ پژھر۔ یِمن دۆن خوتون شاعرن مقابلہِ کران چھِ آزاد صاحب لیکھان:

" ملکہ حبہ خوتون ہٕنٛدِین جذباتن تہٕ زبانٕ منٛز چھُ جود۔ یہ چھُ اکہ خاص وقتک چیز آسنہ باوجود ہر زمانک چیز بنان۔ پیٚزر چھُ زِ اَمی ہٕنٛز شاعری چھےٚ ہر جایہ ذوقہ تہٕ شوقہ سان گیونہ تہٕ بوزنہ یِوان۔ اَمس پتہٕ آیہ واریاہ غزلگو اَما پوٚز اَمی ہٕنٛد رنگ رود اَمی ہٕنٛد ذاتی رنگ! البتہ مسز بھوانی داس تہٕ مسز رشید چھےٚ اَمس سیٚتھ فطری

مُناسبت۔ یِمَن دوٕنوٕنی ہِندی حالاتِ زندگی چھِ اَکھ
اَکِس سیٖتۍ رَلان۔ یِہندِس کلامس منز چھِ گرمی تہٕ
نرمی موجود۔"

حبہ خوتوٗنہٕ ہُند زادوہ چھُنہٕ مُشخص آمُت کرنہٕ۔ اما پوٗز آزاد
صٲبن چھُ اَمیُک تعیُّن ۱۵۴۱ء تا ۱۵۵۲ء تام کوٚرمُت۔ اَمی ہٕندِس
وفات سپدنس متعلق تہٕ چھُنہٕ تِیقہٕ پاٹھۍ کینہہ آمُت لیکھنہٕ۔ تہٕ آزاد
صاحب چھُ لیکھان زِ تارک الدنیا سپدنہٕ پتہٕ یعنی یوسف ژٕکہٕ تہٕ
مغل بادشاہن اَتھہٕ گرفتار گژھنہٕ پتہٕ موٚ یہٕ سوٚ سنت وَری گژھت۔
اَمی سٕنز ژَک خاندانس سیٖتۍ وابستگی چھےٚ اَمہ کِنہِ اہم نکیاز اَمی ہُند
نِکلح سپُد یوسف شاہ ژکس سیٖتۍ۔ اَمہ خاندٲنۍ کی محرکات کیا آسی
چھُنہٕ میانہِ مضمونکس وسعتس منز شامل۔ اما پوٗز یہِ ووَنُن چھُ ضروری
زِ ژَک خاندان آو تمہِ وِزِ کشیرِ منز بارسس۔ ییٚلہ یکے بعد دیگرے
مغل اٰسی کشیرِ غلام بنٲوِتھان بناوُن۔ ییٚلہ سلطان حسن شاہ ۱۴۸۴ء
منز فوت سپُد۔ کٲشرِ امیرن وزیرن تہٕ تِمن طبقن یِمن موجودہ
انگریزیس منز ایلیٹ چھِ وَنان گٔیہ دوٕن حِصَن منز تقسیم۔ اَکس جماعژ
گو محمد شاہ پسند تہٕ بیٚیس جماعژ فتح شاہ۔ کشمیری سلطنتس
دوران روٗدیہ نیاے اَکہ تہٕ بیٚیہ طریقہ آخرس تام چلان۔ محمد شاہ
کھوٚرُکھ پانژ لٹہٕ تختس تہٕ پانژ لٹہٕ دوٚلکھ۔ فتح شاہ تہٕ کھوت ترٛیہ
ترٛیہ لٹہٕ تختس۔ اَتھ دورس منز ییٚلہ شمس الدین عراقی کشیرِ واتی

تہٕ تبلیغ کوٚرُکھ تہٕ کیٚنہہ شیعہ سُنی طبقاتی یا اعتقادی لڑاے شروع
دِپان اَکھ اعتقادی لڑاے گَیہ خان پورہ۔ یمن اندر بقولِ حسن
کھوہیامی سداہ شتٔ کٲشُر مارنہٕ گیہٕ۔ اَدٕ پتہٕ ییٚلہٕ سلطان فتح
شاہ حکمران آو بناونہٕ شہ ہیُو کنہٕ امن تہٕ قانون قایم تھاوِتھ۔ یمہ کنہٕ
ژَک خاندان آو کشیرِ منز بار سَس۔ اَمہ پتہٕ روٗز ژَکن ہُنٛز حکومت
۱۵۵۵ء پیٹھہٕ ۱۵۸۶ء تام قایم۔

ژَک خاندانن تہٕ اَمہ وقتیچہ کشیرِ منز اوس وراثتن شہ جاگیرداری
نظام رایج یُس یمن کالہٕ پیٹھہٕ چلان اوس۔ یہ نظام اوس للتہ دِتیہ
سینٛدِ وقتہٕ پیٹھہٕ کشیرِ منز چلان۔ للتہ دِتین تہٕ اَسہٕ اَتھ متعلق
پننین اہل کارن وارینگ وُژھ ہنز جاگیرداری گژھ یمہٕ تژھ زمین
خلعتہٕ رٔنگ دِنہٕ بیٚیہ سیٚہ تیمن زوٗ بیواہن علاوہ یادادار دِیہ۔ یہ دوے
یہ کشیرِ ہُنٛد فیوڈل ازم اوس یورپی جاگیرداری نشہ بیون، مگر
اَمیُک خد و خال تہٕ نتیجہٕ اَسہٕ تیتی خطرناک یتھٕ تم یورپی سماجہ
خاطرٕ اَسہٕ۔ اَمہ کین خد و خالن منز اَسہٕ کشیرِ ہِنٛدِس بدہ دورس
منز دمرہ، لون، تانترے، ماگرے، بومہ، کھوکھ، آتشگ بیتر
جاگیرداری طبقہ یمہ ژَک دورس تام اَکہ نتہٕ بیٚیہ شکلہِ موجوٗد اَسہٕ۔
یمن طبقن ہنز نشاندہی اگر اَسہٕ ژَک دورس منز کرو۔ اَسہ چھہ
لبنہٕ یوان زِ رئیس، وزیر، جاگیردار تہٕ خلعت دار اَسہٕ تیتھ
با اثر نفر بنے متی یم بادشاہن تختس کھاران اَسہٕ تہٕ یتہٕ معمولی دشمنی

پیٹھ پتھر اُسکہ والان۔ عوامس اوسنہٕ اَتھ سیتو کانٛہہ واٹھ
روزان تیمن اوس وزِ وزِ صرف استحصال یوان کرنہٕ بٔلکہ استحصال
اوسنہٕ صرف معاشی تہٕ سماجی آسان بلکہ اوس سیاستس منٛز تہٕ
یوان کرنہٕ، تیمن عارٕنگ مشر یوان کرنہٕ۔ یہ حال رودُ سارٕوٕی
ژِک دورس منٛز تہٕ جٲری۔ اَمیُک نتیجہ دراو یہ زِ کشیر بنیوو مُغل
بادشاہن ہُند غلام۔

اَمہٕ طبقٕکی تہٕ جاگیردارانہٕ سِلسلُک اَکھ نوو موڑ گو تِمہٕ وِزِ
شروع، ییٚلہٕ محمد شاہ تخت پیٹھ بیُن آو والنہٕ۔ محمد شاہ گو دِلہٕ تہٕ
ژھونڈُن فوجی مدد۔ اَمہٕ ساعتہٕ اوس ہندوستانس پیٹھ سکندر شاہ
لودھی راج ناج کران۔ محمد شاہس دِیُت ہندوستانکی اَمی بادشاہن
فوجی مدد۔ بقول پروفیسر حاجنی:

"از چھُ اَسہ فِکرِ تران زِ محمد شاہن یوسہٕ
روایت تِمہٕ وقتہٕ قٲیِم کٔر، سۄ روٗز یِتہٕ پتہٕ واٗدن
وُرِہیَن چلان۔ اَسہ منٛز ییٚلہٕ کانٛہہ پادشاہ
یا لیڈر ہارِتھ روٗد، سہ گو کُنی تکیہ دِلہٕ تہٕ اوٗنُن
"عوام بنیراونہٕ خاطرٕ" دِلہٕ پیٹھ فوج"۔

1 تِمہٕ وِزِ دراو یہ کٲشرٕ منٛز تِمے جاگیردار طبقہٕ وٲلی وٲلی تہٕ محمد
شاہ آو واپس اَنِتھ بیَیہ کشیرِ ہٕندِس تختس پیٹھ بیہناونہٕ۔ فتح شاہ

ژٕدٕل نوشہر۔ کاجی ژک بنیوو وزیر اعظم۔ بقول پروفیسر حاجنیٕ کاجی ژک اوس "کشمیر ہٕنٛدِ علمبردار" تہٕ پتہٕ کوٗر تمو پنٕن پان اکھ عظیم کاشُر ثابت۔

ہندوستانس پیٹھ کوٗر امی وز بابرن حملہ تہٕ لودھی خاندان ختم کرِتھ کوٗرن مُغل سلطنت ہندوستانس منٛز قایم۔ بابرس ووت گو شوق زِ سُہ کرِ کشیرِ ہِنٛدِس سلطنتس منٛز شامِل۔ تمہِ سوٗز امہِ غرضہ اکھ بوڈ فوج کوچک بیگ تہٕ شیخ علی تٕہ کی سٕنٛزِ سربراہی منٛز کشیر۔ نوشہر واتِتھ لوٗگ کاشرین تہٕ اَتھ درمیان جنگ۔ کاشرین ووٚن زیون۔ ننکیا زِ تِہنٛد جذبہ اوس اَکِس سامراجس خلاف۔ مُغل فوج چیٚن کلہ ہیرہ بن کھٚسِتھ دٕھیر۔ کاجی ژک آو کشیرِ واپس۔ دٔیہ اوس سُہ کاشرین ہٕنٛد ایکُت کرانہٕ زِ تِمن پیہ ہیٚبہٕ پھاس۔ محمد شاہ وو مکھ بیٚیہ تخت تہٕ پیٹھ تہٕ سلطان ابراہیم بنوو کھ بادشاہ۔ اَمی پادشاہن کرِ ییرہ ہِنٛز ناو تہٕ کاشُر گو بحیثیت مجموعی تمدُنی تہٕ سماجی طور سیٹھا پتھ۔

مُغل پادشاہ آسہ کشیرِ قبضس منٛز اَننہٕ خاطرٕ شانکھان تہٕ تہٕ پٔداران۔ لہٰذا کوٗر کھ کشیرِ پیٹھ بیاکھ حملہ بیٚیلہٕ تِمن نوشہر (راجوری) پیٹھ علی رینہ تہٕ ریگی ژکن دِیم نِمہٕ وَقتکی امیر آسی کشیرِ ہٕنٛدِ دعوت دِیُت۔ مُغل فوج ووت بانہِگل پرگنس منٛز یِیتہٕ کاشرو وُشکُت ہو۔ دولت ژک تہٕ کاجی ژک ژٕلی اَتھ

پھوٕکھ دِوان۔ کٲشِرکٮ۪ن مُغل فوجَن قبضس منز تہٕ محمد شاہ کھوژکھ وقتہٕ ظہور تخت۔ کٲشِرکٮ۪ن ژون حصن منز بٲگرِتھ دِژکھ تِمَن جاگیردارن تہٕ اَمیرن یِمَو مُغلن دعوت اوس دِژمُت۔ اَکہ لٹہٕ گوٚو کٲشُر راے عامہ بیٚیہ مُغلن خلاف تہٕ یِمَن تور جلدی فِکرِ زِ مُغل چھِ ژکہ ہمیشہ خاطرٕ کٲشِر غلام یژھان بناوُن۔ لیہٰذا گیہ اَکِس جنگس تحت بیٚیہ کٲشِرٕ کھرا تہٕ ییٚلہِ مُغل فوج اَتھ واجِن ودت کُل کٲشِر دژایہ تِمَن مزاحمت کرنہٕ خاطرٕ مُغل فوجَس تور فِکرِ زِ حالات چھِ خراب، لیہٰذا کوٚر تِمَو صلح۔ اَکِس معاہدس تحت دژاو مُغل فوج تہٕ کٲشِر گیٚیہ بیٚیہ کٲشرین حوالہٕ۔

یِتہٕ وقتہٕ چھوٚٹ سانہٕ فوجِ بدقسمتی سٲنی باہمی نااتفاقی۔ مُغل اَسۍ ووٚنہٕ دوٚنہٕ دِلہ واتہٕ نے زِ یِمِنہٕ کیو جاگیردارو، امیرو تہٕ وزیرو لوٚگ بیٚیہ دَندِ وَزُن۔ کٲشِرکٮ۪ن بیٚیہ تِمے طبقن تہٕ کِنگ میکرن (King Makers) حوالہٕ۔ اَمہ وِزِ آیہ کٲشِر پاتھٕرِ حصہ کرنہٕ۔ لوکھ گٲیہ وُچھان تہٕ جاگیردار رودی پننس علاقس استحصال کران۔ مُغل کوٚت کال کرِ ہن پننہٕ بے عزتی قبول، چنانچہ کوٚر تِمو کاشغرک اَکھ اَمیر (یُس مُغل پادشاہس اَشناو اوس) کٲشِر پیٹھ حملہٕ کرنہٕ خاطرٕ تیار۔ اَمی سُند ناو اوس سلطان محمد سعید خان۔ اَمی سٕندِس پنہٕ طرفہٕ مرزا حیدر کٲشِر پیٹھ حملہٕ کرنہٕ خاطرٕ اَمی سُند

حملہ رُود کامیاب۔ سُہ ژاو کشیرِ لارٕ کِنۍ۔ واریاہ جنگ آیہٕ کشیرِ
منز لڑنہٕ۔ یہ جنگ رُود تقریباً شین رٕتن کشیرِ منز چلان۔ بڑٕ تباہی
سپٕز۔ ٲکھ ہیوٚکنہٕ وقتس پیٚٹھ فصل وٚدِتھ۔ بیٚیہٕ ہیوٚکُکھ نہٕ وقتس
پیٚٹھ فصل لوٗنِتھ۔ نتیجہ دراو یہٕ زِ سخ دراگ پیو۔ بقولِ حسن
کھویہامی "کینژٕو کھیٚیہ پنٕنۍ بچہٕ تامتھ"۔ محمد شاہ گو سخ پشیمان
تہٕ اَتھی وقتس منز موٚد۔ اَمہ پتہٕ آو شمس الدین پادشاہ بناوَنہٕ مگر
کینژھہ رٕہتھ پتہٕ موٚد سُہ تہٕ پننی قضٲیہ۔ کاجی ژکن بنوو اَمہ وقتہٕ
پنُن زامتُر پادشاہ۔ اَمِس اوس اسماعیل شاہ ناو۔ اَمہ وِز اوس
کاجی ژک بڑٕ پُرمغز تہٕ رسوٗخہٕ وول راجہ پیوان مانٕنہٕ۔ مگر بدقسمتی کِنۍ
کوٚر تمۍ پنُن پان نٔنہٕ وانہٕ اہلِ تشیع فرقس سیتۍ وابستہٕ۔ یمیُک
نتیجہ بیٚیہ طبقاتی جنگ چہ شکلہِ منز برآمد سپد۔ بہرحال اَمۍ پٔنٕنۍ
مخالف کٔرۍ جمع تہٕ کٔرۍ بیٚیہ فساد تُلنس منز کامیاب سپٕدۍ دراو یہ
ابدال ماگرے تہٕ ریچی ژک بیٚیہ دِلہٕ تاکہ مُغل بادشاہس ہیٚکن
فوجی مدد ہیٚتھ۔ اَتھی وقتس منز موٚد اسماعیل شاہ تہٕ اَمۍ سُندۍ
نیٚچو ابراہیم شاہ کھور کاجی ژکن تختس۔ ابدال ماگرے تہٕ ریچی ژک
گٔیہ مرزا حیدرس نیٚیہ کشیرِ پیٚٹھ حملہ کرناوُنس منز کامیاب۔ چنانچہ
بروٚنہہ ژٕلی ابراہیم شاہ تہٕ کاجی ژک نوشہرہ تہٕ مرزا حیدر
گو کشیرِ قبضہ کرنس منز کامیاب۔ نوزک شاہ تھوو کھ

تختس کھٲرتھ تہٕ کشیٖر بٲگرٲو ووٕنۍ مرزا حیدرن پننہِ مرضی
مُطابق۔ پانس اَکھ مرکزی حِصہٕ رٔٹِتھ دِتۍ ابدال ماگرے یَس
تہٕ ریٖچی ژٔکس ہٕنز حِصہ (مرازٕ تہٕ کمراز) بٲگرِتھ۔

کاجی ژٔک اوس نہٕ کشیٖرِ پیٹھ مُغلن ہُنٛد تسلُّط قبول کرنہٕ
خاطرٕ تیار۔ لِہٰذا گوٚو شیر شاہ سوٗری یس مدد ہینہٕ خاطرٕ شیر شاہ
اوس پانہٕ مُغلن خلاف جنگ لڑان۔ اَماپوٚز تو تہٕ دِتۍ پانژٕھ ہتھ
فوجی شیر شاہ سوٗری ین کاجی ژٔکس بطورِ مدد سٟتؠ۔ لِہٰذا
گوٚو کاجی ژٔکن بٔڑیہِ جنگ شروع۔ مگر کامیاب ہیوٚک نہٕ گژھتھ
چنانچہ ژٔھل بٔنِیہ۔ اَمہِ سٟتؠ گو مرزا حیدر کٲشرٕ ین ہٕنٛزِ بے دِل
تہٕ لوکن ظُلم کرُن۔ شیعہ سُنی فساد ژٔلن۔ تاکہ کٲشرٕ ین ہقاوِ شہ
پانہٕ وٲنۍ لڑایہِ منز مصروف تہٕ پانہٕ کرِ حکومت۔ شہ اوس یِژھان
کٲشرٕ ین، کٲشرِ ہنٛز اَکھ بیہودٕ نی ناو کرناونۍ۔ اَماپوٚز ییٚلہِ تمۍ سٕنٛد
ظُلم بڑیو ونۍ گو کٲشرٕ ین ہُنٛد ضمیر بٔڑیہِ بیدار۔ چنانچہ وٲتی بٔڑیہِ
ساری کٲشرِ مرزا حیدرس خلاف۔ تمۍ سٕنٛد محلہ خانہٕ زٕ وٚتکھ تہٕ
چھیکرس آو تمس واہتھورس نِشہِ شکست دِنہٕ، بلکہ گوٚو شہ
اُنی مارنہٕ۔ پتہٕ بٲگٲتی آیہٕ نازک شاہس حکومت مستحکم بناونہٕ
تہٕ عیدی ریٖنہٕ آو اُمہِ سٕنٛد وزیرِ اعظم بناونہٕ۔

یہ پکت تہٕ پوٚش تہٕ کٲشرٕ ین زیادٕ کالس، نکیاز عیدی
ریٖنہٕ ہن تہٕ ہبوٗت تی کرُن یہ پتہٕ کانہہ روایت اٚس۔ عیدی ریٖنہ

گوڑ کُن خلاف تہٕ ہیٚتھن تِمَن سیٖتۍ بدسلوٗکی کرٕنۍ۔ اَمہِ وِزِ اوس
شہزادہ سلیم (جہانگیر) ہندوستانکِس فوجس سربراہ۔ تِمۍ کوٚر نہٕ
برداشت زِ کشیرِ منٛز کیاہ گژھن مُغل بے عزت گژھن۔ چونکہ کشیرِ
منٛز اوس حکومت کرن والین طبقن منٛز بچاس موجوٗد۔ لہٰذا سوٗز
جہانگیرن ہیبت خان نیازی اَکھ بارٕ فوج ہیٚتھ جوٗمی کِنۍ تاکہٕ کشیر
ییٚیہ غلام بناونہٕ۔ ہیبت خانس مقابلہ کرنہٕ دِژاو دولت زکِ چالاکہ
تِمِس اوسنہٕ حکوٗمتس سیٖتۍ کانٛہہ تعلق۔ بادشاہ ہندوستانن سوٗزی
ہیبت خانس سیٖتۍ کینٛہہ کارندہ مدٕس۔ مگر تِمَو کوٚر نہٕ بادشاہ سُندِس
حُکمَس تعمیل۔ بہرحال بیروٗنی فوجس لوٚگ شکست۔ دولت زکِ
آو دولت خان ہیٚتھ تہٕ کوٚرُن نازک شاہ معزول تہٕ اسماعیل شاہ
ثانی کھوٚرُن تختس تہٕ پانہٕ بنیوو تَس سُند وزیر اعظم۔ یہ کتھ چھیٚ کشیری
دورکس آخری حِصس منٛز تاکارٕ یِ گٔژھ لیٚنہٕ یوان زِ وزیر اعظم اوس
تِمَن دوہن زیادٕ طاقت تھاوان وول بہ نسبت بادشاہ۔ بادشاہ
اَسی اکثر لورٕ دستار آسان۔

دولت خانن تہٕ کوٚر بحیثیت وزیر اعظم تی یِہ اَمہِ برونٹھٕم
وزیر آسی کران۔ پادشاہن کرناوی شیعہ سُنی فسادات شروع تہٕ وزیر اعظم

---

لہ مرزا حیدرس پتہٕ چھُ اکبر بادشاہ کشیرِ ہیٚتھ قبضہ کران۔ تمُو سُند
ذکر چھُ مقالہ نگارن بُتھہ کوٚرمُت۔
(ادارہ)

دولت خانس گییہ پنٕنۍ خاندانکۍ لُکھ تمام ناراض۔ نتیجہ ڈراو یِہ زِ
غازی ژک تہٕ کاجی ژک گییہ دولت خانس زِنٛدٕ سیٚے اَچھ کڈٕ ناوٕنس
منٛز کامیاب۔ اسماعیل شاہ ووتھ تختہ بیٚہتھ تہٕ حبیب شاہ کھوٚتھ
تختس۔ اَمِس پتہٕ کیٚہہ کال گژھتھ آو غازی ژک تختس کھارنہٕ تہٕ
اَمی سیٚتۍ گو ژک خاندانُک راج شروع تہٕ شہمیری خاندانُک
راج گو ختم۔

اَما پوٚز شہمیری خاندانٕچ روایت روٗز بدستور قایم۔ ژک
خاندان ییٚنہٕ باوجود ہیٚوکہ نہٕ کاشرٕ ہِن منٛز یکمُت تہٕ ہمخیالی قایم سپدِتھ۔
یہٕ چھُ پوٚز زِ ژک رودۍ شہمیری خاندانٕکیو آخری بادشاہو کھوٚتہٕ تہٕ
سیٹھا زیادٕ محب وطن تہٕ کشیر ہیٚنکۍ قایل۔ ژک خاندان گژھاونہٕ
خاطرٕ ڈراو حیلہٕ شمس رینہ دِلہ کنۍ۔ اورٕ آو ابوالمعالی مغل
فوج ہیٚتھ۔ ہانٛزوری سپُد جنگ۔ واریاہ مودۍ تہٕ واریاہ گییہ گرفتار۔
مگر مغلن لوٚگ بیاکھ شکست۔ شہ یکمُت نہٕ پوشنہٕ کاشرین۔
حاکمو کوٚر ییٚتہٕ بیٚیہ ظلم شروع۔ کاشرین گو تاریخُک سبق بیٚیہ
مشتھ۔ نااتفاقی وٲژ بیٚیہ عروجس۔ اقتدارُک نشہ کھوٚت بیٚیہ
سارنی اَمیرن۔ حضرت شیخ حمزہ مخدوم رحمتہ اللہ علیہ کرٕکھ جلاوطن۔
بُزرگن تہٕ عزیزن آیہ شہمتھ۔ لُکھ گیہ تنگ تہٕ خانہ جنگی گیہ
رٲئج۔ مخالف گییہ بیٚیہ جمع۔ حاجی بانڈے یوسف ژک تہٕ ناجی
ژک بیترٕ واتۍ بیٚیہ مغل دربارس منٛز۔ قرا بہادرٕس مرزا حیدرس

بابہ چھِر اوس، دراو دِلہ پیٹھ اَنِتھ فوج ہیوتُن کاشرَن بدلہٕ ہینہٕ خاطرٕ۔ یِمتھے کاشرو بوز زِ مُغل فوج آو تہٕ تِم گَیہ بیٚیہ متحد تہٕ غازی ژکس اَندی اَندی گیہ جمع۔ مُغلن لوٚگ بیٚیہ شکست۔ غازی خانس گوٚ اَچھ گاش تہٕ تَس پتہٕ جایہ آو حسین ژک بادشاہ بناونہٕ۔

حسین شاہ ژک ہیٚنڈِس راجس منز کوٚر اکبر بادشاہن بقول پروفیسر محی الدینی اکھ نوٚو سامراجی حربہٕ استعمال تاکہ کشیر پیٹھ غلام بناونہٕ۔ تمی سوز کشیرِ اکھ جاسوس۔ اَمِس اوس ناو مرزا مُقیم۔ تَمہ آو کشیرِ واتِتھ مفتی اعظم بناونہٕ۔ مولوی الماس تہٕ مُلّا فیروز کرناوِکھ تمی قتل۔ اکھ سُنی وفد گوٚ اکبر بادشاہس اَمِس مُفتیس خلاف۔ اکبر بادشاہن بُلوو یہ مُفتی دِلہ واپس۔ تَتہٕ کرنووُن یہ شخص تہٕ قتل۔ کشیرِ منز اَٮ۪س اتھ دوران بیٚیہ رسہ کشی شروٗع گامژ۔ اَتھی وقتس منز کوٚر اکبر بادشاہن اکھ سفیر سوزتھ سلطان علی شاہنہ باوز شہزادہ سلیمس سیتی نِکاح۔ اَمہ رِشتہ سیتی گیہ مُغل بادشاہس کشیرِ منز موکل دٕژراونس منز سہولیت۔ اَتھ دوران سپد دٕژو سہ منز کھوٚت یوسف شاہ ژک گوڈنیچ لٹہٕ ۱۵۷۹ء یس منز تختس۔ یوسف شاہ ژک چھُ اکھ متضاد تاریخی شخصیت۔ کینہہ مورخ چھِ تمِس اکھ ناکارہ تہٕ ناقابل بادشاہ تصور کرِتھ تمِس "عیشِ یوسف شاہی" سیتی وابستہ کران تہٕ کینہہ مورخ چھِ اَتھ عاشقس منز ملکہ حبہ خوتونہ تہٕ شامل کران تہٕ تمِس تہٕ کاشرِن لوٚکن خلاف مانان۔ چنانچہ چھُس

حسن کھوسیاہ موتہٕ خلاف لیو کھمُت۔ اما پٔتہٕ کینٛہہ مُحقِقو چھیمن دوٚیو نیوٚن باوژن کأشرِ ین ہیٚنٛدِ نشہٕ تصحیح اکھ علامت زانان۔ پٔتہٕ چھہ یہِ زِ یام یوسف شاہ بادشاہ بنیوو تام دٕپیٚتھ نہٕ تٔمۍ لوکن ہٕنز بٲپتھ جأیی کٔرٕ توجہ۔ یَمیُک نتیجہ یہِ دراو زِ اَمِس بیٚیہِ گوو ڈٔنیچھ لَگٕ صرف ژٕدواہن رِیتو حکومت ژٕراوٕنۍ۔

یوٗسف شاہ ژکن سُنٛدِس نیبرِ نیرنس پیٹھ آو سید مبارک خان بیہقی الیٛٹ طبقہ چہ مُتفِقہ رایہِ سیٖتۍ بادشاہ بناونہٕ۔ اَما پٔزٕ اکھ مُتفِقہ رایہ تہٕ دراوٕ نہٕ شیٚیہِ رٔتہٕ علاوٕ۔ چنانچہ گوو انتشار بیٚیہ شروع۔ بیہقی آو معزول کرنہٕ تہٕ تٔمۍ سٕنٛز جایہِ آو لوہر خان بادشاہ بناونہٕ۔ اکھ وۄہ سۄہ دروس منز دِیُتھ اکبر بادشاہن راجہ مان سنگھس تہٕ مرزا یوسفس کشیرِ پیٹھ حملہ کرنُک حُکم۔ یوٗسف شاہ ژک اوس نہٕ پٔژھان زِ اکبر بادشاہ گوو ژٕہ کشیرِ پیٹھ پننۍ حکومت قایم کرنس کرتھ۔ ژٕ اوس دِلہِ منز رٔٹ زِ نہتھ اکبر بادشاہ سٕنٛدِس سامراجی ذہنیتس واقف گومُت۔ بہر حال ییلہِ مُغلن پیٹھ یوٗسف ژکن حملہ کوٚر۔ ابدال بٹ تہٕ لوہر خان دراے اَمِس مقابلس۔ یہِ مقابلہ لوٚگ ہیرہ پور (شوپیٖن) یوٗسف شاہن ترٛوو کینٛہہ فوج اَتی تہٕ پانہٕ دراو باقی ماندہ فوج ہیٚتھ ورمُل کُن حملہ کرنہٕ۔ اَتھ حملس منز گو یوٗسف شاہ کشیرِ پیٹھ قبضہ کرنس منز کامیاب۔ تٔمۍ بیٛتہٕ شین ورین کٔرٕن حکومت۔ یوسف شاہ

اوس کأنٛنۍ۔ تِمِس اوس کٔشیٖرِ ہُنٛد ژٕکھ۔ تِمو کٔر کوٗشِش زِ کٲشرِ
گوٚڑھ یکٕٹ قٲیِم گژھِن۔ مگر شہ کٔنٛہہ ہ ساٛنٛزِ شہ گٔیہ بٲیہ شروع
اَڈۍ رٔڈدی مُغلن ہیٚس یوان تہٕ اَڈۍ گوو کٔشیٖرِ منٛز [illegible] فساد شروع۔
اُتھی وقتس منٛز بیوٚز اکبر بادشاہن اَکھ خط یوسف شاہس۔ اَمہ خطہٕ کی
منٛز اوس یہ زِ کٔشیٖر چھےٚ دۄہے اکبر بادشاہس پننۍ باسان۔ لِہٰذا
گژھِ کٔشیٖرِ ہُنٛد بادشاہ تحایِف ہیٚتھ دِلی دٲرِ اتھ۔ تہٕ ما بدولتہٕ ہندِس
دربارس منٛز گژھہ نمُن۔ یوسف شاہن تُر یہ چال فِکرِ۔ تِمۍ سوٗز پنُن
نیچُو یعقوب شاہ تحایِف ہیٚتھ دِلی۔ یہ چال قبول گژھہ کرُ اکبر
بادشاہن بیاکھ چال۔ تِمۍ کٔرۍ یہ کوٗشش زِ یعقوب خان گوٚڑھ
پھٔشِن مالِس خلاف۔ اَما پوٚز شہ آو دِلہ ژٕلِتھ تہٕ کوٚرُن مالِس نِشِن
اکبر بادشاہ سٕندِن بدکوٗ ڈارِن ہُنٛد انکشاف۔ پتہ ییٚلہ مُغل فوجن
بھگوان داس سِنٛز سرکردگی منٛز شکست لوٚگ، تِموٚ کٔر صُلح کرنٕچ کوشش
اکبر بادشاہن اوس بروٗنٛہہ کنہِ یوسف شاہ سٕند وزیرِ اعظم [illegible] دۄشمن۔
ییٚلہ بھگوان داسن صُلح خاطرٕ اَتھ بڑوو تہٕ یوسف شاہس
دِژِن دِلی یِنُک دعوت۔ تِمِس ووٚت پنُن وزیرِ اعظمن دِلی گژھُن کیچ
مشورٕ۔ یِمہ کِس نتیجس منٛز یوسف شاہ اَکھ مُغل قیدی بنیوو۔
کٲشرِن ییٚلہ یہ افواہ کنن گیہِ کہ یوسف شاہ زٕک آو گرفتار
کرنہٕ، تِمن آو دِلاسہ دارٕ کرنہٕ۔ وَنہٕ آکھ زِ شہ چھہ صحیح سلامت۔
نتیجہ ڈراو زِ جنگ گو مکمل پاٹھۍ ختم۔ یوسف شاہ آو دِلہ واتہٕ ناونہٕ تہٕ

چھیکرس آو لاہورکس اکس جیلس منز بند کرنہ۔ دوہ ہتھ ورکہ پتہ
آو سہ بنگالی فوجس منز پنچ ہزاری کمان دار بناونہ۔ ییٚمہ پتہ سہ
گاشر حکمران کسمپرسی ہندِس عالمس منز بہارس اندر فوت گو۔

(کلچرل اکیڈیمی ہیوٚت یوسف ژکنہ قبر ہندِ پے پتہ کینہہ وری
برونٹھ تہ اکس گامس یتھ بسووک ناو چھُ تہ یُس ضلع پٹنس
سیتو (بہارس منز) واقع چھُ۔ تمی بنوو کہ یوسف شاہ ژکس
اکھ شاندار مقبرہ)۔ امہ پتہ تہ رود مغلن کینہہ کال کشیرِ پیٹھ
سِٹھا سیٹھ حکومت کرنک ارمان۔ یوسف شاہ ژکس پتہ تہ کر
جزوی طور یعقوب خانن کشیرِ پیٹھ حکومت۔ مگر تمو سندی وزیر
تہ دراے نااہل۔ اکی ہیوٚت شُنّی مسلمانن پیٹھ ظلم کرُن تہ چیف
قاضی آو قتل کرنہ۔ حالات گیہ پتہ خراب زِ شیخ یعقوب صرفی
تہ بابا داؤد خاکی ییٚن تام لیوکھ اکبر بادشاہس زِ سہ کرِن مداخلت۔
تمہ پتہ ژاو قاسم خان مغل فوج ہیتھ کشیرِ منز۔ تہ یعقوب شاہ
تہ ژوٚل دیہی گگرہ سندی پاٹھی تہ ییتھ کُنہ ہنے یہ کشیر آخر کار
مغلن ہندِس غلام ریاست۔

ژک دور گوو ختم تہ حبہ خوتونہ ہند واپہ توٚن تہ گو ختم امہ
دورِ پتہ کیاہ گدریو حبہ خوتونہ پیٹھ تتھ متعلق چھُ سیٹھاہ کم
معلوم سپدان۔ صرف چھُ تمو سندی رتھ وید اکھ اسہ تام واتی متو

یِم تِمہ یوٗسف شاہ سٕنٛدِس فراقس منٛز دِتی ہیتو چھہ۔

یوٗسف شاہ ژٔک چھُ صرف سَتن وٕرِہین تہٕ دوٚن رٮ۪تن حکومت کران تہٕ گنٛنہ تہٕ پیمانہٕ سیٹھاہ ہیکن نہ یِم ورِی تِمی پیٚشر تھہٕ عُمر باوتھ کٔرِتھ یوسہٕ تِمو کشیرِ ہٕنٛزِ خود مختاری تہٕ آزادی خأطرٕ داوس لاج۔ لہٰذا ہیٚ اَسی اَمس عیش پرستی ہٕنٛز پام دِمو تہٕ کیازِ ژک دور رُود سیاسی طور کشیرِ ہٕنٛد اکھ نحسں دور۔ تِمن تیٚشرِین[۳۳] وَرِہین منٛز رُودِ نہٕ خود مختاری تہٕ آزادی برقرار تھاونہٕ ورأے ژکن کانٛہہ منزِل پیش نظر۔ لہٰذا چھنہٕ اَسہٕ اَکھ دورس منٛز کانٛہہ خاص تمدنی تہٕ سماجی تبدیلی یا ترقی دٕرِ ہشتھو یوان۔ یہ چھُ صحی زِ اَتھ دورس منٛز تہٕ وُچھو عالم تہٕ فاضل، یِمن منٛز شیخ یعقوب صرفیؒ تہٕ باباداوٗد خاکیؒ قابلِ ذکر چھہ۔

مغل دور گوٚو ۱۵۸۶ء منٛز شروع تہٕ اَمیک اختتام گوٚو سنہٕ ۱۷۵۲ عیسوی ہس منٛز۔ اَتھ دورس چھُ کاشُر اکھ غلامی ہٕنٛد دور تصور کران۔ غلامی ہٕنٛد دور آسنہٕ باوجود گوو کشیرِ اَتھ وقتس منٛز سیاسی استحکام حاصل۔ اَمہ علاوہ گوو کشیرِ ہٕنٛدِس تمدنی ورثس تہٕ سماجی خدوخالس سیٹھاہ ہیر۔ مغل بادشاہ رُودی کشیرِ یوان تہٕ گژھان۔ یِہندِ ینہٕ گژھنہٕ سیتی گوو کشیرِ ہٕنٛدِس تجارتس تہٕ کاروبارس نہ صرف ہیر بلکہ گیہٕ اَمہ سیتی کشیرِ

ہیند حسنکہ تہٕ پرٛیچھ طرفس چھٕ عیب۔ رۄد تہٕ کانہٕ آیہ کڈنہٕ۔ امیک
ٹھیکہٕ تہٕ آو اکس کاشرس دنہٕ۔ جہانگیرن ہیوٚت یمن رۄدیہ کانن
پانہٕ ہاٹہٕ بینہٕ۔ سیاحتس لۄگ تمہٕ وقتس منٛز چلے جاو۔ مغل اسی
گورنرن ہند ذریعہ حکومت چلاوان۔ تمہندیو ترٛاہٹھو گورنرو منٛز
ییموٚ شیٚیو گورنرو کاشرین پیٹھ ظُلم کٔرۍ، تیم آیہ فیل فورٚہٹاونہٕ۔
ایڈمنسٹریشنس منٛز آو ہیشر فائجم کرنہٕ۔ فوج اوس خاص حسابن
تعینات آسنہٕ کرنہٕ یوان۔ سِکہٕ اوس اکوے چلان تہٕ فارسی زبان آیہ
سرکٲری زبان بناونہٕ۔ گورنر اَسی وزیر وزن تبدیل یوان کرنہٕ۔ تعمیری
تہٕ باقی ترقی لۄگ خصوصی وۄتھ ہیوٚ۔ مُلا شاہ سنٛز مسجد تہٕ حمام
بناوۍ دارا شکوہن۔ دارا محل آو ہارہ پربتس پیٹھ بناونہٕ۔ ویرناگس
نیشہ آیہ جہانگیرنہٕ وتنہٕ موجب اکھ بارہ دری موسیم بہارہٕ خاطرٕ
بناونہٕ تہٕ بیاکھ اچھہ بلس نزدیک تعمیر کرنہٕ۔ باغات آیہ بناونہٕ یمن
منٛز شالیمار، نشاط، آصف خان سُند باغ، نسیم باغ تہٕ بیتر
شامل چھہٕ۔ چشمہ آیہ تعمیر کرنہٕ، یمن منٛز چشمہٕ شاہی مشہور چھُ۔
موسیقی آو سیٹھاہ وۄتھ ہیوٚ دِنہٕ۔ امہ منٛز چھُ حبہ خاتونہٕ ہُند
تہٕ شہمیری خاندانُک تہٕ الگ الگ دیٚنت۔ مصوری بیتر ہیوٚن
فنن تہٕ لۄگ چلہ جاو۔ مغل بادشاہو دیُت شالباف تہٕ سیٹھا
وۄتھ ہیوٚ۔ پاپیہ ماشی، گبہ، قالین، لعل و جواہر، چھاپہٕ کامہ، رۄتہٕ

کامہِ تہٕ فنکارن خواشن کٔرن تہٕ دِتکھ تٔمۍ خاص توجہ۔ بہرحال صنعژن
لۄگ سیٹھاہ فروغ۔ سرٛٹ کہ، مرگہ بیتر صنعت اَفواسقام آیہِ سیٹھاہ
جان پأٹھی سِجاوِنہٕ سیاحن ہِنٛدِ خاطرٕ قابلِ دلچسپی بناونہٕ۔ گویا
اَتھ دورَس منٛز کٲشُر پوشاکہ چی تہٕ تمدنی لحاظ سیٹھاہ ترقی

اَتھ پتہٕ حال آیہِ عہد خاتمہٕ ییتہٕ تقریبن دۄہ ہتہٕ وُہرہ
پیٚیلہ افغان گورنرو کٲشیر لوٗٹ اوس گۄڈٕ متت۔ افغان حکمرانو
یا گورنرو کیاہ تمہ دلی تہٕ سہٕ اَجی شہر پیٚر یا تبدیلی کرٕ سۄ گیہ کٲشرن
تِہنٛدٕ ظُلم وُچھتھ شیتہ۔ اگر تِہنٛدٕ کینہہ یاد روٗدٕ کھ، شہ
روٗدٕ کھ صرف ظُلم۔ افغان گورنرن ہِنٛدِ اُسِ یہ بدقسمتی زِ کابلس
منٛز یِمن اقتدارٕ کہ جنگ چلان اوس، شہ اوٚن تمو کٲشیر نیتہٕ
چھیچہ یہ ممکن زِ کٲشیر دار روزِہے کابلس ماتحت وار یا ہمس کالس
کابلس منٛز بعیہ لڑائے قیصرس تہٕ کامرانس تخت خاطرٕ چلان
اُس، سۄ واٹھ کٲشیر تِہُنٛد پٲٹھی گورنرن گو فتور پادٕ، تمو گۄڈٕ
پننِ پان خود مختار تصور۔ ننہٕ بجہٕ دوہ تکیہ یہ افغان لوکو تہٕ
تِہنٛدۍ گورنرو کٲشرین تمالس تہٕ بیٚین صنعژن دتیٚت شہ میکھ نہ
سہل سہل پٲٹھی منشراونہ۔ آمایپوز اَتھ دورَس منٛز پیٚیلہ اُرِ ینہٕ مال
نقشہ بیٚیلہ، پر تھبیہ تہٕ موتہٕ تمہ وُچھ صرف اَکہ گوٚٹ۔ بیٚیمہ کینٛہہ
عتبہ خوتونہٕ تہٕ صرف سیاسی اَکہ گۄڈٕ تتہٕ حکمت اوس۔ بوٚد وٕ ...

حبہ خوتونہٕ کٔنہ کٔنہ ساعتہٕ کاش تہٕ وُچھو، مگر اٗرِنہٕ مالہ اوس ازلس
صرف سیاسی، سماجی تہٕ تمدنی اَنہٕ گوٚٹ لیکھنہٕ آمُت۔ نتیجہ دراو
یہ زِ اٗرِنہٕ مالہ تہٕ حبہ خاتونہٕ کرٕ سوٗ شاعری "یتھہٕ ہیوٗے رنگ اوس"
دِپان ییٚلہ اٗرِنس تخلیقی کارس زیادٕہ اَنہٕ گٔٹہٕ اَڈرِ بٔچھ آسہ، تیٚلہ آسہ
تمِہٕ سٕنز تخلیق زیادے جذباتی تہٕ آفاقی۔ تورٕے چھےٚ اٗرِنہٕ مال
بقولِ عبدالاحد آزاد حبہ خوتونہٕ برٕ ونہہ کامِرٕ۔ یمن دۄن خاتونن
ہٕنزٕ شاعری چھےٚ کاشرِ ہنٛدِ غیر شعوری تضادٕچ عکاس۔

پروفیسر مرغوب بانہالی

# اُری نہٕ مالہ ہیچھ محمود گامیُن نام

(کیٛشرِٕ سماجی اَندرٕ ہٹن تہٕ سیاسی عواملن ہنٛز نشاندہی)

ہنٛدین کیٛشرِٕ پیٚشہ ور شاعرن منٛز ہیٚشر ژھانڈنہٕ ڈٕنٛگو چھےٚ یہ کتھ دلچسپ زِ ییٚتھے پاٹھو لل دیدِ ہنٛز روحانیت پسند یا درہ ییٚہ دیدِ (ارنہ ماےٚ بھوانی ہنٛدِ شاعرانہٕ موضوع تہٕ شاعرانہ تجربہٕ چھےٚ تازٕ چھےٚ سپدان۔ تیٚتھے پاٹھی چھےٚ دورٕ ریج، نسوانی آہنگ تہٕ بیقرار درد و سوزٕچ مجسمہ زانہٕ بینہٕ واجنہ حبہ خاتونہٕ ہنٛز یاد اُری نہٕ مالہ ہنٛز شاعرانہ لےٚ وُچھتھ تازٕ سپدان۔ بلکہ چھہ پیٚٹھان دورکیٚ وُنیشُن تام نشاندہی منٛز آمتو واریاہ عواملن تہٕ محرکن دورکین عواملن سینٛز ہیٚشر تھوٚنگ باس ہیوان دِتِھ۔ تہٕ کیاز اَکس منٛز چُھ تلس ییٚچھ چھےٚ حبہ خاتونہٕ ہنٛدِس شیرنٛچ یوسف شاہ چکنۍ پاٹھو اُرینہٕ مالہ ہنٛدٕ رٕوُن بھوانی داس کاچروٗ تہٕ کیٛشرِٕ نا گفتہ بہ عذابن منٛز ہیٚمنہٕ آمُت باسان۔ الغرض منٛز تلس ییٚچھ چھےٚ یوسف شاہنیٚ پاٹھی تُکُشند فریب خورد اندر ووٗن تہٕ اُتھ کشمکشس منٛز مُبتلا باسان زِ:

مرا دردیست اندر دل اگر گویم زبان سوزد
وگر دم در کشم ترسم کہ مغز استخوان سوزد

یہ کتھ چھےٚ سٲنِس لایقہٕ زِ نسلی برتری ہُنٛد احساس ہیٚتھ کاشرِس
رعیتَس وٕسی پاپہٕ مخلوٗق (دوٚیمہ درجکہ شہری) زانن والین موغل
حاکمن تہٕ پٹھان حاکمن ہمیشہٕ طرفہٕ سپدن والین کشمیر بیتہٕ گٕژھ یلغارن
چھُ مجموعی طورس سکھ حکمرانن تہٕ ڈوگرہٕ حکمرانن ہنٛدین یلغارن سیٚتھ
دارباہ ہشر اوسمُت' اَتھ حدس تام زِ حکمرانن ہنٛد اَکس مذہبس یا
بیٚیس مذہبس سیٚتھ وابستہٕ آسنہٕ کھوتہٕ چھُ تِہنٛد ہُنٛد موقعہٕ پرست
تہٕ اقتدار پرست آسُن ٹاکارٕ پاٹھۍ نۄن نیران۔ چنانچہ چھےٚ کشیر بیٚیتھ
پننیو ژٕرِ قبضہٕ بناون واجینو تہنٛز حکمت عملی تہٕ لگ بھگ ہیٚشی
باسان۔ یِمو ریکارڈ نہٕ سپدو تہنٛز حکمت عملی شیٚنتھ چھےٚ یہ کتھ بُچھ لوان
زِ یِتھہٕ پاٹھۍ گٔیس اَڈبرٕ ننیس تل ہیٚتھہٕ بدین تابان نارکن ہنٛز گژھتہ
بیٚیتھ اَکھ حدس تام ژھوکان تہٕ موٗثان چھےٚ زِ بعض چیزنہٕ اَتھ وسیع
اسمانس ہیٚتھ اَکھ ناو دکھ تہٕ نظر گژھان۔ برابر چھیو ننتھےٚ پاٹھۍ ۱۵۸۶ء ہیٚس
منز شروع سپدن والہٕ کشیر بیتہٕ گٕژھ موغل اقتدار پیتہ تیٚز کال تام
کاشرٕ زبٲنی ہینہٕ آسمانن ادبکیو پرزلوٗنی نارکہ تہذیبی یلغارکیس اَڈبرس
تل اَدوی رنتھ ہیٚی باسان۔

یہ اَڈبر چھُ بتھ پٹھان دورس تہٕ سکھ دورس منز بیٚیہ ہن تہٕ
گنان۔ چنانچہ یِتہٕ کاشرٕ زبٲنی ہنٛدیس تخلیقی سلسلس حبہ خاتونہٕ تہٕ
حضرت حبی نوشہریس پتہٕ اَکھ زبردٕسٹھ ناریک دور باگہ یوان چھُ، یتہٕ
چھِہ اَرے نہٕ مالہ پتہٕ تہٕ کاشرِس اظہارس دم پھٹھ کرن واتھ تھتھ

نیٚہ پیٚٹھ جٲری روزان۔ گویا پیٚٹھمس شتس ورۍہس مٔنز چھ ہنٛدین مظالِمن ہُند دور، حکومتن دوران تہٕ چھیٚ قومی شعور مارنہٕ آمُت۔ اکھ اہم ہیٚن ژھٲنٛڈ کشیٖرِ پیٚٹھ کس نیم کُشتہٕ گریٚہ آمتس ژانگس مُقدر بنان۔ ۱۰ما پوٚز یِتھ پاٹھۍ ایرانس اندر چنگیزی تہٕ تیموری دورکین ظُلم و جبرن ہنٛدِس وُنیٚدار پوٚت منظرس منٛز تیٚمہ کال تام دم پھُٹِتھ روزن پیٚیہ تیتہٕ کیہ اجتماعی لاشعورک بال بُرتھ گیہ نیٚتھ اعلیٰ پایہٕ صوفیانہ شاعری ہنٛد کوٚہ گرناگ بارسس انان چھ برابر چھُ تہنٛدۍ پاٹھۍ یِتھ ایران صغیرس منٛز تہٕ سون اجتماعی لاشعور منعکس تہٕ پُر آشوب حالاتن ہنٛز وُلہٕ تل کاشُر صوفی شاعری (لیٚمہ ہیٚشہ پمپوشکۍ پاٹھۍ) بارسس آنان تہٕ کاڈ لٲدنہ وان — پتہٕ چھیٚ بدلہٕ ہاوی حالاتو سٕتۍ لا تعلق باسن وٲجینہٕ یا فرار چھ رواداری باسن واجینہ سوے صوفی شاعری موجودن حساب تہٕ تسنٛدین سۄ چھ زال بیٚیہ کرم بلند ہوٚین روشن ضمیر شاعرن ہنٛز سے بنیتھ ہمکال حساس زخمی دلن مہلہٕ بنن ہوان۔

تواریخی نشاندہی کرنہٕ ژنگی چھ سانیو کینژو ادیو مختلف ماخذن کٲم ہیٚتھ اُریٚہ بالیہ ہُندِ ناسنہ ۱۷۳۸ عیسوی تہٕ مرن سنہ ۱۷۷۸ عیسوی قرار دِیُتمُت۔ یِتھوے بیٚیو کینژو ادیو چھ محمود گامی سُند زاسنہ ۱۷۶۵ عیسوی تہٕ مرن سنہ ۱۸۵۵ء مُتشخص کوٚرمُت۔ امہ قسمہٕ کین اندراجن ہنٛدِس بُنیادس پیٚٹھ ہیٚکہ یہ کتھ وَننہٕ یِتھ زِ اُریٚہ بالیہ ... سُند گامیس فقط ۲۷ وری بُڈ آسان۔ تہٕ یِتھنے

راندراجن ہندین بنیادس پیٹھ چھُ وننہٕ یوان زِ مختلف پریشانین منز مُبتلا گژھن واجِنہِ اَتھ ادٕبی مال چھُنہٕ فقط ژیٚمہِ وِزِ ہُند دٲرشہ منز ہران۔ گویا محمود گامی چھُ امہِ حسابہٕ تہٕ شندٕ مرنہٕ پتہٕ تہِ فقط تُہنٛد ووہُن آسان۔ مگر سُہ چھُ اتھ ادبی مالہٕ پٔتھ سستحقن ؤری ین زندٕ روزتھ تمہِ تُہنٛد ہران۔

محمود گامی چھُ دِلہٕ منز بسیار ہکو مُزند چھِن دٲلس حضرت امیر خسرو سُند یی پاٹھی کشیرِ ہند افغان دورِ حکومتکی سِکھ دور حکومتکی تہٕ ڈوگرہ دور حکومتکو وون ہُنجہ کرن والی واریاہ سلسلہ جشمو وچھان۔ ادبی مالہٕ ہند زینہِ پیٹھ محمود گامی سُندین مرنس تام یعنی ۱۷۳۸ء پیٹھ ۱۸۵۵ء تام پھلیتھ اَکس تِتھس تہٕ سِندہِ ہتن ؤری ین دوران ووتلن والین ادیبن تہٕ ادب پارن بارسس اَنتس منز کارفرما رودی میتین سماجی عوامِلن بیتیہٕ سیاسی تہٕ اقتصادی حالاتن کُن سرسری اشارٕہ کرنہٕ خاطرٕ تہٕ چھِ واریاہ وقت درکار۔ بشنہ اگر ادبی مالہٕ پٔتھ محمود گامیس تام گزر میتین شاعرن ہند انفرادی ذکر الگ الگ مقالو خاطرٕ مخچہ تراوو۔ لہٰذا اگر وسو فقط ادبی مال شعرپنج نیوس بنہٕ پیٹھ محمود گامی زینس تام تھک کاشر ماحول زیر نظر اَنتھ کیفرشن اَندر ٹین ہنز کتھ۔

ضمنًا کرو اَسی ادبی نالہِ متعلق کرنہٕ آمتین کیٚنژن مفروضن تہٕ امکانی واقعاتن ژھین دِتھ اصلیت زانہنچ تہٕ کوشش تہٕ یِتہِ کرنہٕ خاطرٕ پنہِ اسیہ کم اَندکم اَکس ہمکال فارسی شاعر سُند کلام بین السطور

پٔرنکھ تہٕ حاجت خاص کٔرِتھ اَمہِ وجہ کینٛہہ نہٕ اَمہِ دورٕکین کاشرین شاعرن ہِنٛدِس کلامس منٛز چھہٕ سماجی عکس تہٕ سیاسی طنز نہٕ آسنس برابر نہٕ تہٕ چھےٚ بعضے صورتن منٛز سیاسی شعور والین شاعرن ہٕنٛدِ کلامٕچ داخلی شہادت ناطیق تواریخن ہٕنٛز کامہِ تہٕ دوان۔

کشیرِ منٛز چھِنہٕ شاعروے یوت کینٛژن پُر آشوب دورن اندر غالب سیاسی حالاتن ہٕنٛز تہٕ ثقافتی اہمیتہٕ کین اہم عنصرن ہٕنٛز باوتھ کُملے منساوِتھ بلکہ چھُ سانین کینٛژن مشہور مورخو تہٕ تذکرہ نویسو تہٕ پیٹھ کالہٕ پیٹھٕ اَز تام تمدنی اہمیژ ہٕنٛدین نگارشو مُنسازن ہُنٛد معمولی تذکرہ تام کٔرِتھ پننین اندرٕ پنٕن چھپیہ دِتمٕت۔ یہ رُوِیہ چھا تمو کُنہ مصلحتس تحت اختیار کورمت۔ کینہہ ادیب ثانوی درجکی شہری زانٛنتھ (یا کانٛہہ ادبی کام ثانوی اہمیتٕچ کام زانٛنتھ) تہٕ ہیکو نہٕ شیقہ باوتھ دِنتھ مثلاً کلہن پنڈتس نِش شتی کشٹس یا شری کشٹس (سیدہٕ ماٹس) ہیوس کاشُہ کاشرِس شاعرس ہُنٛد ذکرٕ نہٕ میلان۔ زونہ راجس نِش لل دید تہٕ شیخ العالم ہیوین عہدساز کاشرین معمارن ہُنٛد ذکرٕ نہٕ میلُن تہٕ سیّد علی ماگرےبس بہارستانِ شاہی ہِنٛدِس مُصنفس تہٕ حیدر ملک ژاڈُرس نِش حبہ خاتونہ ہُنٛد ذِکرٕ نہٕ میلُن۔ حالانکہ یمو درباری مورخو چھُ ہمکال حکومتہٕ کین جمعدارن تہٕ اردلین بلکہ تمہٕ کھعو تہٕ کینٛژن معمولی اہل کارن ہُنٛد ذکرٕ تہٕ بڈٕ تفصیلہ تہٕ مبالغسان کورمت۔

اَتھ صورت حالس منٛز اگر اَکھ نہٕ حالہ ہِنٛدی قریب العصر خواجہ

محمد اعظم دیدٕ مری، مولانا عبدالوہاب شایق تہٕ میر سعداللہ شاہ آبادی ہیوٚک موٗرخ پننین پیشروٚن ہنٛز روایت پالان چھِ۔ اَمہٕ گژھہ یہٕ تٕہنٛد تہٕ کانٛہہ مُلالہٕ پتہٕ گژھن۔ خاص کٔرتھ یہٕ زِ اَتھ نُسخہٕ زِ تِہنٛز نظر منٛز چھُ قابلِ ذکر شی شاعر اوسمُت یُس رایج الوقت فارسی ییٚس منٛز اظہارِ خیال کران چھُ اوسمُت یا یُس وقتٕکین حاکمن ہنٛد مداح تہٕ پروردہ چھُ اوسمُت خواہ شُدہ حاکم کونہٕ آسہِ۔ کٲشرِن تہٕ کشیٖریَتس لَتہٕ مؤنٛڈ کرن ووٚلے۔

یہٕ کتھ چھےٚ نہٕ ہُشراہ زِ کشیٖریَتہٕ مؤنٛڈ کرن وول افغان دورِ حکومت چھُ ۱۷۵۳ء پیٹھہٕ ۱۸۱۹ء ہس تام چھلہٕ تھہٕ اوسمُت۔ کشیٖریَتہٕ کیٚس پٔتھ پہلوٗ وس تِہراں کرن وول سِکھہ دورِ حکومت چھُ ۱۸۱۹ء پیٹھہٕ ۱۸۴۶ء تام نافِذ اوسمُت۔ اَمہ پتہٕ آیس ہتتس وَرِیس تام کٲشرِن تال دکنہ خاطر یاوِتس یتھہ والہ ڈوگرہٕ دورِ حکومتکہ نو وَری وِچھتھ چھُ محمود گامی یتھہ عالمہ گژھان۔

اَتھ کتھہ کُن آو اشارٕ کرنہٕ زِ کٲشرِن بحیثیت مجموعی نسلی برتری تحت لَتہٕ مؤنٛڈ کرنہٕ کہِ لحاظ چھُ حبہ خاتونہٕ چھےٚ یِنہٕ وٲلس مغل دورِ حکومتس تہٕ اَرِنی مالہٕ چھےٚ یِنہٕ وٲلس دورِ حکومتس تہٕ محمود گامیس چھےٚ یِنہٕ وٲلس سکھ دورِ حکومتس کشیٖر کِس منٛز واریاہ ہنٛز اوسمُت۔ خاص کٔرتھ چھےٚ ہمن دون زنانہٕ شاعرن بیٚیہ تہٕ کیٚنژن معاملن منٛز ہشر چھےٚ ییوان۔ تہٕ زن گو دوشوٕنی چھُ کینٛژن کالس زِندہٕ معیدس چھےٚ ییوان۔ دوشوٕنے چھےٚ یارِم حاکمن ہنٛدِن پیٚھٹہ ڈولن

تہٕ صوبیدارن ہٕنٛدِ طرفہٕ کشیرِ منٛز تٕژ راوِتھ یِنہٕ واجنہٕ ظُلمچہ تأوِ منٛز کأشر
ثقافتُک تلمبٕریُن چھُنہٕ وُچھان۔ دوٚشوٕنی ہٕنٛدِ کو خاندار چھِ بڑٕ اعلیٰ شاعر
تہٕ ادب دوست آسان۔ دوٚشوٕنی ہٕنٛدِ پُرسوز اظہار چھُ وٕژنَس پانُن
وٕسہٕ پہلہٕ تہٕ موسیقی پٔنٕٹ سہارٕ بناوان۔ دوٚشوٕنی چھُ ہیوٚسے راوُن
تیوٚل تہٕ اندرُوٚٹ لٔلوُن پیوان۔ فرق اُس یِہے زِ اَکِ شٕنٛدِ رٕژن اوس
وقتُکو حاکمَن فریبہٕ سیتھ کشیرِ ہٕنٛز نیٚتھہ یِرہال بنوومُت۔ بیٚیلہِ زَن
بیٚیِس شٕنٛدِ روٗزن وقتُکی حاکمَن وطنَس اندرے وار آگہ لدِ معاملَن ہٕنٛدہ
ذمہ وار بنأوِتھ راتھس دوہَس لرزِ پر اندام بنوومُت چھُ آسان۔
چنانچہ چھُ اَمِ بیٚتہِ حالہِ ہٕنٛدِس خاندارِس لیٚنہ روٚزی دارِ کٕس منشی بھوانی
داس کاچروٗکس ۱۷۶۲ ہَس منٛز پٹھانَن ہٕنٛدِ منصب دار بنہٕ پٔتھ سُکھ
جیوَن مل ہیوِس پٔنٕنس پیشرو گورنرِ کشیرِ شٕنٛدِ سٕ انتقام یُس پیٚتہ وِزِ اُچھن
تل روزان یُس تَس بأر علم و فضل اُچھ گوٚرِتھ یِنہٕ پٔتھ تشکیلہ منٛز وُچھن
اوس پیومُت۔ اَمہ علاوٕ اُسہ پٹھان دورَس منٛز کشیرِ دٔر اَکہ سٕہ مطالب
تہٕ بٕٹلی ہوکرباسی آفاتہٕ سماوی تہٕ اکادِ لٔگہمتو۔ ییٚمہ کنہِ کأشرین ہٕنٛد
سعہ کیچھ سان تہٕ عزتہٕ سان زِندٕ روزُن محال ہیوٗ بنیومُت اوس۔ بدقسمت
بھوانی داس کاچرُو اوس ہِتھی پُر آشوب دورَس منٛز کشیرِ ہٕنٛدِ
منصب دار بنتھ اَکِس اَز مأیشہ منٛز ہیٚنہٕ آمُت سٕہ اوس پٔتھ ہٕرِ کٕنہ
آور ہیرک تہٕ تأکین ڈیہرِ یِنہ پیٚنک تفصیل یِنہ روٗس بٔٹھتو گچھِ ووٗچھ
اَمِ بیٚتہِ حالہِ جرف پہ باس دِوان زِ "یہینہ آس ہیٚنہٕ تہٕ" تفصیل اُسمُت

اَدٕ موو کھ وَنان زٕ خبر کٲشِرِ یارٕ بَل کاکنہٕ نِشہِ مانیرس کتھ زٕ میأنس ریہِنس چھُ تھوٚد عوہدٕ آسنہٕ باوجود تیٚمہِ ہیٚمہِ قِسمُک ذہنی دباو۔ بحیثیت اَکھ منصبدار اوس بھوانی داسس چارو ناچار پٹھانن مُینشد پھٹھوٚل بنن تہٕ ملازمتہٕ چُھ ذِمہ دأریو نِشہِ عہدہ برآ سپدن ہیوان۔ پیٚچھہٕ اوس بحیثیت اَکھ ذہین تہٕ ہوشمند کأشُر تَس مُروجہ فارسی شعر و ادبس منٛز اَکھ منفرد آواز بنٕنُک شوق تہٕ یِمہٕ پأٹھی غالب سٕپدُن مگر یِمن سارنٕے سِلسِلن ہٕنٛد آورہ اوس تٔمِس گھریلو زندگی پیٹھ سیٹھا ناکارٕ اثر ترٛاوان۔ تمکیاز تمِس عدم موجودگی منٛز اُس اَرِہ نہٕ مال ہمیشہ تہٕ زامہ ہیٚنزن نفرو بچن لگان۔ خاص کرِتھ بییلہ شہ کیشرس کالس گھرٕ اَژنُک تام وقتے اوسنہٕ لبان۔ تہٕ اَرِہ نہٕ مال اُس اَندرٕ ژٕ پادٕ کرن وألِس اُتھی ماحولس منٛز ووٚپھ تیٚنٛدرکران تہٕ برانٛتھن کوم کرِتھ وَنان سہ

اَتہٕ ڈٕبہٕ زٕہاپھے دٕرِ چس ہٹس گوم  دأرِ نیٚچہٕ ژس گوم، اوٚشن ماآم

بحیثیتِ اَکھ فارسی شاعر اوس بھوانی داس کاچرو نیکو تخلص کران۔ فارسی دان طبقہ اوس تٔسندین ترجیع بندن غزلن تہٕ بحر طویلہٕ کِس تجربن کھتٕر نظرٕ دِوان۔ اما پوز تٔسندین شعرن منٛز اُس درپردہ کأشرہ ہِن ہیٚنٛد منظوم سِتیِ شکایت گُچھتھ آسنہٕ باوجود ستھ ھِھ ٹِھٹھہ ہیش تہٕ نیران۔ مثالہ پأٹھی چھِہ تٔسندِ اکہِ زیٚٹھِ ترجیع بندُک ابتدأیی تہٕ آخری بند پیش۔ گوڈنکس بندس منٛز چھُ شیٚنہِنس دِلس

کُن تہٕ آخری بندس منز آسمانس کُن روٗے سخن کرِتھ بوس ژھانژھاوان
گوڈنکس بندس منز چھُ پنُن اظہار اَتھ کنِتھ پیوان ختم کران زِ میانہ
دِلاژ کُس کرِ کَس شکایت اَسۍ چھِہ پننی شامتن وٕلۍ متۍ۔ ہیٚتۍ میانۍ پانٕھ
صبرس کامٕ تہٕ وُچھان گژھ میون خدا سے کیاہ کرِ! بھوانی داس
نیکو سُندۍ لفظ چھِہ ییم ؎

اے دل چہ کنی صلاح و تدبیر | در دشتِ قضا رہِ رضا گیر
بر تودۂ خاک آرزو چند | از قوسِ خیال مے زنی تیر
اعمالِ خود است حاکمِ ما | چرخ و مہ و مہر را چہ تقصیر
ہرگز نکنی شکایتِ دہر | این جملہ ز قسمتِ ازل گیر
بشکن قلم و بسوز دفتر | در آب بشوی این طوامیر
بگذار فسون و این فسانہ | بشنو سخنِ خرد ور پیر
ہرگاہ نمے شود مبدل | تقدیر کسی بہ صلاح و تدبیر
بر خاکِ رہِ رضا نشینم | بارے چہ کند خدا بہ بینم

آخری بندس منز چھُ بھوانی داس نیکو پنٕنِس کیفیژن اندرِم
زیوٗ اَنِتھ نیمِن مجبوٗرِن ہنٛد پردہ چاک کرُن یژھان۔ سُہ چھُ
پرٕ گرٕ و دسہ کرِ گگر تھراج کرنہ ییٚنہ کیٚنہ حالاتن کُن وُچھتھ ویدکھ
دوان تہٕ آسمانس چھُ زمانک عکس زاٗنِتھ یژھان: کیا چارس
مذہبس منز چھُنا میانۍ چھوکن مہلامہ سپدُن کُنہ جایہ لیکھتھ؟
پتہٕ چھُ بلیہ راضی برضا روزنک رویہ اختیار کرِتھ پانس فرِیاد کرنُک

تلقین کران یتھ پاٹھو ۔

اے چرخ بہ من گزند تا چند — زخمِ غل و قید و بند تا چند
در مذہبِ تو دوا روا نیست — با این دلِ دردمند تا چند
بر آتشِ اضطرابِ دلہا — اے از شررت سپند تا چند
ما بسمل و تو کماں در آغوش — بر دوش زکیس کمند تا چند
نیکو تو گذار این زمانہ — نیکو کند و نژند تا چند

بر خاکِ رہِ رضا نشینم
بارے چہ کند خدا بہ بینم

اَمہِ ترجیع بندُک اَکھ اَکھ لفظ چھُ ییمہِ کنہِ ہیٚنز داخلی شہادت بہم کران زِ بھوانی داسُن رُم رُم چھُ انقلابس پرٛاران۔ مگر ژیٚڑ ہیٚتھ چھُ تس حالاتن ہیٚنٛدیٚن گرد آبس منز پیٚٹھ کھۄر تام تراوُن پیوان۔ نتہٕ اوسنہٕ مُمکن زِ یتھ ہیوٚ دردمند شاعر اَسیتھ کریہے سُہ اَمکہِ نہٕ خالہِ سیتہِ تیتھ ظُلم یا دغا یُتھ تکہ کتھن تحت اگر نہٕ آمُت چھُ۔

کانٛہہ تہٕ خوبصورت اَرِہ نہٕ مال تراوِتھ بھوانی داسُن بدکردار بنُن چھُنہٕ اَمہِ لحاظہ تہٕ ییٚہُن لایق باسان زِ سو چھےٚ انتہائی حساس زنانہ ثابت سپدان۔ تخلیق کار تہٕ موسیقار آسنہٕ کہ حیثیتہ چھےٚ بھوانی داسنہٕ ذہنی تھکاوٹ ژلنا وِنکہ وَل تام پاپہٕ ناوان۔

مگر پلہ ہاٹِ لنٛچہ اَکہ تکہ دلیلہ موجب چھےٚ بھوانی داسنس آوریرس دوران ہَشِ تہٕ زام ژلیتھ اَرِ نہٕ مالہ سخ اِذا دِوان۔ خاندارس

پھاٹون واد چھ بھوانی داسس پریشان کران تہٕ ییٚپاٲر کر چھےٚ اُمہِ سٕنہٕ مال مالیٚش ژٕلنس پیٚٹھ مجبور کرٕ ھان ۔ پتہٕ چھ بھوانی داسس نش نادس گژھن پننس عوٲمس تہٕ شہرداران بوٚشس خلاف زامان۔ ہُپارِ چھنہٕ ہمیشہ تہٕ زامہ ہنٛدِ طرفہٕ بے دردی سان کڈنہٕ ییٚنہٕ پتہ اُمہِ سٕنہٕ مال روٚن نادس ییٚنہٕ وراٲے رٕ عٲز دور واپس کھسنس پیٚٹھ آمادٕہ سپدان۔ تس چھ ہمیشہ تہٕ زاٲم ہنٛدِ طرفہٕ گژھو منز کڈنہٕ ییٚنس ناروا سلوک سپدمت آسان، لہٰذا چھس تمیک ٹیوٚٹھ اظہار یتھو شعرو تہٕ ناوان ؎

ونہٕ ویٚسی کُس کس ونی پزٕ رے ہ کُس ونیٚب کریٚژھ گوم
ہریٚژہ لوٚمتم نیٚندرِ ہریٚزے    مزٕھ مزٕھ بند شیٚنچھ گوم
سون نیوٚنم رژِھ رژِھے    کُس ونیٚب کریٚژھ گوم

اگر اَسہ یمن شعرن منز توٲرِیخی کالن تہٕ کاشرین ہنٛدِ اجتماعی شعورس کیٚن آرگی ٹاینپن واٹھ دِنچ کوٲشش کرو، تیلہ باسیہ اَسہ یہ کتھ کیٚ ترم زِ حبہ خاتو نہٕ ہنٛدِس "ژِ کمیوٚ سون میانہ برم دِتھ نیوٚ نکھو" وژنس منز ورتاونہٕ آمژٕ سون چھنہٕ کانٛہہ زنانہٕ بلکہ کشیر ہٕنٛد اقتدار اعلیٰ تہٕ عزتک دستار ییٚتھ یوسف چکس بغرب کشیرِ ترنس پیٚٹھ مجبور کرن وول اکبر بادشاہ یمکھ سماجی عکس ییٚگ اَرہ نہٕ حالہٕ محمود گامی ہین وارہاہن وژنن تہٕ ووہ نلیٚتھ۔